# سٔتی سَر

# مُلا قاتھ نمبر

ایڈیٹر

مکھن لال کنول ۔ جواہر لال سرٗور

کشمیری بھاشا وسنسکرتی پرتشٹھان (سمپرتی) جموں ۔

# اُستی ہَر

# مُلاقاتھ نمبر

ایڈیٹر

مکھن لال کنول ۔ جواہر لال سرُور

کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتشٹھان (سمپرتی) جموں ۔

| | |
|---|---|
| ناو | سٔنی سَر |
| وُری | ۲۰۰۲ |
| شُمارٕ | ۵ |
| ایڈیٹر | مکھن لال کنول - جواہر لال سرور |
| چھاپ خانہٕ | جے کے آفسٹ پریس دِلی |
| خوشنویس | موتی لال مصروف |
| ناشِر | سمپرٔتی رجسٹرڈ |
| مول Rs. 200/= | زٕ ہتھ روپیہ |
| سرورق | سٕرکھوٗت پیسری |
| کِتاب میلنُک پتاہ | (۱) کشمیری پنڈت سبھا امپھلا جموں<br>(۲) ۵ اپنا وِہار جموں ۱۰<br>(۳) کِتاب گھر کنال روڈ جموں |


قلمکارن ہٕنٛزِ رایہِ سٍتی ادارُک
مُتفِق آسُن چھُنہٕ ضروری

# ترتیب

# پیٚش لفظ

پٔتِمِس ژۄرِ وَرِی دٲرِ سمپرتی کاشُرِ ساہِتہٕ پایہٕ کیٚن اَدیبَن ہٕنٛزِ مُلاقات پروگرام مُنعقد کران۔ یِتھیَن پروگرامَن منٛز چھِ گُزرٕمژَن یا موجودٕ ناموَر شخصَن مُتعلق لیکھ پرنہٕ یِوان یِہٕنٛز زندگی کارکردگی، ادبی تہٕ ثقافتی دِلچسپی مُتعلق چھِ زان کرناونہٕ یِوان بوزَن والیٚن چھِ پایہٕ تِمَن سٕتؠ موکھ سوال کٔرِتھ یِہٕنٛدِ زان حٲصِل کران۔ دُشنام یِمَن اَدیبَن ہٕنٛزِ یِتھی مُلاقات پروگرام مُنعقد سپدی یِم چھِ وِیدی شخصیتہٕ تہٕ ناموَر تہٕ۔

یِمَن پروگرامَن ہٕنٛز کاروائی آیہٕ قلمبند کرنہٕ تہٕ شُنی کرِتھ یِتھ خصوصی شُمارس آیہٕ شکل دِنہٕ۔ یِمَن سرکردٕ شخصیتَن ہٕنٛدۍ اسہٕ اَرتام مُلاقات پروگرام کوٚر تِم چھِ شری ارجن دیو مجبور شری ہری کرشن کول، شری پُشکر بھان، شری کاشی ناتھ باغوان تہٕ مکھن لال بیٚکھ۔

سمپرتی ہُند آیندہ تہٕ یِتھی پروگرام جٲری تاکہٕ ساہِتیَن زِندٕ اَدیبَن تہٕ کلاکارَن ہٕنٛد دُیت پیٚیہ تہٕ گال کھاتس تراونہٕ تہٕ منتشراونہٕ۔ اَسہٕ چھُ احساس زِ ساتہٕ موکھ کرنہٕ کاشہٕ سرکارِ ادارٕ یِتھی پروگرام لِہٰذا چھِ ساتِی زِمہٕ وٲری تِہ سٕہ کرِو یِتھیَن ناموَر تہٕ زِندٕ اَدیبَن قلم کارَن تہٕ کلاکارَن یِرٕتھ اِنفرادی یِہٕنٛد دُیت مدِنظر تھوٚوِتھ حوصلہٕ بڑاوُن تہٕ یِہٕنٛز ماحہ زیو تہٕ یِہٕنٛزِ کلچرس راچھ کٔرِتھ برتر کرُن تہٕ چھِ ساتِی ذِمہٕ وٲری۔

مٲنٛز گٔرِتھ یِہٕ خصوصی شُمارٕ تیار کرنس اہمیت تھوان۔ یِتھی پروفیسر رتن لال شانت، رتن لال جوہر شری مکھن لال کنول تہٕ جواہر لال سرور صاٲبَن شُکرگُزار چھ یِمو یِہٕ شُمارٕ تیار کرنس منٛز ذاتی دِلچسپی نی۔ امید چھِ ساتِی سرپرست کرن یِہٕ خصوصی شُمارٕ ملی ہیٚتھ پرشکھ پرن یُنیٚ تہٕ رٲچھ ادٕچ کوشش۔

موتی لال کیمو

# پیڑاوِش

أسی ییلہِ پیٚنہٕ نٮ۪ن نٮ۪من اسلافن پیٚٹھ نظر ترٲوان چھِ۔ یِموٕ کٲشرِ زبان
تہٕ أمیُک کُلہم اَدبی اثاثہٕ (نظم یا نثر) عروٗجس پیٚٹھ واتہٕ نوو مُت چھُ تہٕ تِہنٛد
دِیُت پزِ پٲٹھۍ تقلید لایق چھُ، چھیٚنہٕ تِہنٛز تمام تر زِندگی تہٕ تِمہِ کیٚن مُختلِف
گوٚشن مُتعلق اکھ کینٛہہ تہٕ نشان، چھُنہٕ کُنہِ تہٕ تِہنٛز زِندگی تہٕ تِمہِ کیٚن رنگا
رنگ گوٚشن ہُنٛد بے پناہ لگان۔ یہِ چھُ دراصل تِمہِ غفلژ ہُنٛد نتیجہ یُس زَن
اَتھ زبٲنۍ ہٕنٛدۍ یِتھ کالہِ کیٚو محکمو زٲنۍ تہٕ مٲنۍ تھ روا تھوو مُت چھُ۔ شاید چھُ
یِہے وجہ زِ ازکل چھُ وارِیاہ گُذریٚمژَن اَدبی شخصیژَن ہنٛدِس آستس پیٚٹھ
تہٕ سوالیہ نشانہٕ لگاونہٕ یِوان۔ یِہ چھا زٲنِتھ مٲنِتھ مصلحتن تحت یِوان
کرنہٕ کینٛہہ ۔ تہٕ ہیٚکہِ ییٚنہٕ دوٚل وقتن ثابت کٔرِتھ تکیا زِ دوہ کھوتہٕ
دوہ ییٚنہٕ أمیُک پھوت تہٕ کٔرِتھ مۆلہٕ آنکوٚن کٔرِتھ نوٚن کڈنہٕ تہٕ پزر
پزراوُن واٲرۍ ٹلن تِمن سارِنے بٔرن ماتھانہٕ یِم دُبہٕ تہٕ چھِ وقتہٕ کِس

گٔنٛجِس منٛز دفن گٔرِتھ چھ۔

کُنہِ تہٕ قومُک پزٕرتھ برقرار تھاوَن وٲلی تہٕ زبان ہیٚچھہِ ناوَن وٲلۍ چھِ تمہِ قومکۍ انٹلیکچول یانے لِکھٲری، گوٚنماتھ، قلمکار، فن کار طنز و مزاح نِگار، موسیقار، ڈراما نِگار تہٕ تنقید نِگار بنیٛن آسان۔ یِہ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ کوٚر سمپرتی مُلاقاتھ نمبر چھاپ کرنک فٲصلہٕ تہٕ کیازِ وَنہٕ دِلاۓ سیٚدی پتیٚمۍ اُدیبن تہٕ شاعرَن چھ چھیٚلہِ چھانگرِ گژھتھ ژھرمانَن چھکراونہٕ آمتۍ اُمرِ کِنۍ چھُ ادیبَس ہٮ۪تۍ واٹھ تھوَن والین ژٕلہٕ وٕنِس وقتس ہیتۍ راوٕنک زِیادٕ احتمال حال حالے سیٚدۍ موہن نراشؔ ۔ ہٮ۪بسی نردوشؔ وغیرہ ہیوٚۍ اُدیب اَسہٕ نِشہِ ژھیٚنہٕ تہٕ تِہنٛد زِندگی ہِنٛدۍ حالات زانٕنہٕ تہٕ موئومہ کرنہٕ خاطرٕ چھِ دوٚدٕ تحقیق کرٕنۍ ضروٗرت۔ اَمہِ وجہ کِنۍ آیہٕ بٔڈِس پایہٕ اُدیبن تہٕ شاعرن ہٮ۪تۍ مُلاقاتس دوران سوال و جواب کرنہٕ باپتھ مُختلِف محفلَن ہُنٛد اِنعقاد کرنہٕ۔ یَتھ منٛز مُلاقات کرن وٲلِس اُدیبَس تہٕ شاعرَس پیٚٹھ آے مضموٗن تہٕ پرٕنہٕ اور ہیتی آو یہنٛزِ زِندگی ہنٛدٮ۪ن منٛگا رنٛگ گوٚشَن تہٕ دَل دِنہٕ یِہ تہٕ آیہٕ تِمنٛدۍ راوتھ کوٚشش کرنہٕ زِ اُدیب سُنٛد ادبی نظریہٕ زِنٛدٕ روزنکۍ اُصوٗل، دھارمِک نُقطہٕ نظر تہٕ اَدبی سوچھ کیا ہیٚو چھُ۔ لہذا یِہ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ یِمَن قلمکارَن ہٮ۪تۍ اَسہِ مُلاقات کوٚر تِم چھِ شری ارجن دیو مجبوٗر شری ہری کرِشن کول، شری پُشکر بھان، شری کاشی ناتھ باغوان تہٕ شری مکھن لال تمو۔ یِہ کینٛژھا یمو پٮ۪نٕنِس پانَس تہٕ پننٕنِس اَدبی سفرس مُتعلِق وَوٚن تہٕ چھُ اَسہِ مِن وعن یَتھ کتابہِ منٛز ایمانداری سان دَرج کٔرِتھ تو یہِ تام

وانہٕ ناوٕنچ کوٗشش کٔرِتھ۔ دوٚمید چھُ زِ تۄہیہِ کرِو یہِ پسنٛد تِکیازِ یِمن اُدیبن
مُتلق گژھن ساری شک تہٕ شُبہٕ دوٗر تہٕ یِنہٕ واَلِس زمانس منٛز یِن نہٕ یِم
گال کھاتس ترٛاونہٕ تہٕ نہ یِنا یِمن مُتلق کُنہٕ تہٕ قسمکۍ سوالیہ نشان ترٛاونہٕ تہٕ
نہ ہیٚکہِ کُنہٕ قسمچ کنٛٹروورسی پاٚدٕ سپدِتھ۔

ستی سرکتابی سلسلکۍ یِم ترٛور نمبر ازتام چھاپ سپدِتھ نوٚہہٕ تام واتٕ اَسہِ
ڈاکٹر رتن لال شانت، ڈاکٹر رتن لال تلاشی تہٕ رتن لال جوہر صٲبنہٕ پُرخلوص
کوششن ہُنٛد نتیجہِ۔ اَسہِ چھہِ یمن ترٛنوٚنہِ بے لوٗث اَدبی تُژکی درِن امہٕ بابت
مُبارک باد تہٕ کران تہٕ شُکریہ ادا کرُن تہٕ پننہِ فرض زانان۔

اَز یک یہِ شُمارٕ یاتے مُلاقات نمبر چھاپ کرنس منٛز کوٚر ڈاکٹر رتن لال
شانت صٲبن ییمبک مواد وُچھتھ تہٕ شیرازہٕ کٔرِتھ چھاپ کرنس منٛز اَسہِ اَنتھ زورٕ
نہٕ رہنمٲیی۔ اَسہِ چھہِ امہٕ بابت یمن وژھِ وانجہِ شُکریہ اَدا کران۔

ایڈیٹر

مکھن لال کنول — جواہر لال سرور

موہن لال آتش

## ارجن دیو مجبور — زان

ارجن دیو مجبور چھُ کٲشرِ اَدبُک اکھ وۄزُد ناو۔ یہِ چھُ شاعرَس پتہٕ مۄدِ
تہٕ کھو وُرِ ینو بہتھ باقاعدہ لیکھان چھُ۔ اَمی چھِ ادبی تحقیقس تہٕ تارٟخس پیٹھ کٲم کٔرمٕژ۔
اَمی چھِ ہیئجورِس تہٕ رنجورِس ستی مشاعرن منز شرکت کٔرمٕژ۔ نادم، کامل، فراق تہٕ راہی
چھِ اَمِہندۍ ہمسفر۔ یہِ چھُ وقت پیٹھۍ منز مگر دیٖن چھُس کٲم کرنک بوگ عطا کورمُت۔
یہِ چھُ دُنَہ تہٕ لیکھان۔

دپان کٲشُرِس تہٕ اُدبس چھِ سماجی، سیاسی، زاتی، معاشی تہٕ معاشرتی
حالات لیکھتس پیٹھ اثر انداز سپدان۔ مجبور تہٕ چھُ ہمو دہلابو منزٕ ڈرامُت۔ اَمِنز
شاعری ہند ابتدائی دور اوس عوامی شاعری "عوامکۍ امانت چھِ یم مثالہٕ شارٕ"۔
"کلام مجبور" یہِ چھُ سُہ زمانہٕ ییلہِ پرتھ کانٛہہ ادیب شاعر تہٕ قلمکار پانس مارکسی
لیبل شوقہٕ سان لاگان اوس۔ اَمی لاج نہٕ یہِ لیبل شوقہٕ بلکہِ مجبوری موکھٕ تکیازِ
معاشی تنگ دستی، سیاسی افراتفری تہٕ جاگیرداری دۄلہٕ ہِشہِ وانٛتوِ یہِ انقلابس
نکھ۔ اَمی لاگ آلہِ نبرٕ نارٕ پھکار ژراو زِ کیٛنہِ شیشہٕ لیو تہٕ کھمبٕ لو کٔرِس کھور رنہٕ داوی
مگر یہِ گوب جگری سان بردہٕ تھہٕ پکان اَمِس اوس ننگ دستی تہٕ محرومی چاکہٕ گریبان
کورمُت۔ یہِ اوس زَن نارٕ الاوَس منز دُہان۔ ژۄ پاسے مجبوری منٛد عالم۔ اَمِس

تیلیٖوِ سماجی تہٕ معاشرتی زِندگی ہُنٛد ٹیٖچھر زمَن زمَن۔ اَمِس آسہِ شرِھ ہُنٛز لوٚپسٹکہ راوِس تل گاہٕ‌ژ۔ قدرَن ہُنٛز پامالی آس اَہنٛدِس شعوٗرس اکہِ بالہٕ کھاران تہٕ دوٚیمہِ بالہٕ پاتھلِس والان۔

زمانکہِ باوِ ہمس حالات ساری
دِلکہِ شر رِنٛدِ تے تھوِہمس ساری تارِ
وِشرارَن ہنٛدی سنبر ژھاٚرِتھ برابر
تہ دوٚہمس ژھانٛڈ تکھہِ یم گاشہِ آگر

مجبوٗرن بوٗد پنُن تصورِ حیات وکائینات گنہِ ابہامہٕ روٚس۔ اَمہِ سٕنٛد رتہٕ واوِ ایحساس رُوٗد کوٗنگہٕ پوشن مالہٕ کران۔ اہر بلہٕ کین آبشارَن نکھہ وِہِ اکھ دِوان تہٕ عقیدَن ہُنٛز عمارتھ وُھچِھ زَن چھلہِ چھلہِ پھرِس یوان لایِنہٕ۔

نِشانَن ہُنٛد نوٗوے ژھینہٕ کانٛہہ نِشانا
شرِ وکیمہٕ وَتھ تہٕ پکہٕ وِنی وانہٕ لانا
پتھ آمُت سوچہِ دِرِ یاوَن مٕے سیٖلاب
تہٕ یادداشتس گژھان ہَرن ہَرن چھہ بےتاب

یہٕ اوس مجبوٗر صاٖبنہِ زِندگی مَنٛز دوٚیم ارتقائی منزِل ییٚلہِ اَمِس خطابت باسیٖیہٕ زَن تہٕ شری گنِدٕن۔ وونی آو اَہنٛز شاعری مَنٛز تفکر ووُنی ہیوٗت اَہی ووندہٕ کین ناگہ رادَن مَنٛز دنجہٕ دَین۔ اَمِس گیہِ تجدید حیبہٕ آگہی پادٕ۔ جمالیاتک فِکر انگیز پہلوٗ ہیوٗتن وارٕ وارٕ اَہنٛدِس تخلیقی کنواسس رنگ برُن۔ اَہی ہیوٗت ووُنی حقیقت پسندی

ہُنٛد زرباب ولُن۔ تہٕ تخلیق کِس طِلسم خانس منٛز نایاب ہوٚئتہٕ دائن ہُنٛد امبر سنٛوٚمبراوُن۔

اوٚبُر ددٕنی آسہٕ زربِکی شال ووٚنان
سیاہ گٕٹہٕ آسہٕ واپس تیز دوٚران
لرِہن جائِن وُچھکھ ہُتھی خستہٕ گاہتی
درو دیوار آسن آو سیٚہتی
بُرِتھ لولا گُٹن گالن پکان گژھ
یِہنٛدٕ تصویر چیٚشمن منٛز رچھان گژھ
زِژر پاٹھا کرِتھ آہی ہنگان گژھ
ژٕ نارس منٛز تہٕ پوشے گُلی ووان گژھ

نارس منٛز پوشہٕ گُلی وُوَنک امار چُھ اکھ فکرانگریز سوال۔ اَتھ مُقامس پیٹھ چھُ تخلیق کار ترٛاَنس زمانس رفعتھ کرِتھ "نافہٕ" ژھانٛڈنکِس تلاشس منٛز آوُر سپدان۔ اَمی شنٛزن رگن چھ وارٕ وارٕ شرہہٕ ہیوان پیٚرن۔ ددٕنی چھُ یہٕ نوٚہن پربتن اتہٕ کرنس لگان۔

اَتہٕ پیٹھ چھ اَہنٛز شاعری مُشکھ ہیوان ژھٹنی۔ شاید چھُس جدید جسہٕ آگہی ہُنٛد نافہٕ کتہٕ نٲنی اتھ آمت۔

ناد امرتھ نارے نارے
گاشہٕ بٕرارے درشن بٕراو

سۆرساتس لال ماژارے

لولہ وارے دارِ ژُر راو

○

دُسی ارض وسما واتایہِ عالم

نہ چھس کُنہِ اندہ نے چھس نار ہکم

پرزنہ زانُن سہٹھا چھے گرُٹھ بارو

گرس پنہٕ نس کرُن چھے لُوٹھ بارو

○

نعیمت کیا کرے چھکھ پانہٕ واتِتھ

غروُرک بہہ ینو تھاوی ژرے پا دِنِتھ

اگر لوبن زژنکھ کینہٕ چھے نہ پراوُن

اہم مشر بازرس ما شوبہِ ژراوُن

دوزُ چھ مجبور commitment تلہ آزاد سپدان تہٕ دُڈہ وُن جاناورُ بنتھ ادبی آکاشس پا ڈ اسنزلُ ہیوان شیرُن ۔ اَمہِ پتہٕ گیہِ اَمی پشنر فنکارُی روُح کیس انحساسس بیدار کرنس مشر آدر۔

پیچ لیڈر بشاشت اُزِج ہنہٕ

سیمتی ہش ژراوان بالن پتھ

رکھہ ناوان سوندر شیلہ تہٕ پل

## ونہٕ چاوان لوٚکن شبنمی زل

بیٚلہٕ شاعرٕ وَنان چھُ "اُزٕج بشاشت" یہٕ چھُ ہاوان زِ تخلیقی پاٚزِن لوٚگ جدید حِسہٕ آگہی ہیٚندِس سرحدس منٛز پرواز کرُن۔ اٚتھی سیٚتۍ دگ وُزناوِنہٕ سِرتیکۍ راز کاپہٕ اَنہٕ پنٕج عمل شروٗع کرِن۔ یوٚتانٛے زَن مجبوٗر صاٚبنہٕ اَدبی اِرتقہٕکس سیٚر حاصِل حاٚیر نِنٛک سوال چھُ اکھ خاصیت روٗزٕ اٚہنٛدِس کلامس یہٕ زِ اٚمۍ چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ مِرحلس پیٚٹھ رِوٲیتی شاعری یا تک بندی کٔرمٕژ۔ مجبوٗر چھُ بحیثیت جذبات نِگاری تہٕ نظارٕ کٔشی ہنٛز ہونر زانان۔ سیٚکھ دوٚتس ترجمہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ باسان زِ شاعِر چھُ کالپداسنہٕ فِتہٕ تہٕ منظر نگاری سیٚٹھا مُتاثِر کوٚرمُت۔ وُچھتو یہٕ بنٛد باسان چھُ زَن چھُ سیٚکھ دوٚت کے انگ۔

سنگرمالہٕ وزُن گوکنہٕ نے

ونہٕ نے منٛز وٚونھ شاہپاٚزا

حِسس آس لوٚلک رس چھُس سہٕ نے

رسہٕ رسہٕ منہٕ نے گٔڈنس وٹھ

نکھہٕ آیہٕ سنگرس ہیٚونس وَنہٕ نُے

پنہٕ نے چھپہٕ وَن کنہٕ پیٚٹھ آکھ

٥

مُرادی وتن ہے پٔدی لاٚرِم

سرساٚدی ونن منٛز دوہ پاٚلِم

انہاری وُچھِم کاتیاہ منظر

پۆت وۆن اسر تہٕ سونہٕ ساوی سحر

شۆد، شۆزی وِہل آبکہٕ کوثر

پیٚمہٕ بُرزہٕ کلین دُہٕ وِنی کوتر

۱۹۹۰ءٚ پتہٕ گو غریب الوطنی ہندِس افسوسناک پۆت منظرس مشر بیٚتھ گرفتار زِ ایٚحساس تہٕ تخلیقن پیٚتِس نار تہٕ ہنگل آپراوِنی۔ اکھ الاوگو ہنگہٕ منگہٕ پادٕ سوزے کیٚتھہ بھسم کۆر۔ اُمِس گیہ تصورانن ہندی پتیم نقش زن وۆتھ بُرزی۔ اُمِس تونگ پہٕ اتھ دودلہرشہٕ تہٕ کہی کاسس کانہہ ڈیٚن۔ یہ گو خدایاتی آولیٚنس مشر پیٚتھ گرفتار زِ شاعری ہنز مہریتہٕ بارادِ کرنہٕ بدلہ موٗنہ اُمی ساری ہیٚتھس سودرہٕ پیٚتمہ ستی مہریتہٕ پیٚتن شوٗقل وۆجود چھلہٕ چھانگر سید۔

ونو مشر وِگنہٕ توٗپ کاسِتھ کِنکھ

سبزار ڈہلاوِکھ

پرستان ژنکھ

رۆدِ جیٚپر زاجکھ

منس پٕٹھ بہٕ وِنی چھچل رٲیل

پنھ نشاسکہٕ موٗلے گالکھ

حیاتکہ رحمتکہ آگر

سرے شامن گرے سارکھ

مگر بہٕ چھیٚو جلدے اُمِ بے ہنگم شورو شر مشرپۆت۔

ہنا ہیود فِکرِ۔ ہم مدرِ استعارٕ تٕہ تشبیہہ کٲرۍ اَمہِ غناوٕنی لاجبیہٕ یَمن سدا بہار
تہٕ رنگا رنگی پوشہِ لۆرِ ہنا کوٚر اَمہِ بیٚنیہٕ آلو اَمہِ شُد نسلچیا ووت بیٚنیہٕ تمہٕ سے
پوشہِ سرگَن، پاں ژادرن تہٕ آبشارن تکھ۔ یَیتہٕ اَمہِ شاعری ہٕشدِس موٚختہٕ کھٕتِس
مالہٕ لاجبیہٕ کرنہٕ۔

ہیوٚت راس گِندُن از بیٚنیہٕ بالو
ڈیکہٕ وُشناوُن ہیوٚت پآنٕتژالو
افتابن رتھ کوٚر تیز پھُٹن
وَن یارٕ بن دارِ بن تاپھ چھیوٚگن
شِتنہٕ ژادر لوٚت لوٚت وگلاوُن
سنہٕ سآسہِ سوٚنٕتل بیٚنیہٕ واہرآوُن
دِتھ دُوری نظراہ کوہ سارَن
"ٹکہٕ آو" شُتی سر سہہٕ لارَن

ٹکہٕ ئین چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٕد برملا اِظہار نہٕ ہیوٚک تہٕ پھُٹن یتھ کال
مُشرآوِتھ۔

ازکل ییلہٕ اَسۍ ہمعصر صابٕنہٕ شاعری ہُنر ہولہٕ آنکہٕ وَن کرو۔ صاف چھُ بُلسان
زِ ووٚنی چھُ اُمہِ ہُنز تخلیقی عملہٕ رنگ پُرزلان۔ اَمہٕ سندس کلامس منز چھُ تمی ہیٚتر
ہُنٕد شہرہ تہٕ "تازٕگی تہٕ ٹھٕ ماران یتھ ہیٚتر اَمس "سمعنن تہذیب" کین ہولہٕ لین
تجربن وِتھِ ہُنٕدٕ زیرو بم، علمدار سُنٕدین شرکین تہٕ لّلہ ماجہ ہُنٕدین

واکھن ہِنٛز پأرٕ زان کرناو۔

مۍ تخلیقکہِ رٕسلہِ سرمد نخھنہٕ ہیٚن
ہٕ نورٕکہِ بے بہا اسرار وۄتلن
ژٕٹکھ زولانہٕ اِنسانس سراسر
کرکھ آزاد سأری گیانہٕ آگر
نبس پیٹھ دُور شولان گاشہٕ تارکھ
زمانا نوٚو رتھے کھارٕن خلوٚ ھٕک
ٹُبری ہیٚندی ہوٚل گألِتھ دأرٕ سأری
کرکھ نیکی ہیٚندی دفتر بہٕ جأری

# ارجن دیو مجبور صابس سیتی مُلاقاتھ

بہٕ چھُس خوشی ہٕنز کتھ زِ از بیٚیلہِ اَسی جماہ سپدٕنۍ چھِ۔ بہٕ دوہ آو نوراترن مَنٛز۔ بہٕ دوہ چھُ اَتھ سارِنٕے ہِنٛدٕ بیٚتھ مَنٛز جرنلسٹ تہٕ چھِ ناول نِگار تہٕ چھِ نہٕ باقٕے لِکھارۍ تہٕ ہٕہِ۔ یَتھ مجلسہِ مَنٛز چھِ کاشُر لِکھارۍ علاوٕ ہِندی اردو تہٕ دوگری زبانٕ ہٕندۍ لِکھارۍ تہٕ مَوجوٗد۔ یمو مَنٛز چھُ کیٚنٛژو آتنک وادس مُتلق لیوکھمٕت تمے چھُ از ابوریحان یاد پیوان۔ از برونٛہہ ۱۰۲۳ ؤری اوس محموٗد غزنوی ہٕنٛدِس دربارس مَنٛز البیرٗونی اکھ بوٚڈ بارٕ تارٖیخ دان تہٕ اُدیب۔ اَمہِ وقتہٕ اوس محموٗد غزنوی ہنٛدوستانس پیٚٹھ حملہٕ کران، پنجابس زیٖنان تہٕ مندرٕن لوٗٹان۔ مگر دوٚیمہِ طرفہٕ اوس البیرٗونی یَس زَن بہلہِ پایہِ اکھ ریاضی دان، اکھ نجوٗمی تہٕ جغرافی دان ہنٛدوٗستانکس تہذیٖبس بیٚینہِ کِس توٲرٖیخس بیٚیتہِ کِس فلسفس تہٕ شاشترس سنسکرِتس مَنٛز زانہٕ پیٚچ کوٗشِش کران۔ سُہ اوس لیکھان تہٕ ترجمہٕ کرٕنٛچ کوٗشِش کران۔

از چھُس بہٕ زانٕن یژھان زِ اَسی چھا یژھان زِ سون تہذیٖب گژھ بنٛدوقہٕ سیتی غۆتم بٕ مُن کمہٕ بہٕ گژھ زِنٛدٕ روزُن۔ بہٕ بیٚیلہِ بنگال گوس تتہٕ سمکھیبہٕ سٕتی ہنٛی پوٗرٕ اکھ مزاہٕ لِکھارۍ۔ کتھ کران وَدٕن سٕے تمس زِ تہنٛدِس ریاستس مَنٛز

چھہٕ زِ کلچر یانے اکھ چُھ گن کلچر تہٕ بیاکھ چُھ تمُہُک کلچر نمہ گۄ۔ دوشوَے چھِ دوٚدُن۔ یِمَن زِ بانگٕ چھُ تامیے سُہ اکھ طاقتھ، اُدیبی چُھ سُہ اکھ طاقتھ تہٕ جرنلسٹے چُھ سُہ اکھ طاقتھ یُس یِمَن پاٹھۍ مُقابلہٕ ہیکہِ کٔرِتھ تہٕ اصلاح تہٕ پزرٕچ وَتھ ہیکہِ ہاوِتھ۔ تیٚتے چھُ یقین زِ یِمہٕ ریاستس منٛز ہیکہِ سیدِ ہیکرس تعلیم ادب تہٕ پزرٕچ جیت، عقلہٕ تہٕ سۄہی سوٚنچ جیت۔

تیٚتے چھُ یاد زِ البیرُونی چھِ کٔشیرِ مُتعلق داریاہ اِنکشافات کٔرِمٕتۍ۔ سُہ چُھ وَنان واکر چھہٕ کٔشیرِ منٛز اکھ گام ہیٚنہٕ اکھ برہمن روزان اوس تس اوس دستوٗر کرناو۔ البیرُونی چھُ لیکھان زِ از بردٕ شہرہٕ اکھ ساس وٕری یہٕ گٔر دستوُرٕ وِ بیٚدٕ قلمبند۔ اُمہٕ سیٚتی ہیکوٚ توٚہۍ انداز کٔرِتھ زِ یِہ سہ یہٕ ساٹھ ماہرٕ بھوی چھے یہٕ چھے دُنیہٕ ہیکین اہم کِتابَن توارِخس، فلسفس تہٕ باقیَن چیزَن سیٚتۍ وارہ پٔتھ کالہٕ پیٚٹھ واتھ تھوان۔ البیرُونیَن وۄن زِ اکھ کٲشُر برہمن ہیوا بلن آس لیچھیر کِتاب کِھنٛدکا۔ یِتھے پٲٹھۍ آس اکھ کِتاب یِہ سہ برہم گُپت سُنٛز آس تیتھ کوٚرُن عربی زبانۍ منٛز ترجمہٕ۔ برہم گُپت اوس بوٚڈ بارٕ علم نجوٗم زانَن ودل۔ یہٕ چھُ البیرُونین یہٕنس سفرنامس منٛز لیوٗکمُت۔

چونکہِ تیٚتے چھُ آمُت وَننہٕ زِ یہٕ وَنہٕ کیٚنژھہٕ ادبس مُتعلق تہٕ پانس مُتعلق وَنہٕ تہٕ یہٕ کیٚنژھہٕ۔ ازکلکی ہم اَدبی مسایل چھ یا ادبی دُنیہٕ ہُنٛد صورت حال چھُ۔ یہٕ یہٕ سیدِ سیٚٹھو تِتھۍ کٔرُن۔ ازکل چُھ سائنس مُلکس مَنٛز مادی دورِ طیس پیٚٹھ یانے یِرتھ کیٚنژھہٕ چھُ تجارتی نظرِ تولنہٕ یِوان تہٕ آسہٕ ادب تجارتی لین دین نِشہٕ بچاوُن۔ اسہٕ پزِ میوٚنٛچ زِ اَتھہٕ کیا پزِ کرُن۔ گاندھی تہٕ ٹیگورَن وَنیوو زِ ادب گژھہِ نہٕ اکھ اِنڈسٹری بناونہٕ یِنہٕ۔ یہٕ گژھہِ نہٕ بازارُک چیز بناونہٕ یُن۔ یہٕ چھیٚس وۄنۍ محسوس کران زِ ادب چھُ

یا نزری چھینز بنیومُت تہٕ یہِ چھ باضابطہٕ کینہہ دِنہٕ یوان۔

بیٚیلہِ اَسہِ ازکل کیس میڈیاہس کُن نظر تراوان چھ تمہِ منٛز چھِ ریڈیو تہٕ ٹی وی اکھ اہم پارٹ اداکران۔ یم چیز ریڈیو تہٕ ٹی وی یَس ہیٚتھ یوان چھ تہٕ سانٛی عام لُکھ زنانہٕ کہو ہرد، اُبڈی کہو لوکچ، چھِ نِلمہِ وُچھان یا رکارڈ بوزان تم چیز چھینہٕ محارِی نہٕ ہیرتہٕ چھُس نہٕ بذاتِ خود بانہٕ تہٕ ہیمو چیزو ہیٚنٛز مُطمیٖن سپدان۔ یم چیز ہیکن نہٕ سانٛس مُلکس برونٛہہ کُن پکنہٕ نادِتھ۔ مُلک آزاد سپدنہٕ پتہٕ رُٹ اسہِ اکھ غلط وَتھ تہٕ اسہِ لگی اُتھیٚ وتہٕ پکنہٕ۔ مِثالے رِشوَت خوری چھ جارِی۔ غُربت چھےٚ عام تہٕ اسہِ چھِ ہاوان ٹی وی کِس ذرِیہ سرو ڑٔیتی ہوی نماشہٕ۔ اَتھ منٛز چھینہٕ کانٛہہ شک زِ اَمہِ ہیٚتی چھےٚ رژھ کھنڈ اِنفارمیشن میلان مگر کرو ڈٔیتی پروگرام ہاونہٕ یا وُچھنہٕ ہیٚتہٕ چھینہٕ سانٛی مسایل حل سپدن وٲلۍ۔ تہٕ چھُی نہٕ اَتھ ہیٚتھ وِشواس۔ اَزیُک انسان چھُ تمہِ دورٕ منٛز گُذران یَتھ منٛز حرف ذرو حبر چھُے تہٕ جرایم چھ۔ دوہ کھوتہٕ دوہ ہُران۔ یِمن ناکارِ گیِن غلاف آواز تُلنہٕ چھُ میڈیا والین ہُنٛد فرض۔

تہٕ چھےٚ بے حد خوشی زِ کٔشیر تراونہٕ پتہٕ چھےٚ کأشُر پو پنڈتو ادبس تہٕ ثقافتس مسلق وار یاہ کام کرمژٕ تہٕ کران تہٕ چھِ۔ اَمہِ باپت چھُس بہٕ یِمن مبارکباد کران۔ حالانکہِ گرہ نیرنہٕ پتہٕ یانے کٔشیر تراونہٕ پتہٕ آے گرہ نالینہٕ نہٕ یِمن روزنہٕ کانٛہہ تھکہِ پینٛڈ۔ اَمہِ باوجود تہٕ چھِ یم لِکھٲرۍ جان جان کِتابہٕ لیکھان تہٕ جان ادبس دہ تھبو دِوان۔ نہٕ صرف ہرد بلکہِ زنانہٕ لِکھٲرۍ تہٕ چھےٚ یہِ کام برونٛہہ پکنہٕ ناونس منٛز پیش پیش۔ مسلمن اسہِ برونٛہہ چھِ وُنی کُن بملاجی

کمیتماجی تہٕ کوشلیاؔ ولی جی بیتریم زن شاندار اَدب برونٛہہ پکہٕ ناوِنس مَنز نِنہٕ
مِنہٕ سان کٲم کران چھےٚ۔ بملاجی چھےٚ سیٹھا جان واکھ لیکھان۔ باگوانؔ دید چھےٚ
بمبیہ مَنز کٲشرِس گوڈ بران۔ امہٕ زرگرس پتہٕ ہیکو باگوان ڈیدِ اُسی جان صوفی
شاعرٕ وَنِتھ تہٕ تمی سٕنز کتاب چھپنہٕ کنہٕ تہٕ رنگس مَنز کم پایہ۔ اُمہِ علاوٕ چھہ دِلسہٕ
تہٕ بٲتیہٕ باقین جاین کٲشرِ لکھاری کٲشرِس ادبس گوڈ بران۔ رؠٹہٕ جرنل ازٕ فک
سوال۔ اَتھ مادانس مَنز تہٕ چھپنہٕ اُسی کنہٕ قسمہٕ کم پایہ۔ مثلاً ڈاکٹر آر۔ ایل
بٹ صاب چھ سیٹھا خلوصہٕ سان جرنل ازٕ پیٚٹھ کٲم کران تہٕ اکھ توٗ نٲڑ ندٕ
کٔرِن پاد۔ بیٚیھی پاٹھی چھہ کیمو صاب ڈرامائی فیلڈس مَنز بہلہٕ پایہ کٲم
کران تہٕ پیٚنہٕ ینن ڈراماہن عام تکن تام واتہٕ ناوان یوٗتےٚ یوٗت نہٕ بلکہ بیٚ چھہ
تھوارکیس اَزکین ناسہٕ ترٲسہٕ حالانکہ ہیتی واٹھ دِتھ اسہٕ تام بہلہٕ پایہ ڈراما
لیکھی لیکھی واتہٕ ناوان۔ بہٕ چھُس اَزکین نوجوانن اپیل کران کہ تِمن پزٕ ادبکس
مادانس کُن بیتھ کیمو صابس ہیوٗ جان ڈراما نگار بننٕچ کوشش کرنی۔ اسہٕ
چھہ کٲشرِس ادبس مَنز سیٹھا کم ڈراما نگار۔ ییہے ونن چھےٚ ادبہٕ کین دویمین
شوبن مَنز تہٕ۔ افسانوی ادبس ہیتی توٗلُن تھوون والین مَنز تہٕ چھہ سیٹھے کم ناو
ہینی لایکھ مثلن ڈاکٹر رتن لال شانت یا ڈاکٹر امر مالموہی بیتر چھہ جان افسانہٕ لیکھان۔

سون تہذیب اگر کانہہ زِنٛدٕ تھاوان چھہ سہٕ چھُہ اُکُس ادیبہٕ سُنٛد اُکس
شاعر سُنٛد، اُکس صحافی سُنٛد قلم۔ لہذا ہیکن اُدیب شاعر، صحافی بیتر پنٕنس
سماجس سٕہی وتہٕ پکہٕ نس کُن رہنمائی کٔرِتھ۔ تکیازِ ادبہٕ کس بارس مَنز چھہ نہٕ

نظریہ یم زَن پتہٕ وَتھ چلان آمٕتۍ چھہِ۔ اکھ گوشہ یُس لِکھاڑہِ پننہٕ سوکھ باپتھ لیکھان چھُ یانے فن برائے فن تہٕ دۆیم گو ادب برائے زندگی یانے دۆہمین ہیٚنٛدِ باپتھ بہِ کینٛژھا لیکھنہٕ ییِہ۔

بہٕ اوسُس ازٕ تہٕ اوتر ڈاکٹر راج کپور سٕنٛز کِتاب یوٚسہٕ زَن امریکہ ہٕتس منٛز چھاپ سپٕنٛز مٕژ چھیٚ، پران۔ یہِ چھیٚ سیٹھا مقبول کِتاب۔ یم چھہِ وَنان کہِ سانہٕ سبتابہٕ منٛز چھیٚ یوگس سیٹھا اہمیت ہیٚتی چھہِ یہِ کتھ تہٕ دشرھناوان کہِ دواہٕن مُقابلہٕ چھُ یوگا سرُن زیادٕ موثر ہیموکرہِ تم بیمار یوگہٕ ہیٚتی ٹھیکھ یم ییمَن نِشہِ یلاجہِ خاطرٕ گےٚ۔

بہٕ سمٕتھ چھیٚ دشرھناوِنی لایکھ کہِ ہندی زبانٕ مُنٛدٕ اکھ لِکھاڑہِ، تٕمی سُنٛد ناو نہٕ میٚ یاد چھُ ہیوان اُسِ بٔہلہِ پایہٕ ڈانسر تہٕ۔ اُمِس رُود ہین وٕرِ ہِن زنگن پولیو تہٕ گٔیس زِندگی بِہتھ۔ ڈٔہن بڈٕہن ڈاکٹران نِشہِ یلاج کرتہٕ ہیٚتہٕ تہٕ گیہٕ نہٕ اُمِس زنگہٕ ٹھیک۔ چھیکرس گیہٕ یہِ اَکِس یوگا زانن والِس نِشہِ۔ یُس زَن اُنٛچ مہارت تھوان اوس۔ تو یہِ گژھو حٲران زِ سو گیہِ اُمہِ ہٕنٛدے یلاجہٕ ہیٚتی ٹھیکھ تہٕ دوڈ ازٕ چھہِ سو اکھ نژان تہٕ بیتہٕ بٔہلہِ پایہِ ادب تہٕ لیکھان۔ یٔتی مہٕ لٕٹہ آر بی۔ بی۔ سی پیٹھ تٕمی سُنٛد انٹرویو نشر کرنہٕ۔

ادبہٕ کیس بارس منٛز یُس سون تنظریہٕ چھُ با تھیوری چھیٚ۔ تتھ چھہِ اُسی وَنان ”Folistic Theory“ تہٕ یہِ تھیوری چھیٚ یونانس منٛز تہٕ آس ہٕژ۔ اَمہٕ تھیوری ہُنٛد مطلب چھُ کہِ سارے زِندٕ زآژ چھیٚ بیٚیمہٕ کاس ماسکہٕ حیصہٕ

نہٕ اَتھ کاس ماسٹس ہیکَن تھِتھے پٲٹھۍ تِم فٲیدٕ تُلِتھ یِتھ پٲٹھۍ پیٚتھ کالہٕ یوٗگی تُلان
اَسہِ یانے تیتھ تہٕ اَسہِ کیٛاہ لٔکھہِ پیٚم زَن حرف ہوٚہس پیٚٹھے یوت زِنٛدٕ آسہِ روزان
مے چھِے اَتھ پیٚٹھ یِژھ نہٕ ہِژھ زِیٛتھۍ "پوٗن سِکھنی" تہٕ اَسہِ وۄدِیہ واس کران نہٕ اَدٕ
کٲم کار تہٕ کران۔ تِمن نِش اوٚمیہ نہٕ کرور ہیٚتی ہیٚنہٕ تُک تصوٗر۔ یہِ چھُس وَنان کہِ
سٲنِس مُلکس کیا چھُ گومُت نہٕ یہِ کیٛنہہ کُن چھُ لمان۔ سٲنۍ کٲشِر ہیٚکیہٕ نا اَتھ بارس
منٛز دُرُس مُلکس رہنُمٲیی کٔرِتھ با وَتہٕ ہاوک بٔنِتھ۔ سٲری اَدیب، دانشور تہٕ مُفکر
ہیٚکَن نا تِژھ کِتابہٕ لیٛکھِتھ یِیمہٕ ستۍ سوچنٕ ترٲے بیٚیہ بدلاونہٕ۔

میانہِ زِندگی ہُنٛد مقصد چھُ ییٚتھ کھور بییہِ کٲشُر زبان گژھِ بروٚنٛہہ پکنۍ
تکیازِ اَتھ ئیس درجہ گوٚژھ آسُن اَسہ ہیٚوک نہٕ اَسہِ اَتھ دِنا ٲوِتھ نہٕ نہٕ دُیت تَم کوٚمتن
اَتھ کُن زانہہ توجہ۔ پنٛژاہ وُری دوت مے بوزان زِ کٲشُر ہے اَم گرو سکوٗلن منٛز شورُو
پنٛژاہن وُری یِن منٛز گٔیہ اَسہِ وارا ریزولیشن۔ قرار داد مگر اَتھ کُن دِنکھ نہٕ توجہ۔
کِتابہٕ آیہ لیٛکھنہٕ مگر یہِ تراوِکھ توتہٕ ییٚتھ کُن۔

بیاکھ کتھ تہٕ چھے زِ اَسہِ چھِ وَنہٕ تہٕ مغربی مُفکرن تِیُمہِ کٔرِتھ زِ۔ کیا چھُ کٲشُر
زبانِ مُتعلق لیوکھمُت حالانکہ اسہِ پنٕنۍ تحقیق یاد کرِنۍ یِتھ زن سورۍ صوٗرتِ حال واضح
سپدِ۔ مے چھُ ذٲتی تجربہٕ کرِتھ زِ کٲشِر چھُ سنسکرِتس ستۍ رلان تہٕ بلکہ چھُ اَدرٕ لور
زبانہِ ہیوٗ بیٚتھ آمُت۔ اسہِ پزِ اَتھ تحقیق کٔرِتھ پھٹ کڑنۍ۔ سُہ زبان لوٗکھ عام لُکن
نام واتنہٕ ہیکہٕ نہٕ کُنہِ تہٕ حالس منٛز دٲرِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ اہم سوال اَکِس کِتابہٕ
ہُنٛد۔ کِتاب چھِ سانہِ خٲطرٕ سیٹھا اہمیت تھاوان۔ کِتاب گیہِ ادبی کِتاب، سائنکی

کِتاب ؛ سہ ڈراما آسہِ ، شاعری آسہِ ، کہانی آسہِ تنقید آسہِ یا لیکھ آسہِ چھِے اہمیت تھاوان ۔ امہِ مالموسیٚ چھُ تنقیدس ہیٚتھ سیٹھا جان کٲم کران ۔ نِکیاز داریاہ ہیٚتھ اوسہٕ آمُت لیکھنے ۔ اُمی لٕیوکھ نیمن ہیٚتھ ہٕڑے باک یا گٹھ نِکیاز نہٕ ہنٛد سمجھ ؛ چھُ سیٹھا سوٗن نہٕ گٔہر ۔ اسہٕ ہیٚرن کِتابہٕ ہیرتہٕ ۔ خوشونت سنٛگھس ہیٚرژھکھ اکہٕ دہ زٕ کِتاب کیا چھِ ؟ تمہٕ دٔپ زِ کِتاب چھِے گاش ۔ کِتابہٕ ہیٚترا آسن ہیوٗتا چھُ گاش آ

ناولٹ چھُ بڈ اہم لیکھ ۔ اُسی اگر یہِ لیکھتھ ہکو سو کِر گاشر زبانی بڈٕ مدد نہٕ ادبس ہیٚدِ ہُبرز ۔ ناول آیہِ نہٕ لیکھنے ۔ ڈراما چھِ سیٹھا کم لیکھنہٕ آمتی ۔ مےٚ گو نہٕ ہیٚتھ یا گٹھی کیمو صابس بخار کاتھ نہٕ ڈراما نِگار نظرِ ۔

مےٚ چھِے خوشی زِ ہیٚنی مین ذہن وٕرہ ہیٚن آو مایگریشنس ہیٚتھ واریاہ کیٚنہ لیکھنہٕ ۔ مےٚ چھُ داواز باتھ قومو چھِنہ یٕرہ ہمنتھ کرِتھ نہٕ جان ادب یادِ کوٚرمُت ۔ سیٹھا اہم چیٖز چھِ آمتی لیکھنہٕ ۔ مےٚ چھِ وہمبد زِ سائنس ادبی ٹُکریکس منٛز روزن یہِتھی چیز موجود ۔ یم کِتابہٕ اسہٕ ہیٚتھ اثر آسہٕ نزاوان تم ہیٚرن اسہٕ جماہ کرنہٕ ۔ کٔشیرِ ہیٚتھ کوتاہ چھُ آمُت لیکھنہٕ تمُک چھِنہٕ کانہہ حد نہٕ حساب ۔ سمپرتی نہٕ گرِ واریاہ کٲم ۔ یم باتھے آرگنایزیشنہٕ چھِے تم نہٕ چھِ واریاہ کٲم کران ۔

یہِ ہیکہٕ سیٹھا کم وقتس منٛز ساروے احاطہٕ کٔرِتھ مگر یہِ ونہٕ یہِ ضوٗروری زِ اسہٕ لیٖوکھ یہِ اسہٕ تھوو ادب زِنٛدٕ ۔ اسہٕ گرِ کوشش زِ ہیٚتی مین ذہن وٕرِ ہیٚن لیٚس یہِ نار دزان وزت یہِ کہر ہون زھیٚنہ نہٕ تمُک گوٗزد نہٕ نیٖز رٕلِگن ۔ یہِ چھِس سمپرتی ہُند سیٹھا مشکور نہٕ تو یہِ ساریٚ ہُند زِ تو یہِ گرِ دِہ مےٚ عزت افزایی ۔ میون حوصلہ دِو ۔ شکریہ ۔

س - امر مالموہی - یِم مختلف ادبی تحریکہٕ وۄدجوٗدس منٛز آیہٕ تِہمن ہٕنٛز کیٛتھ حدس تام کوٗر وۄ توٚہۍ compromise یا نَے سمجوتہٕ؟

ج :- بہٕ وۄنن کہٕ compromise چھُنہٕ مےٚ زانہہ تہٕ کوٗرمُت - بہٕ ہیکہٕ نہٕ دٕنوا سان دٕنِتھ - سُہ ہیکہٕ مِیانٛز شاعری دٕنِتھ - مختلف وقتن منٛز چھےٚ مختلف تحریکہٕ بارسَس آمٕژ - تِمہٕ ہٕنٛز چھِ بٔڈۍ بٔڈۍ شاعر تہٕ ادیب مُتاثر گامٕتۍ - سُہ چھُس نہٕ بے یوت مگر بیٚیہٕ تِتھ ہٕنٛز انسٲنی رُوح ، انسٲنی مسلہٕ تہٕ ابدی مسلہٕ یِم چھِ تِمن مُتلق سوالن چھُنہٕ جوابہٕ یا نے واریاہ سوال چھِ رتم ہِمن نہٕ جوابہٕ چھُ -

س :- توہہٕ کیٛتھ پأٹھۍ چھُو بٔنِن تخلص ہجوٗر یا نہٕ نوو مُت - اتھ چھا یُنہٕ خاص وجہ؟

ج :- بہٕ اوسُس لوکُٹ اکھ نوجوان - مےٚ وُچھ تِمن دوہن اکھ نظم یتھ منٛز ہیرد چھُ حالاتو ہٕنٛدۍ سیٹھا ہجوٗر آسان سٲدہٕ مُت تہٕ مےٚ باسیو بٔنِن پانہ تہٕ یِہے زَن سیٹھا ہجوٗر ہیٚو اہی سٕندۍ پأٹھۍ تہٕ مےٚ تھوٚو پانس یِہے تخلص بیٚیہٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ وجہ - یہ چھےٚ حقیقت -

س :- کٲشر زبٲنۍ ہٕندِس سکرپٹس مُتلق کیا چھُ توہہٕ خیال؟

ج :- یہ سوال چھُ بٔڈ اہم کول مٲبن چھُ اتھ مُتلق واریاہ کام کرمٕژ - شانت مٲبن تہٕ چھُ اتھ مُتلق پننہٕ سُفارشات سوزمٕژ تہٕ مےٚ تہٕ چھُ بٔنِن نقطہ نظر پیش کوٗرمُت اتھ سلسلس منٛز یِژراہ کام سپدے ہٕژ چھےٚ سو چھےٚ واریاہ اہم - بہٕ چھُ دوٗنی ہِندِس منٛز (computrize) سپدان - یتھ منٛز

وونی کیٚنٛہہ تبدیلیہٕ آیہٕ کرنہٕ ۔ سمپرتی نہٕ چھےٚ کیٚنٛہہ نِشانیہٕ بدلاونہٕ بابت سُفارِش کرنہٕ آمژ ۔ کاشُرِ سماچارن نہٕ چھےٚ پننہٕ کیٚنٛہہ سُفارشہٕ کرِمژٕ ۔ یِم سارے تبدیلی چھےٚ صحت مَنٛد ۔

ڈاکٹر رتن لال شانت

# ہری کرشن کول - اکھ تعارُف

ہری کرشن کول چھُ کاشرِس ادبس منز اکھ اہم ناو - خاصکر افسانہٕ کِس زمرس منز - جدید کاشر افسانہ پھٲپھلاونس منز چھُ کول صاَبُن دُیت اکھ منفرد مُقام تھاوان - اُمی ہیکو بلا خوف نر دِیتھ ونِتھ زِ اگرسے اختر محی الدینن افسانہ ترقی پسندیہ ہیتہِ فاقہِ نِش آزاد کرِتھ اتھ نوٚو طرح دُیت - ہری کرشن کولن کھوو افسانک سارہ نہ زٕو زِنہٕ لیچھِنے کہِ افسانوٚ یتھ منز موجود دپنتھ نہ یہ عارضی وقتی گتو ینہِ بییر گرِتھ - کاشرِس افسانس یمہٕ گتہِ ڈیھتھ نہاٰت تہ اپیچ پرزنتھ راوِ ہے تمن منز آس سارِوے کھوتہٕ طاقتور نام نہاد جدیدیتچ گنتھ بییہٕ اُمیک لفظ راش تہٕ لفظک بِطری ورزناو متأثر کوٚر - افسانہ ہیترون علامتن ہِند گِندن تہٕ مُبہم بیان بازی بُبن - یتھ آس انسانی صوٗرت حالچ کرنہٕ یوان مگر یہ افسانس منز اتھِ یوان اوس سُہ اوس مُصنفہِ سِندِ دِمٲغک نجی صوٗرت حال زیاد، عام انسانی صوٗرت کم - سُہ اوس نہ کاتھِ لو کتنے نظر نہ، نہ کیاز سُہ اوس ذاتی عدد نیرتھ شانزےبیئس نام داتان - ارادے آسنہٕ یس

نہٕ مگر علامتی تہٕ شاعرانہٕ محاورٕ ادٕسٕس نہٕ واتہٕ نہٕ دِوان۔ ہری کرشن کولن کیٚنٛہہ
افسانہٕ مثلن (اکھ عُریان کتھ، بیٚیہٕ لاران پرتھ) ہٕنٛز آین یٔژھے شکل پرٛاوٕنۍ
مگر موٗلہٕ نالہٕ اوس یمَن افسانن منٛز نہٕ افسانہٕ نِگارٕ سُنٛد تمبی یادی سروکار
موجوٗد۔ ہری کرشن چھُ کتھ ونہٕ تس منٛز ماہر۔ واقع تہٕ واقعہٕ ٹھیک منطقی جہار
چھُ بِہٕندِس افسانس منصوبہٕ بَنٛد چُھ کاتھس منٛز زندگی ہُنٛد منطقی کیو غار
منطقی کِردار دِوان۔ منطقی جہارس چھُ کیٚنٛہہ "رِوایتی" ژٕنہٕ موٗل والہٕنٕچ کوٗشِش
کران مگر یہِ چھُ حرف اِظہارٕچ زبانٕ ہٕنٛز فرق۔ معنے چھُ دوہ شوٗنٕ کُنے۔ کول بِندِس
افسانس منٛز چھُ مفہوم زیادٕ اہم، موکتھ زیادٕ اہم۔ یوسہٕ اُمی پیٚنہٕ مُشاہد، تجربہٕ آسہٕ بریٚنٛہ
تاثرٕ آسان چھِ۔ موکتھ چھےٚ سانہٕ دوہہ دِشچہِ عام زِندگیہ ہٕنٛز آسان مگر ترٛژھ عام چھِنہٕ
زِسون توجہ فی نہٕ پانس کُن۔ موچھےٚ سانہٕ رٔنٛگین زِندگیہ، منٛز سانہٕ گشنہٕ آہٕژ زِندگیہ
منٛز ترٛژھ موصولی کتھ آسان یتھ اندر کینژھا اہم کینژھا غار موصولی ماتے گپنہٕ چھُ مگر
توٗنانی اسہٕ لبنہٕ یوان چھِنہٕ یوٗتانٕ نہٕ ہری کرشن تنھ بیٚھہ آونگ تھوان چھُ۔ مگر یہِ مانے
کڈنہٕ خاطرٕ چھِنہٕ سُہ کتھ ہُنٛد فطری معمول بے شکل یا بدشکل کران۔ تتھ چھےٚ شکل برقرار
روزان نہٕ اَسہٕ چُھ نوٗسے باسان زِ یہِ چھُ رِوایتی روٗپ۔ مگر ہری کرشنن افسانچ بیٚہرٕ یاد
خصوصیتھ چھِ یہاے۔ ہیٚرِ کنہِ یمن روٗن افسانن ہُنٛد ذِکر مثال دِنہٕ خاطر کرنہٕ آو تمن
اندر تہٕ چھُ کتھ ہُنٛد فطری روٗپ رٔژھراونہٕ آمُت حالانکہ علامتھ چھےٚ سُہ روٗپ پھٹراونٕچ
کوٗشش کران مگر وُچھن لایق چھُ یہِ زِ انہٕ چھُ علامتھ افسانہٕ کہِ واقعاتی تسلسلک
حِصہٕ بنان۔ پرٛونلیسر چھُ ننگے گرِ نیران (عُریاں کتھ) آلوہس کھسان اکلاسس اژان

نہ پرناوُن ہیوان نہ یہ سوٗرے کران کران چھِ سُہ ننگے یۆتانٛژ کلاسس اَندر اُٹھ کِن
گوڈنکہِ پھِرتس گن، دراصل تسندِس ننگہٕ آسنس کُن نظر ہیوان چھِ ۔ اۆناژ کونہٕ کانٛہہ
نظر پیوان، آمُو وول کونہٕ تس ژینہٕ وَن دِوان تکیازِ افسانُک بیانٛیا ( دراصل افسانوی)
گرت چھُ مُکمل نہ اِہ ہوکہہ فطری ۔ علاوہ چھےٚ اَتھ فطری بیانیا گرتس پتہٕ کینٛہہ مُبرہ،
کران ۔ مگر گوڈٕ چھُ تمہ پٮ۪ن کینٛہہ طاقتھ کھڑا تھاوِنہ ۔ خاز پترتھ افسانہٕ وشرفھاونس نہ
چھُ بینہِ موقہٕ نہ نہ محل۔

ہری کرشن زاو کاٹھلیشور زاتہٕ دار محلہٕ سری نگرس منز ۱۹۳۸ہس منز اَکس
غریب گرس منز۔ پٮ۪ورُن لیوکھن سرکاری سکولن منز بی۔اے کرتھ کوٚرُن پبلک ورکس ڈیپارٹمنٹس
منز ڈِسپیچ کلرکی نہ پننہِ تیز نظرہتو وُچھن زِ شو بازرکس حماس منز کتھ گَنژ چھ ستاری ننگے۔
وارِیاہس کالس رُود حرف ہندی زبانٛژ منز افسانہ لیکھان ۔ پتہٕ کوٚرُن کشمیر یونیورسٹی منز
ہندی زبانٛژ منزٕ ایم ۔ اے ۔ فسٹ کلاس فسٹ مُقام پرٛاوِتھ ۔ مگر لیکھن ہیوٚتُن سنجیدہ
پانٛٹھی ستاشرِ پاٹھو ۱۹۶۶ پیٹھ (اس حمام میں) افسانہ مجموعس ہیتھ تورُس ہِند سرکارُک
ینامہٕ۔ تاپھ، ہگاہ، دہ آنہٕ تتے آیہ نہ دِوتانہٕ ڈان ہوٚین پنہٕ نہٕ ن شوٗرعاتی افسانن
منزٕ رُے کُر ہری کرشنن پننہِ مُنفرد شخصیتھ قایم۔ تہندۍ افسانہ آسہِ ذاتی زندگیہ ہندۍ نہ زندگیہ
اَندۍ پکھکِ تم امار وتہ تلان یم اسہِ سبھا وٕیدۍ آسہِ مگر یہند گیتھ ماتہٕ توٚتانٛژ روپوش
روزان اوس یوتانٛژ نہ اُمہ سُند قلم تمن زیر دِتھ ننہٕ رس انان اوس۔ گوڈٕ پلیٹھ رُود
ہری کرشنن اعتقاد پانس گُذرمیتس نہ گُذرمیتس پیٹھ اَکِس ہیہٕ پنٛدس بوزی منس
باوُن منس یوتانٛژ نہ سُہ پننہِ زندگیہ ہندِس لمحو طرس منز بیٚنا ویتھ ہر کھر کرِ توتانٛژ

اوس نہٕ تنھٕ ہیٚتھ قلم تُلان۔ متوسط بڑٕ گرن اندر باسان سہل تہٕ بہترین صورت حالن پیٚٹھٕ کنٕکی ورتہٕ محرکات یِمن کُنہٕ غار معمو زبانی منز ہری کرشن کول شکلاوان چھُ سُہ چھُ اَمی سُندِ کمال یِتھہٕ سہل نقل کرُن تہٕ مُشکِل چھُ۔ یہ خصوصیتھ گیہِ اَمِس گنان نہٕ پیٚتہٕ کیٚن سارِنے اہم افسانن مثلن "راگ وٲراگ"، "شمشان وٲراگ"، "بٹن ہنز ورِہ کھٕٹا" "پوٚت وٕتہٕ" حالس چھُ روٗتل 'یِتھ رازدانے' ہانگل' 'شُرز کھیل' 'زوٗل اپارِم' بیتر منز سرس۔ اَکھ نقادن وۄن ہری کرشنس زِ سُہ چھُ حبہٕ گُدٕنک افسانہٕ نگار تہٕ اَمِ نیبر چھُس نہٕ نظر پیٚوان۔ یہتھی ہیوٗی بیان چھِ دِتِن وٲکی منز کم عملی بیان کران۔ یَس مُتعلق دنیہٕ آسُن چھُ تس مُتعلق حرف ونیہٕ خاطرِ دِنہٕ آمتی زِ اَمی سندی کِردار چھِ بٹہٕ گرد منزٕ نیہٕ آمتی تہٕ واقعات تہٕ چھِ ییٚتہٕ گرن ہنٛدی۔ یِتھٕ کُنی اسہٕ ہیٚرکنہٕ وۄن ہری کرشن چھُ وُذِہِس مُتعلق کانٛہہ تہٕ ایٚٹی چوڑ یا کانٛہہ تہٕ نوکتے نظر پیٚنہٕ تہٕ پیٚنہٕ تجربہٕ کِس سندس ہیٚتھ قبول کران۔ یہٕ تمِس پیٚنٕ گُدرٕن چھِ تی چھےٚ تِمنٛز کھوٗٹ تہٕ تمی منز چھُ سُہ کانٛہہ تہٕ نام نہاد آفاقی حقیقتھ اخذ کران۔ یِم اُدیب حرف آفاقی حقیقتہٕ وُچھان چھِ تِمن ہنٛدِس ہیکہٕ تس منز چھِ وُچھمنہٕ تہٕ بوٗگمتہٕ حقیقچ حرف ژھاے آسان۔ تِہنٛدِس تجربس منز چھُ پیٚتہٕ انفرادی کرب آسان۔ افسانہٕ یا ڈرامہٕ ہس منز چھُ پانس گُذریومُت بُنیادی سند بنان تہٕ آگرے بُنیادی کِردار واقعہٕ یا بیان حدٕ ژھہٕرتھ نیبر نیرِ گھہٲری ہنٛدی امکانات بڈراوِ بے یَنا تِمنٛز حقیقتھ تہٕ ہنہٕ تیلہٕ چھُ افسانہٕ یا ڈراما کامیاب ترینان۔ یہٕ کامیابی چھِ اَمِ خاطرِ ڈزایریبل (Desireable) کمپلسری (Compulsory) نہٕ۔ بہترین افسانوی اَدب چھُ مُصنفہٕ سنٛز زِندگیہ

تہٕ وَننگ بہترین نمونہٕ آسان تہٕ توٗرے چھُ بطورِ پننہٕ چہِ زِندگیہِ تہٕ وقتُک تہٕ نمایندٕ بیان۔
دستیاب تھاوان۔ خار۔ ہری کرِشنن لیُس دٔنیاہ پننہٕ نہایت نزدیک دٔنیاہ نیببر
رچھِ شہ ترِ شکلوٗن تہٕ توتاتی یوتاتی تہٕ پننہٕ مخصوص انداز تہٕ ابی چوڑہٕ ستی وچھن
اکھ صاب، بیاکھ صاب، کتھ چھِ زیورٕ ہٕنز، نہ ونہٕ لایکھ کتھ، ڈاے گنٹہٕ، یتھ رازداتے
پھرٕ ہوٗتی، ہال، آدنگیچ ہموی تشدی افسانہٕ چھِ یہِ کتھ واضح کران۔ یتھین افسانن منٛز
چھِ اُمی کول سُند مزاح تہٕ طنز زیادٕ تیتری سان وزلان وُچھان۔

ہری کرشن کولنِہ کُل ژور افسانہٕ سوٚمبرنہٕ چھپے شایع گامٕتۍ۔ یمنہٕ لاران پرتھ
حالس چھُ روتل، یتھ رازداتے (یتھ پیٹھ یمن ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ توٚر) تہٕ زوٗل
اپارٕم۔ امہِ علاوٕ چھِ یمو وارِیاہ ڈراما ریڈیو تہٕ ٹیلی وِژنہٕ خاطرٕ لیکھی متی۔ یمو منٛز دستار
ییلہِ ونن گُھر چھُ پیوان۔ ببییہ سٕنز وٲچھو تہٕ ناٹک گرِ بند ناوٕ ہیٚنی لایق چھِ۔ ناٹک
گرِ بند چھُ سٹیج ڈراما تہٕ اَمی ناوٕ چھُ چھپیوٗمُت تہٕ۔ ہندی زبان منٛز چھِ یمہِ ہندی افسانہٕ
—— اس حمام میں، نوکری بھر دھوپ، تہٕ ارتھی، ناوی چھاپ گامٕتۍ۔ یمہِ سٕنز اکھ
ہندی ناول "دیتھ دیتھا" اس قسط وار کٲشر سماچارس منٛز چھپان تہٕ کم فہمی کِنہ
آیہٕ بند کرنہٕ۔ نوکری کرٕ کول صابن زیادٕ کالس کٲشرِ ہندِ بیا کالجن منٛز بحیثیت ہندی
لیکچرر تہٕ کینژس کالس ہندی ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹیہِ منٛز۔ ۱۹۹۲ء تھس منٛز سپدٕک
بطورِ وستھاپت مولانا آزاد کالج جیمہِ رِٹایر تہٕ روزٕ چھِ دِلہِ روزان۔

# ہری کرشن کول صابس ستی مُلاقاتھ

ازکل چھ صدی ہنہ سنہ مُشراونہ آمتی۔ پرتھ طرفہ چھُ "ملینیم" چہ کرِ کہ کنن تہ "ملینیم" اِشتہار نظر گژھان۔ لہٰذا گو جان تی کرُن یہ ساری کران آسن۔ مے چھُ یہ وَنُن زِ از بروٗنہہ اکھ "ملینیم" چھُ ساڈ اُکی کاشرِ عالِم ہمٹ آچاریَن ادبی عملکس پیرپوزلس یا مقصدس نسبتھ راے دِوان وٗنہمٹ زِ کاویہ (یا ادب) ستی چھے دَن دولتھ تہ شُہور تھ پراوان۔ اَمہ ستی چھِ نمیز تہ وطیپر ہیچھان نحوست تہ بدبختی پھِرِ ژلان۔ روٗحانی وجد چھُ حاصِل سپدان۔ تہ ستی چھُ معشوق شیرن میچھِن کتھن ہندِ پاٹھی خوش یوٗنہ نصیحتہ تہ میلان۔ صاف چھُ زِ ادبکس پیرپوزلس یا مقصدس نسبتھ گوڈنچ یانے دَن دولتھ تہ شُہورتھ پراونچ کتھ چھِ ہمٹ آچاریَن اُدبن خاطرِ تہ باقے کتھ ادب نوازن خاطرِ وَنہمژ۔ آچاریہ ہمٹ شِنزِ یہ راے ییٚلہِ مے گوڈنچہِ لٹہِ پرٕ اوس اکھ نوجوان یسندس کاڈکس اُکس کھاننِس منز مارکسُ ازمُک "انقلاب" تہ بیٚیس کھاننس منز بھارتیہ سنسکرتی ہندِ تقدی آدرش دٕہ کہ دٕہ کران آسی۔ مے کھوٗت ہمٹ آچاریس پیٹھ سخ شرارتھ۔ مے یاسو تمہ چھتہ پینہ ناٹن ہم کال شاعرن تہ اُدیبن، یاژ تیلی کرِ تے ہموٗن اُزی کہن لیکھن والیَن تہ بےعِزتی

کرِہن ۔ یِمہ برٕ ونہہ کینہہ اوس شاعر یا اَدیب اُسُند سۄمبٕھا تھوٚو، تصوٚور۔
شاعر چھُنہٕ پانسو یا شہوٚرتھ باپتھ ہلکہِ پنہٕ نہِن جذباتن، خاین آدرشن
ہُنر باوتھ کرنہٕ خاطرٕ کانہہ تخلیق تیار کران۔ سُہ چھُ غوشیونہٕ یا کھروتہٕ پنرٕ رکھو
وہ شوٚرے بتھوبیٹھہٕ پردٕ تلِتھ لوکھ حقیقت نِش آگاہ کران تہٕ دُنیاہ بہتر
بناونہٕ عظیم کامہِ منز پننہٕ مقدوٗرٕ حسابہٕ اکھ لوکُٹ موکُٹ رول ادا کران۔ یِمے
باسِو ہمت سُند یہِ گیان چھُرا دیارن ہُنر لوٗپزا۔ خبر کس رازس شاعر نار کھ ہادِتھ
آسِہ ہے سُہ سوتہٕ آنکِھ وٕٹھان تہٕ پانس آچاریہ وَنان۔ تزکہ ناکانشر سُہ تہٕ بٹہٕ۔
مگر اَز یٔیِایہٕ بڈ بوٚمت تہٕ پٔرون "ملینیم" ترٛاوِتھ نوٚس ملینیَس
منز ژامُت۔ تھ یِمے چھُ فکری تو رِمت زمیٖمٹ آچاریَن ہہٕ دونمُت چھُ تی
چھُ پنرٕ تہٕ یِتھ ہہٕ پنرٕ اوسُس مانان، سُہ اوس میٚون شرم نٔنی تہٕ ٹاکا ہہٕ
حقیقتھ چھِہہٕ زِ ٹیس کانہہ تہٕ شاعر یا ادیب ہہٕ کینہہ تہٕ لیکھان چھُ تہٕ
چھُ شہوٚرتھ پرادنہٕ کہِ غرضہٕ لیکھان یا روٗپیہ کماونہٕ خاطرٕ۔ یا اکی نہرٕ ستی ہہٕ چھ
وہ شوٚرے شکار مارنہِ یِرھان موٚن زِلل دِیِہ یا کیٚہر آسہن تہٕ دولنکی ٹھہن
ولیہِ۔ مگر ہِنیٚ تاریف بوزِتھ تہٕ پتہٕ پتہٕ پکن والین ہُنرِ عقیدتھ تہٕ لول
وُچھِتھ آسہن تم تہٕ غوشے گژھان تہٕ نوٚو نوٚو واکھ یا شبہٕ وَنان۔ توحالہٕ
چھُس اکھ موٚہوٗلی افسانہٕ نِگار تہٕ ڈراما نِگار۔ ہہٕ سیٚتھ پاٹھی ہیکہِ یمہٕ پنرٕ نِش
اِنکار کٔرِتھ زِ اگر تہٕ یِمے افسانہٕ بہتری لیکھِتھ پانٔسہٕ ژور یا کم زیادٕ واہ واہ آسہٕ
ہے بیان ، یِمے آسے کتابہٕ لیکھِتھ تروٚمُت

شہور تھ نہٕ دٕلتھ چھُ بٔرتھ کانٛہہ ژٔرھان مگر بنہٕ چھُ پنٕز زٔنٛرتھ کانٛہہ ہیکہ نہ اُدیب بٔنتھ۔ اُدیب بنہٕ ئسے ٲبس نش وُنُن لایکھ کینٛہہ آسہٕ بیتہٕ آسس تہٕ وُنُن تگان تہٕ وننہٕ باپتھ آسہٕ بے تاب تہٕ بیقرار آسان۔ میانٛ کِنہٕ چھُ ترٛیُم شرط گوڈنِکیو دہلو کھوتہٕ زیادٕ اہم کینٛہہ لیکھنہٕ وِزِ چھس بہٕ تہٕ اکھ عجیب بے قرآری محسوس کران۔ مگر ستی چھم بہٕ وومید تہٕ آسان زِ یہِ بہٕ لیکھ تہٕ کرِ لوکن خۄشی تہٕ لوکٕٹس ہوکٹےُ منٛزے سٲہی اکس سمٲجی دایرس منٛز ہُرِ مے یٔرتھ تہٕ پانٛنہٕ زور نہٕ بنہٕ۔ مے ہیوت ۱۹۵۰ء منٛز لیکھُن بیلہٕ بہٕ سری نگر ایس پی۔ کالجہِ پران اوسس۔ کالجس منٛز اوس دہلو شٲرکۍ پروفیسر۔ اکھ لِٹریری کلب بنوومُت۔ یُرتھ ہفتہٕ آسہٕ امہِ لٹریری کلبچ میٹنگ سپدان۔ یتھ منٛز کانٛہہ کہانٛہہ لڑکہٕ نظم بنٛیٔری پران اوس۔ مے آسہٕ نہٕ اتھ کلبس سٕتی کانٛہہ دِلچسپی مگر بٔس لڑکہِ امہِ کلبک سیکریٹری اوس، سُہ اوس ہاوی سٲنٛی کوٗلس منٛز میٔون ہم جماعت۔ تٔمی کوٗر مے میٹنگ منٛز شٲمِل گژھنہٕ باپتھ زور تہٕ اکہِ دہ لیوکھُن پانٛے تِ میٹنگہِ ہنٛدِس اجنڈہس منٛز میٔون ناو تہٕ۔ مے زون زِ بہٕ چھسبو ئس تتھ ژالس منٛز یمہ منٛز نیرُک کانٛہہ دوپایہ چھُنہٕ۔ اجنڈاہس منٛز ناو آستھ تہٕ اگر بہٕ ژٔورِ رۄزِ یا ژلِہ مے کرن جُرمانہٕ تہٕ دِتم بیٚیہ کانٛہہ سزا۔ مے تُل کھوژان گوڈنِکہِ پھِرِ قلم اتھس کینتھ تہٕ تیم پاٹھۍ تیتھ پاٹھۍ لیکھم صفہٕ نادِ تہٕ یہِ لیوکھُم تتھ تھووُم ناو "ایک تھا راجہ"۔ اتھ کہتہِ منٛز اوس اکھ رازٕ مگر کتھ آس تمِن شرٕ ہن ہٕنٛزِ تہٕ یم سوٗ کتھ

بوزان آسی۔ یَتھ میٹنگہِ منز یِمے نٹہٕ وِنہو زنگو تہٕ شائنس گھرٕ پٕر آوازِ ستی تم صفہ تارٕ پیرِتھ ژٕھنکہِ تمِچ صدارت اوس پرٕوفیسر نصراللہ کران۔ سُہ اوس تِمَن دوہَن کالجس منز کمِسٹری پرناوان ہنہٕ پتہٕ بنیوٚ چیف سیکریٹری۔ صدارتی تقریرس منز کٔر تمو میٲنِس لیکھنس تارٖیف۔ ووٚنہٕ تِہ تمو چھ لِٹریری کلب کین اکثر میٹنگن منز شرکت کٔرمٕژ۔ داریاہ نظمہٕ تہٕ منظوٗن چھِن بوٗزِی ہتی۔ مگر اَز یک یہٕ "ایک تھا راجہ" چھ تمن سارِنے سرس۔ صدارتی تقریر بوٗزِتھ گو یِمے گمہٕ شران۔ لڑکو تہٕ پرٕوفیسرو کوٚر یمے مبارک۔ اکھ سیٚود سادٕ بیہٕ کوٚٹ لیس پہٕ کانٛہہ زانہِ ہیے ہیٚوٗن ووَنی دِہَن پندہَن لڑکن تہٕ ترن ژون پرٕوفیسرَن دِلٕود روزٕن۔ خبر اَتھی وِنہٕ وا یَرٕتھ پراوٕن کِنہٕ انتزأمی آسِتھ زان حاصل کٔرِتھ کِنہٕ کہنی نہٕ" آسہٕ پتہٕ "کانٛہہ آسُن؟ خاطرٕ یہٕ وِنیوٗس تہٕ وِنیوٗس بہٕ وِنہٕ لی زِ اہی واقف ذیٛنت یِمے سُہ جذبہ، سُہ شرہ سُہ دزٕسہٕ یا دکہٕ ئیس یِمے تنہٕ پیٹھہ ازتام لیکھناوان چھُ۔

یِتھے اکھ واقہٕ سپد پانژھ وری پتہٕ ۱۹۵۵ء منز۔ تِمن دوہَن اوسُس کُٹیر ہند ساروِے کھوتہٕ بوٚڈ ادبی مرکز کلچرل کانفرنس یَتھ تحت ریزیڈنسی روڈ، سرینگر پٕرتھ ہفتہٕ ادبی محفِل لگان آس یَتھ منز ناڈِم، راہی، کامِل، اختر، زُتشی بیتر شاعرتہٕ افسانہٕ نِگار پننہٕ تخلیقہ پران آسہٕ تہٕ پرٕوفیسر جیالال کول پرٕوفیسر فدا حُسین جرنلسٹ پران ناتھ جلالی ہیوی دانشور آسی تِمن تخلیقن پیٹھ تبصرٕ کران۔ یِمن بڈین اَدیبَن دانشورَن برونٛہہ کِنہٕ افسانہٕ پرنک موقہٕ میٚول اکِہ دوہہ بہٕ یتہٕ افسانہٕ پیرِتھ بیٚوٹھس بہٕ لوتی پننہٕ جایہِ زٕھٹبن شہر تنقید نہٕ نکتہٕ چینی بوزنہٕ۔

نہٕ نمہٕ نِشہِ کینٛہہ ہیٚچھنہٕ خاطرٕ اوس تِمے پٔنٕنۍ پان ہٕرو ٹھے تیار تھوٚود مُت۔ تنقید کرٕ پرٛوفیسر جیالال کوٗلَن شُورُو۔ تس اوس افسانہٕ کہ موضوٗع کھوتہٕ تیٚمِچ گرٛنٛت زیادٕ پسند آمٕژ۔ تیٚمِنٛز رایے آس زِ یُس افسانہٕ آخرس پیٚٹھ افسانہٕ چھہ وتہٕ ڈلنہٕ ناولہِ ہنٛز وتہٕ راوان باسان اوس سُہ چھُہ افسانہٕ نِگارَن ہنٛتہٕ مہو دوہو ٹریہو جُملو ہنٛدۍ چابک دٕستی کنۍ یوت نہٕ بلکہِ منطقی طور تہٕ واپس افسانٕکہ وتہٕ پیٚٹھ اُوٚنمُت میٹنگ منٛز موٗجوٗد باقی دانشورو کرٕ پرٛوفیسر جیالال کوٗل سٕنٛزِ کتھ تائید۔ اردوٗک (ہندی یک تہٕ) مشہوٗر شاعر تہٕ ناول نِگار مرحوٗم راہی معصوٗم رضا نہٕ اوس تمہ دوہہ کٲشِر نہٕ اتھ محفلہِ منٛز اوس سُہ تہٕ موٗجوٗد پننہٕ جایہِ تھوٚود ڈیٚنٛتھ آدُسہ مٕتے نِشہ نہٕ زٕچھر یِختیار ہاوان ڈِنیٖتِم حکُم۔ ”کھڑے ہوجاو“ بہ وٚوڈکِس تھوٚود تُمہِ زوٚنلِس بہٕ بالہٕ منہ نہٕ ڈیکس گوٚرنم میوٚٹھ۔ خبر راہی رضا معصوم سُند سُہ ڈیکس ہیٚوٚٹھ کرُنے ما چھہ ازتام مےٚ افسانہٕ بیتھری لیکھناوان۔ از نہٕ ببلہِ سکانٛہہ مشیا ہٕن ”شُمشان وآراگ“ ”اکھ صاب بیاکھ صاب“ ”عُریان کتھ“ ”ڈایے گنٛٹہٕ“ نہٕ بیے بیٚن افسانَن

وتن چھُ کُھریوان“ ناٹک کرُو بنٛد دستارہ ہیوٚہٕن ڈرامہ ہنٛ تأریف کران چھ تیے چُھ باسان زَن سُے جنتی ڈاکٹر راہی معصوٗم رضا چھُہ مےٚ ڈیکس میوٚٹھ کران۔ کلچرل کانفرنس چھہِ تنھٕ ادبی محفلہِ منٛز پٔرمُت میٚوٚن سُے افسانہٕ ”شوبھا“ چھپیوو پتہٕ مرحوٗم شمیم احمد شمیم صابٕن ہمکہ اِطلاعاتکِس ”تعمیر“ رسالس منٛز۔

۱۹۶۶ء تام اوسُس بہٕ گوڈٕ گوڈٕ اُردوٗس منٛز نہٕ پتہٕ ہندی یس منٛزے

لیکھان تہٕ مِثالی افسانہٕ آسہِ ہِندی کِین اعلیٰ تہٕ مشہور رِسالن منٛز چھپان۔ اَتھی مس
ڈہلس منٛز چلییہ ہِندی افسانس منٛز سمانتر کہانی (متوازی افسانہٕ) ناوٕ اکھ تحریک
تہٕ یہ تہٕ اوسُس اَمہِ تحریکہِ منٛز اکھ ناو الہ پلہ دہن ورہین ژوٗدس یہٕ صرف ہِندیس
منٛزے لیکھان۔ اَتھی خِمنس منٛز بییم بیاکھ اکھ سنجِدہ باد۔ اَکس محفلِ منٛز یوسہٕ ییمہ
وٕری یکِے ساہتیہ اکادمی ایوارڈ دِنہٕ کِس سِلسِلس منٛز منعقد کرنہٕ آمژ آس، دوٗت
ہِندیکی معروٗف عالم تہٕ نقاد ڈاکٹر نامور سنگھن میٛے بروٗنٛہہ کنہ ساہتیہ اکادمی منٛز
کاشُر ادبٕچ ترجمانی کرن والِس ایگزیکیوٹو ممبر پروفیسر مشعل سُلطانپوری ماٛبس
زِ ہری کرشن کول اوس ہِندی پاٹھی جان افسانہٕ لیکھان ییمن جان تنقیدی توجہ
(critical attention) تہٕ میلان اوسُس۔ مگر اَمس باسیوو زِ ہِندی
وٲلۍ نامانن یہ میٛے کینٛہہ تہٕ ہیوٗتُن کاشرِ پاٹھی لیکھُن۔ ہِندی والیو ہیٚژ یود
شہ مانن مگر توٚہی کاشرِ چھیوٗ نہٕ اَمس مانہٕ خاطر تیار۔ خبر کیاز؟

ییمن دوہن منٛز یہ ہِندیس منٛزے لیکھان اوسُس تیمن دوہن تہٕ
اوسُس یہ کاشرِ ہن اُدیبن ستی دوستی بہان ییمن ہِندی ادبس ستی کانٛہہ
وابستگی یا دِلچسپی آس نہٕ۔ اکہِ دوہہ وون جناب اَمین کاملن میٛے سیٚٹھوے زِ
اَسہِ چھاپے نہٕ تہٕ کیاہ چھکھ لیکھان؟ کامل صاب اَس تیمن دوہن ریاستی
کلچرل اکیڈمی ہُند شیرازہٕ تہٕ ترتیب دِوان۔ کینٛہہ دوہہ پتہٕ واتژ میٛے تیہنٛز چِھٹھ
زِ شیرازہٕ کہِ خاص شمارہٕ "اَزیُک کاشُر افسانہٕ" خاطر گژھہِ تیمن جلد از جلد میون افسانہٕ
واتُن۔ چِھٹھ پٔرِتھ گوس بہٕ پریشان۔ میٛے اوس نہٕ تتھ کاشرِ زبانی ہیٚتھ عبور،

یوٚسہ مثالہِ گاہے دوست ورتاوان آسہٕ۔ مگر سیٚتی سوٗچُم زِ اگر بہٕ پننہٕ محلّیچ یا ماحولیچ زبانہِ ورتاو تہٕ ماریاہ کانٛہہ؟ تہٕ ژھُنٛن پُنن کاشُر گوڈنیک اَفسانہٕ لیکھتھ یَس شیراز کس اَکہِ خاص شمارس منٛز "تاپھ" عُنوانس تحت چھپیوٚ۔ دس لایہ گوجانہِ۔ کاشرین ادب نوازن آو افسانہٕ پسنٛد۔ افسانک ہِندی ترجمہٕ تہٕ کوٚر لوکن خوش تہٕ ہِنٛدی پیٹھے گو اَمیک گجراتی، مراٹھی، تامِل، تیلگو تہٕ دوٚیمین زبانن منٛز تہٕ ترجمہٕ۔ از کل چھ امہِ افسانک ترجمہٕ انٹرنیٹ ذریعہ کمپیوٹرس پیٹھ تہٕ دستیاب "تاپھ" پتہٕ لیکھی تہٕ حرف کاشرس منٛزے اَفسانہٕ۔ وُنیکتام چھم کاشرس منٛز ترے افسانہٕ سومبرن چھاپ تہٕ زٔ دوٚرہِ مہٕ سومبرتہٕ چھ کتابہِ سیدان ڈراماتہٕ لیکھم وارِیاہ مگر کتابہٕ ہِنٛدس رۄپس منٛز چھ اکوے چھپیومُت "ناٹک گروبند" موضوع وتہٕ بہٕ بیہتھ پاٹھی زِ تہٕ چھ باسان زِ مےٚ نش چھ وُنی لایکھ کینٛہہ یُس تہٕ وُنی نگہِ تہٕ پیرن والین پسنٛد پییہِ۔ تہٕ یہوے چھ سُہ شوق، سُہ جنوٗن تہٕ سُے اِطمینان یُس تہٕ از تام لیکھناوان چھُ۔

وونی چھ سوال زِ بہٕ کتھ پاٹھی چھُس لیکھان؟ انسان چھُ پننہِ زِنٛدگی منٛز وارِیاہ کینٛہہ وُچھان۔ وارِیاہ کینٛہہ محسوس کران ہمو منٛز چھ کینٛہہ احساس کُنٛدس دِلس منٛز گژھان، کینٛہہ دماغس کھنٛتھ گژھان تہٕ کینٛہہ لاشعورس منٛز ژھیپتھ روزان۔ تہٕ تہٕ تہٕ چھُم یِی سیدان۔ کنہِ ساعتہٕ چھ مثالس لاشعورس منٛز دفن کانٛہہ احساس یا تجربہٕ کلہٕ کڈان تہٕ میون شعور چھُ تتھ بیہتھ پاٹھی سجاوان زِ تتھ چھُنہٕ حرف نو صورتے یاژ میلان۔ مثلاً زٔ دو تہٕ چھس اژان

تہٕ میانہٕ ؤسہ چھ سکاشہِ افسانہٕ یا ڈراما لیکھنہٕ پوان۔ بیاکھ اکھ واقعہٕ کرٕ عرض آسہٕ ہے۔ ۱۹۷۲ء۔ بہٕ اوسُس تمن دوہن امر سنگھ کالجس منز پرناوان۔ گوڈنیک کلاس اوسُم باہ بجے رٹُن آسان بہٕ اوسُس کاہ بجے باگ گرِ نیران۔ مگر اکہِ دوہ پیو مےٚ ساڑھ نوِ بجہِ گرِ نیرُن۔ میثون لوکُٹ نیچو اوس بال گارڈنہٕ اکِس ماڈرن پرائمری سکولس منز پران۔ امہِ دوہ پیوس مےٚ تہِ پانے سکول تراوُن۔ لڑکہِ سکولہِ تراوِتھ گوس بہٕ پریشان زِ بہٕ کوٗت گژھ پانہٕ؟ یا سُلہِ کیا کرِ کالجہِ؟ مےٚ پیو طُوون زِ سڑکہِ اپارِ بیہٕ مالنہٕ چھ فیلڈ سروے آرگنائزیشنس منز تم زِ شخص کام کران یم زِ تھٕ آسِتھ تہِ میانی دوس چھ۔ اکھ اوس آرگنائزیشنِ ہُند ڈائریکٹر سیتیر افسانہٕ نگار اختر محی الدین تہٕ بیاکھ اوس بزرگ شاعِر مرحوم غلام رسول نازکی یُس ریڈیو کشمیر منز رٹائر گژھتھ آرگنائزیشنِ ہُند اخبار چمن چلاوان) اوس۔ بہٕ گوس خوش زِ دونوے ستےٚ دربارہ کرِتھ نیرِ گنٕڈ ڈوڈ گنٕڈ شونٹھ ہیٚو۔

اختر صاب تہٕ نازکی صاب آسی اکے کمرس منز بیہان۔ مےٚ وُچھ زِ ن آیہٕ تمن پیٚڑھے۔ اختر صاب دوٚپ نازکی صابس " ہیٚتہٕ حق خوداین دِیتہٕ نے پانے دارِتھ" بہٕ گوس ) تار ن)۔ موجہ تہٕ گو پوٚز، مگر کوتا ہ؟ مےٚ پرژھُکھ ذیلہِ کیا چھو؟ تور دوٚپ نہٕ ثہ کرِ شعہ پیہ۔ اختر صابن اتہٕ آدھ چیرا اسس اتھہِ گ ریپ ڈبہٕ تہٕ ڈیشن سےٚ۔ دوناتم یہ گیہ بگریہٕ ڈبہٕ تہٕ یہ چھیٚ ماچس۔ آسی ڈرایہٕ کمرِ منز تہٕ نمبری سگریٹ تھوٗن بانکل۔ حاجتھ رفا کرنہٕ خاطر چھےٚ بانھ روم کمرس ستی۔ دہہ پنداہ منٹ پتہٕ دارتی چاے کپ تہٕ۔ ترےٚ چھ حرف

اُدٕس یا دٕونس گٲنٛٹس تام اسہِ اکھ افسانہٕ لیکھِتھ دِین۔ بہٕ رُدُس زیادے نازُکی صاحبن ناراضہ کٔرتھ مکری۔ "چمن" نیرنس گوٚ ٹیمہٕ لِیدٕ ژیر۔ ار باہ بجے بیہہ کاتب مواد نیتہٕ۔ مگر ہُنزِ مین دوٚن صفن خاطرٕ چھُنہٕ اَسہِ کینٛہہ لیکھِتھ۔ ژٕ دِنہٕ رَسہِ زٕ صفہٕ بُرتھ تہٕ اُسی کرہاو وٕنتس ہینٛتھ گٲتبس مواد حوالہٕ۔

دٕ شوٚے ڈرامہٕ تہٕ تِمے آیہِ نیٚبرٕ کنہِ ہاتکل تھوٚنہٕ۔ تمے باسیوٚ سوٚرے کینٛہہ عجیب۔ سوٚنچم زِ اگر تمے خانہٕ مول پاتے سوٚکوٗل آسہے نہٕ ژراوُن ہیوٚمُت بہٕ آمہٕ ہانٛہ ہیتھ تاوتس لوٚگمُت۔ پٔژن لعہ کچار، لوٚکچارک ژاٹھ ہال، ژارہٕ باجی۔ تہنٛز تہٕ پننۍ غربت سوٗرے کینٛہہ پیوٚم یاد تہٕ اکھ افسانہٕ زاو۔ اُکس لوٚکٹس موکٕلس واقس پتھے ہیاکھ لوٚگُد واقہٕ۔ پیٚتہٕ بیاکھ افسانہٕ اوسُس لیکھاتھ زِ اختر صاب ژاو کمرس منٛز۔ یہٕ تمے لیوٚکھمُت اوس تہٕ پٔرِتھ وُنُن زِ افسانہٕ چھُ جان تہٕ اخبارکیوٚ دوٚیوٚ صفوٚ خاطرٕ کٲفی۔ افسانہٕ چھپیوٚ "چمن" اخبارس منٛز مگر تمے آو نہٕ تسلی۔ تمے پکنوٚوُس بٔییہ ہن بروٚنٛہہ۔ واقس پیٚتہٕ واقہٕ۔ افسانہٕ بنیوٚو واماتن ہنٛز ہانکل۔ بہٕ گوس پریشان زِ دٕ دنی کینٛہہ پاٹھی کرس انٛد۔ اکِہ دوٚہہ پیوٚم ہتہٕ منگرٕ ظوٗرن زِ افسانہٕ چھُ تہنٛز کُنھ یم قومی کاروانس ہتیہ ستی پکنتھ تہٕ تنتہٕ رودی پتھے بروٚنٛہہ آسی۔ تنٛہ وٲتی داند ہنٛدی پاٹھی۔ تمے کوٗر افسانس تمی واتہٕ ہتی انٛد ییمہٕ ستی ابتدا اوسُس کوٚرمُت۔ یوٚہے طویل افسانہٕ "پگاہ" چھُ شایانہٕ گوٚڈنیچ افسانہٕ سوٚمبرن "پیٚتہٕ لاران پیٚربتھ" ہُنٛد آخری افسانہٕ۔ اَتھ افسانس تہٕ سٕنٛد ہنٛدی انگریزی تہٕ بٔییہ زبانن منٛز ترجمہٕ۔ تمن دوٚہن اوس ہنٛدوستانک اکھ بوٚڈ پبلشر پٔرتھ دریہ فوری پہ کُمن بہترین افسانن ہُنٛد مجموعہ چھاپان۔ "پگاہ"

افسانہٕ آوتمہٕ وٕرِیہِ کیٚمن بٔہترین افسانن ہٕنٛدِس مجموعس منٛز شامِل کرنہٕ ۔ تِمے اوس بوٗزمٕت زِ کیٚنہہ شاعِر چھِ فی البدیہہ شار تہٕ ہیٚکان وٕنِتھ ۔ ہیٚوُن دوست ہٕنٛدی نٔرووِش صاب اوس اسہِ مٔنٛزی منٛز فی البدیہہ افسانہٕ تہٕ بوزناوان ۔ مگر تِمے اوس نہٕ پتاہ زِ اکِہ دوہ پیٚیہِ تِمے تہٕ فی البدیہہ نہٕ سہی اکھ فوری ( Instant ) افسانہٕ لیکھُن بیا کھ اکھ افسانہٕ "دیوتا نہٕ ڈاین" تہٕ چھُ تِمے رأتھ ہٕنٛزِ دہہ بجہِ پیٚٹھ صبہٕ کیٚمن ژٕون بجن تام لیوکھمُت میانہٕ باتھ چھِ ددشوٗے افسانہٕ اِتفاق ۔ نہٕ کیازِ افسانہٕ یا ڈرامہ لیکھنس چھُ تِمے عام طور وارِیاہ کال لگان ۔ بہٕ چھُس گوڈٕ افسانُک خاکہٕ تہٕ ڈرایِنگ تیار کران پتہٕ گٕنٛزِ جایہِ کاشُر کٔرِتھ سیٚود کران ۔ تہٕ گٕنٛزِ جایہِ تِمن زیادٕ ے نٔنٛد تہٕ توٗنتِل بناوان تہٕ ادٕ تِمن رنگ بران ۔ گوڈنِکہِ ڈرافٹہٕ پتہٕ دوٗیِم ڈرافٹ تہٕ ادٕ فاینل ڈرافٹ تیار کران ونتہٕ چھُ لیوان زِ تِمے یوت تھوٚو کاشرِس افسانس منٛز سنٛخ ہٕنٛد عنصر برقرار سکانٛہ کاشُر آسہِ پتہٕ ونان زِ بہٕ رٕودس لکیر ہٕنٛد فقیر یُس داستان گوٗی نیٚبر دراکھ نہٕ زانٛہہ ۔ ونن وألی ہیٚکن کیٚنٛہہ تہٕ وٕنِتھ ۔ پِزر چھُ یہ زِ پزِتھ کاشُر ادبی تخلیق چھُ اکھ اِستعارہ آسان ۔ سوٗ آسِ تہٕ ناوِج غزل آسہِ تن یا ڈیوٹھ پوٗٹھ افسانہٕ ۔ ظأہری مانے علاوٕ چھِ تِمن اِستعأری مانے تہٕ آسان ۔ اَتھ اِستعارٕی مانے زیادٕ اہمیتھ دِنہٕ یوان مگر یہ نہٕ چھُ پزِر زِ اَنٛدرِ اِستعأری مانے یُس باتہِ سیلی ورن یِنہٕ ظأہری مانے چھِ ہیٚر لوٚبِہ یِرِن وألِس اِستعأری یا اصلیت کِس تھزرِس تام واتہٕ ناوان چھِ ۔ اگر ہیٚرے کمزور آسہِ تہٕ تھدس مقامس تام کُس نہٕ کیتھ پأٹھی تکِہ واتِتھ ۔ بہٕ نہٕ چھُس مانان زِ ادبی تخلیق گٔیہِ یوٗسے ، یُس وارِیاہ یا Multi-Dimensional آسہِ مگر یاسہ یا طواہ عرض تہٕ سٕتہٕ چھُ ہیٚکِہ تہٕ آتھ ثھوس تخلیقی آسنُک مطلب

ہلہن کلہن ہوآی تخیلن نہٕ کینٛہہ۔

ہے یِتھہٕ پاٹھو تہٕ یہٕ کینٛہہ لیو کھمت چُھم تہٕ چُھم انسانس تہٕ زندگی مُتلق لیو کھمت۔ یم انسان (رٔنٛی یا بد) تہٕ زندگی (ہیٹھ یا ہٹھ) چھہ ہے کاشرین تہٕ کٔشیر منٛزٕ ژھانٛڈتھ مثالی ساری کردار چھہ کاشری۔ اگر کُنہِ جایہِ کانٛہہ غار کاشُر تہٕ ذِرمٕتی گژھان آسہ۔ سُہ آسہِ معاون کردار۔ میانین یمن افسانن ہُند لوکال (locale) کٔشیر نیٚبر ہندوستانک کانٛہہ شہر۔ (تاپہ یتھ رازدانے، ڈاے گنٛنہٕ بتیری) یا ہندوستان نیبر مثلاً رازدانٛی قاہرہ یا گھانا افریقہ ہُک کانٛہہ رازانٛی شہر (اوٗنگیہ) آسہِ تمن ہندِ اہم کردار تہٕ آسن کاشری حرف کاشری۔

س :۔ توہیہ چھو نیٚرِتھ جایہِ بہتھ ییٚیتہٕ لکن کہوٗلکھارِن یاہٕ دٲنۍ سمکھنس سیٹھا۔ کم فرصتھ چھےٚ میلان۔ اَتھ متعلق کیا چھُ تُہنٛد خیال زِ ییٚیتہٕ آو توہیہ ستین سمکھنس موقع۔

ج :۔ یہ لوٗگس راعِدانہٕ دِلہٕ منٛز۔ ییٚیتہٕ پٔرتھ کاشُر پانس آوُر چھُ۔ کاشرِ نہٕ چھنہٕ فرصتھ زِ کُنہٕ جایہِ گژھہ ہے یا کاشرِ سمکھہ ہے۔ کُنھ چھ کراں۔ مگر ٹیلی فونن پیٹھ ہے یہ ہِسا سمکھے۔ مگر سمکھان نہٕ کانٛہہ۔ از چھُ ییتھ جوٗرس گرفتیو نہٕ اُمہ باوجود آسہ سمکھی یاہٕ دٲنۍ۔ تہ توہیہ یہ کیٛتہ پٔرزُھن آسہ تہ پٔرزِھو۔ ییم نہ کیٛتہ شکوٗک آسن یہ کرِتم دوٗر کرنٕچ کوٗشش۔

س :۔ جان افسانُک معیار کیا چھُ توہیہ نِش ؟

ج :۔ افسانہٕ چھُ پرنہٕ خاطر بڈ بورِنگ Boring آسان یا یہ نہٕ ہیکوٗ ننہٕ زِ بوزناوَنہٕ بایت۔ افسانہٕ چھُ ہیکان اِنسان پانے پٔرتھ اد چھُ پَسند یا ناپَسند بنِنُک سوال پادہٕ گژھان مگر گژھہ آسُن creative۔

س :۔ توہیہ کُنھ زبانۍ منٛز چھُو لیکھن شوٗروٗ کوٗرمُت؟ کاشرِ لکھاری چھِ اکثر اردو یا ہندی پیٹھ کاشرس کُن آمتی۔

ج :۔ بہ ۔ چھُ بی زِ یہ اوٚسُس گوڈٕ واریاہ کالس ہندی کِس منٛز لیکھان نہٕ پتہٕ لیوٗکھ مے کاشرس منٛز۔ مے آس ہندی پاٹھی اکھ کوٗناہ نہٕ لیچھر یُس یہ پتہٕ بوزناو۔

س :۔ وَننہٕ چھِ یواہ زِ زبانۍ ہِنٛد ورناو چھُ دراصل اکھ خاص رِدم تھاوان۔ پانے نثرس منٛز کُنہٕ حدس تام تہٕ شاعری منٛز زیادہ۔ تُہنٛز کیا راے چھےٚ۔

ج :۔ اُسی یٔیلہ محاورٕ تھ شرٕ کتھ وشہ ہناوو۔ اُسی چھہ ونان مثلاً "سروس بنہِ ہن پروس پیٹھ"۔ یہِ سروہے کیاز۔ گوپالس کیاز نہ۔ تکیاز سرو چھ یوان پروس ستی۔ یانے اسہِ چھے ہرتھ کنہ کتھ منٛز" انٹر نال ایمز" تہ شاعری منٛز چھ را ایمز زیادے پہن آسان۔ لہذا ناپھ افسانس منٛز۔ بجہِ ہند وُنن ز" ونہ چھے مسں بتیر چھنہ کینٛہہ غلط یا فحش۔

س :۔ تُہند ین افسانن پیٹھ کس افسانہ نگارٕ سُند اثر چھ ہیوٗمُت۔ توٗہہ کس کس افسانہ نگارٕ سُند مُطالعہ چھوٗ کوٗرمُت۔

ج :۔ گوڈٕ وَنہ بہ یہ کتھ زِ یتھ راہی معصوم رضاہَن تاریف کرِ سہ اوس اردوہس منٛز "شیر و آتش" تاہیرس منٛز چھپیوٗمُت تہ بہ ہیکہ نہ یانہ اُنتھ زِ تیٔمہ کہُند اثر چھ توٗ بوٗل کوٗرمُت۔ صِرف ہیکن نقاد یُرٕ کتھ وشہ ہناوِتھ۔ مگر بہ وَنہ ژور بٔڈی افسانہ نگار چھ یم مے سیٹھا پَسند چھِ۔ نبر تہند اثر ما آسہِ سہ وُچھُن چھے تہنٛزٕ تہ نقادَن ہنٛز کأم بہر حال مے چھ کنفیدشس سیٹھا پسند۔ دوٗییم چھ مے ریتو پسند تمی سُند زاوجار تہ کتھ منٛز کتھ وَنہ اندازٕ تہ لفظن ہنٛد گنڈُن۔ امہِ پتہ چھم منٹو ہُند افسانگ سٹرکچر سیٹھا پسند۔ اَمہِ علاوٕ چھ مے چیخوف تہ ہیمنگوے تہ پسند۔ تمی سُند افسانہ "غوصہ" چھ مے زیادٕ پسند آمُت۔ مگر وونہ چھم کُنہ حدس تام مُشتہِ تہ گوٗمُت۔ ہیمنگوے چھم امہِ موجوب پسند زِ سہ چھ بالکل ننگہ زبان ورتناوس انان یتھ تہ کانٛہہ وَدُن چھ آسان۔

س :- توہہ کیا چھُ ہارڈ ہہ یس مُتلق خیال ؟

ج :- ہارڈھے چھُ ناولسٹ ۔ سُہ چھُنہٕ شارٹ سٹوری رایٹر تہٕ بہٕ چھُس حرف شارٹ سٹوری لِکھارین ہُنٛزے کتھ کران ۔

س :- اُنھوٕ لرلوٗر چھُ کافکا ۔ تس مُتلق کیا چھےٚ تُہنٛز راے تہٕ تُہنٛد کوناہ اثر چھُ افسانہٕ نِگارَن پیٹھ ؟

ج :- کافکا چھُ سیٹھا تھوٚد ۔ مگر کافکا ہنٛدِ ہنٛز ڈلی واریاہ لِکھارِی یِمَن تہٕ زِ لاَنہٕ نِگان چھِ لیکھتہٕ تِہو ہیٚنی کافکا ہنٛدِس ناوس پیٹھ افسانہٕ لیکھنی ۔ اڈپو بناوِ کافکاہَن پیٹھ عِلمہٕ خبر تِمَن توٚرا تہٕ کافکا فِکر کِہنہٕ نہٕ ۔

س :- توہہ چھا سنسکرت زبأنی ہنٛز کینٛہہ لوے توے زوٗزمٕژ ۔

ج :- بہٕ کر گوڈٕ اکھ غلط فہمی دوٗر زِ تےٚ تراو ہنٛدِکیس منٛز تہٕ زنگ تہٕ کاشرِس منٛز تہٕ مگر سنسکرتس منٛز تہٕ کینٛہہ ۔ چُونکہ بہٕ اوسُس ہنٛدکیس منٛز ایم ۔ اے کران ۔ تہٕ اَتھ منٛز اوس سنسکرت کاوِیہ تہٕ پرُن ۔ اُتی چھُ مےٚ ہمٹ پوٚرمُت سنسکرت ہیٚچھنہٕ خاطرٕ یُس ریڈر چھُ آسان تےٚ چھُ تمی پیٹھ سنسکرت ہیوٚچھمُت ۔

س :- تُہنٛزن نظرَن منٛز چھا افسانہٕ کاوِیہ کِنہٕ بیٚیہ کینٛہہ ؟

ج :- کاوِیہ گولٹریچر ۔ اَتھ منٛز چھُ یوان افسانہٕ تہٕ تہٕ یُس افسانہٕ سیٹھا زوردار تہٕ پُراثر آسہٕ چھُ تھز کلایہ ہنٛد کاوِیہ مانہٕ یوان ۔ تِیُھ آیہٕ تھی تہٕ ہیکو وُنتھ ۔ یِیمہٕ افسانہٕ تاکہٕ تہٕ اُپنیاسہٕ ہتی انانس رس بیہ

ہوٕے چھےٚ تمہٕ کہٕ جان آسیٚنۍ کھوٚٹ ۔ تہٕ رس ہیٚکہٕ بیاکھ تہٕ آسِتھ ۔

س:۔ مہاراج کرشن سنتوشی ۔ مارکسس مُتعلق کیا چھےٚ تُہنٛز راے تہٕ توٚہیہِ کَتھ
حدَس تام چھِو اَمہٕ سِتۍ مُتاثر؟

ج:۔ مےٚ ووٚن یہ گوڈٕ نیٚتھےٚ کہٕ مارکسزم اوس مےٚ یَنٛس دِہماغس اَکِس کھاتنٕس
منٛز تراوِتھ آمُت ۔ ازکل چھُ مےٚ باسان زِ یہ چھےٚ اکھ مستقٕلاوجی ، سماجی
ترقی کتھٕ پاٹھۍ چھےٚ سپدان گژھِتھ فِکرِ تُرن تہٕ یتہٕ عملہٕ منٛز اُنن مگرٕ ے
وُرہی تہٕ ڈراے تہٕ اَتھ

س:۔ اگنی شیکھر۔ چونکہ کتھ چھےٚ جلان مارکسِ ازیچ تہٕ تمن دۄہن آسہ
کشیرِ منٛز اَمریکن یاردکارن "ژدیٕپہ وُرۍ" کمیونسٹ وَنان بتہ کیا وجہ اوس۔

ج:۔ بیٚیلہ بہٕ ہا کُنہٕ کمیونسٹ آسہ بنان تہٕ یتہٕ آسہ مُسلمان تُند ژدیٕپہ وُور کھوان
تس آسہ ونان، ژدیٕپہ وُرِ کمیونسٹ ۔ اَمہٕ علاوٕ آسہ تہٕ اَسہٕ احساس کمتری
رِتھ تہٕ ٹیوک کران تہٕ تہٕ یوتہٕ لاگان ۔ خاصکر بیٚیلہ ڈوٚہرا وس ییٚتھ گوٚرٕ و
جی پوزا کرِتھ ٹیوک کرِہے یتہٕ بیٚیلہ اَسہ نیبر نیران آسہ تہٕ گوڈٕ آسہ ٹیوک
نہناوان ۔ اَمہٕ علاوٕ بیٚیلہ بہٕ یرِس کشیرِ گوس بہٕ اوسُس تِلہٕ ملہٕ یِیتھ آمُت
مےٚ اوس ٹیوک تہٕ کرُتھ تہٕ ناریوَن تہٕ گنڈِتھ تہٕ سکول آف ایجوکیشن منٛز
گوس میٹنگہٕ منٛز شمولیت کرنہٕ ۔ اتہٕ بیٚیلہ یارو دوستو وُچھس تمن ژیٕپہ
ٹیوک تہٕ ناریوَن وُچھتھ کرِکہٕ نیبر نیتھ ۔ "اَلے ، بہٕ ہا" اَمہٕ علاوٕ گوس بہٕ
لال چوکس منٛز تہٕ یوتہٕ لاگِتھ تہٕ ٹیوک کرِتھ ۔ مگر مےٚ چھُ یتہٕ ترانہ فِکرِ ز بہٕ

ہ	کیا اوس ہیوٗن پاگل پَن۔ شاید اوس یہِ پاگل پَن اُمرِ ہوکھ زِ تہرٕ ٹھانٛدٕ
چھے تٕرہمن لیکہٕ ہیوٗان۔

س :- لِکھاری چھا تہٕندٕرٕ نظرن منٛز اکھ شخص آسان کینٛہہ زِ شخص۔

ج :- بیٚیمِ ساتہٕ اکھ رایٹر تخلیقی عملہٕ منٛز گُزران چھُ سُہ چھُ تمہِ وَقتہٕ لِکھاری یوت
آسان۔ سُہ چھُنہٕ تمہِ وَقتہٕ کانٛسہِ ہُنٛد زوٗن، کانٛسہِ ہُنٛد دوس یا کانٛسہ ہُنٛد
ہمسایہ آسان۔

س :- یہِ چھا مُمکِن زِ عام زِندگی منٛز آسہٕ اکھ commitment نہٕ بحیثیتِ
لِکھاری بیاکھ۔ تیٚلہِ کیا چھِو اَتھ مُتعلق خیال؟

ج :- یہِ تضاد گژھہٕ آسُن اُکِس لِکھارِس۔ مےٚ چھُنہٕ نظران مَگر لیکھنَس منٛز کٲنٛسہِ
ہتر چھے تمِس کمِٹ مینٹ آسان۔ یہِ چھُ بُنیادی طور اکھ فن پارٕ آسان۔

س :- سنتوشی۔ توٚہیہِ چھِو وَنان کہِ مارکسِ ازم گو ختم تیٚلہِ گیا اَتھ ایڈیالوجی
نہٕ ختم؟

ج :- ایڈیالوجی گیہٕ نہٕ ختم۔ مگر جماعتی سنتھرِس پیٹھ گو یہِ ختم یتھ زَن اَسی مارکس ازم
وَنان چھِ۔ بحیثیت سیاسی جماعتھ گو یہِ ختم۔ تکیازِ مینفسٹولوجی چھے سٕہی۔ مگر
یٔیمہِ ساتہٕ سو سیاست بنیہٕ سو گیٔ ختم۔

س :- توٚہہِ اوس کاشرِ پاٹھو اکھ سیرِیل لیس زَن تی۔ وۍ پیٹھ ہاوان آسو مگر ہندی
پاٹھو یہِ کاشُر سماچارس منٛز چھپان۔ تتھ کیا دٔلیل گیہِ زِ سُہ آو اَدٕوتی بنٛد کرنہٕ۔

ج :- دراصل اوس ایڈیٹر پتہٕ روزان زِ قسط سوزِ سا فورن نہٕ کیازِ یہِ اوس پٔرِس

چھاپنہٕ باپتھ آسان سوزُن ۔ یێلہِ پَتہٕ رۄدی تہٕ امہِ ناولہِ ہنٛدی چھپییہ اردا قسط
مگر پتہٕ واتہٕ چھِٹھ زِ یہ ہے یہٕ ہسا چھُ ادبیس لیکھان یانٛے فحش ۔ اُکی پرَن
وٲلی وۄن زِ ہے ییٚے نسا ہیٚوک نہٕ یہٕ پتہٕ نہٕ زنانہٕ تھی نہٕ اُبرتھ ۔ لہٰذا کوٚرکھ چھاپُن بنٛد۔
دراصل اوس اَمہِ اندر اکھ کِردار یُس اشوک چھُ ناو ۔ سُہ چھُ رِٹیٲر ج آسان کران
اُمِس چھِ وارا سوال پٲدٕ گژھَن ۔ اکہِ دۄہ چھُ سُہ وَنان ۔ " تلہٕ بسا کُتِبر تاوَن پیوٚمُت"
نِکیازِ سُہ چھُ نیرون کٲشر لیٹریچر پران نہٕ نیل مت پران ہتی چھُس گوڈٕ نیک
آتنک وٲدی جلدٕ کھوٚ بھاسان یُس سُتی سر ترادِتھ پیو ژلُن تہٕ یلہٕ تہٕ ہنٛد سناتہٕ
پیٹھ یوان آسی تمن خاطر آسہِ اتہٕ پکنک سپارٹ ۔ اکہِ دۄہ چھُ اندر یوان اندر آیہٕ
ہیتھ آشا وٲنشا کران مگر راکھیش نِکھٕ چھُ یہٕ وُچھان نہٕ سُہ چھُ تمبلان تس
چھُ وبریہ پکان یُس زَن ستی سرس منز پیوان چھُ نہٕ تتھی چھُ جلدٕ وُتھو بنان۔
یہٕ چھےٚ نُتی تہٕ ٹاکار گژھ ۔

دۆیِم کِردار چھُ مُشتاق یُس ایم ۔ بی ۔ ٹی ۔ ایس کرِتھ پَتہٕ ایم ۔ ڈی چھُ آسان
کرُن ۔ ادراوس چنٛڈی گڑھ پیٹھ ڈاکٹر ملکس یُن یُس ہوس بوٹس منز روزتہٕ
چھُ گژھان ۔ اتہٕ چھےٚ ہموٚنہٕ اکھ کوٗر آسان تھاوتہٕ آمژ ۔ اتھن چھُس بہٕ
لیکھان " وہ اُس کے ہونٹوں کو چوم رہا تھا " چوس رہا تھا ۔ چاٹ رہا تھا ۔
اَتھی پیٹھ پیٚو زیادٕ اعتراض حالانکہِ اتھ منز اوس سے کم زیادٕ التکار اِستعمال
کوٚرمُت ۔ اَتھی پیٹھ آیہٕ چھِٹھ لیکھنہٕ ۔ مےٚ کوٚرتہٕ بنٛد لیکھُن ۔ تمہٕ وے کوٗر بنٛد۔
س:۔ نوٚہی چھو وَنان کِہ میانٛی پرَن وٲلی چھِ بالہِ اَپارِ ۔ اُسی ماچھِ امہِ ہتی کینٛہہ ،

(condition) گژھان یانے لیکھن کہندِ خاطرِ یانے کنہِ ننہٕ کنہِ لیولہِ پیٹھ چھُ پرن وول نظرٕ تل آسان۔ تُہنٛز کیا راے چھےٚ؟

ج:۔ پٔرتھ کانٛسہِ چھُ آسان ٹارگیٹ ریڈرشِپ سوچھے ہمیشہ آسان۔ تہٕ مےٚ چھُ کانٛسہِ ہنٛز بالہٕ اَپار ریڈر۔ البتہ یہِ چھُ پہوان سوچُن زِ اَمِس نِریا فکرِ ننہٕ چھُ انسان پننہِ خاطرٕ لیکھان "یانے آمنا سُکھاے"۔

س:۔ جگرناتھ ساگر۔ سائنس لیکھنس چھا نمتہٕ پتہٕ کینٛہہ تبدیلی آمژ کنہٕ نہٕ۔ اَتھ مُتلق کیا چھےٚ تُہنٛز راے؟

ج:۔ آ۔ سائنٛز حالتھ چھےٚ وۄنہِ نمتہٕ پتہٕ بدلیمٕژ۔ اَسی چھِ خاص لایِنہِ پیٹھ لیکھان۔ تمہِ کنہٕ ونہٕ وا اَمِس اَسی یہِ چھُ ہُنٛزِ پاٹھی لکھارٕ ہُر کنہٕ نہٕ۔ یہِ چھُ اکھ ہنز داربحث مگر بیٚتھِن پننہِ مےٚ اکھ چیٖنی لُوک کتھ یاد۔

چیٖنہِ کِس اَکِس گامس مَنٛزر اوس رِواج۔ یپٔلہِ کانٛہہ بچہِ اوس زِیوان تہٕ تَکھ اَسہ نس تٲریف کران۔ تہٕ گرواٲلی اَسی تٲریف کرنٕ وٲلِس ینامہٕ دِوان۔ کانٛسہِ دان بھُوت، کانٛسہِ زٕ پھٔٹی تہٕ کانٛسہِ ترٕے پھٔٹی۔ اکھ آد تہٕ تُمی وۄن ——

"آہا کیاہ بچہِ چھُ۔ یہِ بنہٕ بادشاہ"۔ گرواٲلی گیہِ خوش۔ بیاکھ آو۔ تمی وۄن "۔ آہا۔ یہِ بنہٕ بۄڈ گاٹُل۔ دِتہٕ ہوس ینامہٕ۔ بیاکھا آد۔ "یہِ بچہِ — کیا بچہِ — یہِ مرِ"۔ گرواٲلی وۄتھی تہٕ کورہس شلکھ۔ یہِ اوس گوڈٕ پننہِ شیٚشِن شیٚنچھ وَنان زِ یہِ بنیا بادشاہ نہٕ بنیا۔ گاٹُل آسیا نہٕ آسیا۔ بہوُدر آسیا کنہٕ نہٕ تہٕ ہکو نہٕ کہنٛہی وَنِتھ۔ مگر یہِ مرِ فرُور، تہٕ یہِ لۄہے یوت کیازِ سورُکھ بوٚزٕ ونہٕ نس پیٹھ۔ یہِ چھےٚ

سوٗنچنس لاَیکھ کتھ ـــــ لہذا ہیٚ نہٕ ہیسآ وَنہٕ ہا پوٚز۔ مگر مارٕنی گرٕزھم نہٕ۔ مار کھیمہٕ ہا نہٕ۔ ہیٚے وَننہٕ بہٕ کیا کرٕ۔ پوٚز وَنہٕ ہا نہٕ مار کھیمہٕ ہا نہٕ۔ ڈوٚبِتِس تیٚلہٕ گو وُنن ـــــ "کیا بچہٕ ـــــ واہ واہ ـــــ کیا بچہٕ" باقے نہٕ کھٔنی وُنن ـــــ یِی پِھہِ اُسہٕ تہٕ وَنان ـــــ کیا بچہٕ ـــــ واہ واہ ـــــ کیا بچہٕ۔"

نوٹ:۔ یِمو اُدیبو سوال کُرہِ تِمن ہِنٛدی ناو چھہِ:۔

مہاراج کرشن شاہ، بال کرشن سنیاسی، مکھن لال پنڈتا، اوتار پنڈتا ہوگامی مہاراج کرشن سنتوشی، جگن ناتھ ساگر، اگنی شیکھر، رتن لال شانت تہٕ رتن لال جوہر۔

رتن لال جوہر

## پُشکر بھان - اکھ تعارُف

پُشکر بھان صابُن تعارُف کرناوُن گو ہر موکھ کو مہ مشر ژنس برابر۔ اُمی شنہ شخصیتھ چھےٚ تیتر اہ بارٕ دار تہٕ قداور زِ انسانس چھہٕ اُمکی تارِیف کرنہٕ خاطرٕ لفظے بیٛہان۔ طنزٕ تہٕ مزٕحک بادشاہ اوٚسی توس، اعلیٰ پایک ثرادٕ کاسٹر اوٚسی توس، سٹیج وفلمی اداکار اوٚسی توس۔ لگاتار شراہن وریَن ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھٕ پیٚدن والہٕ گرٚیلو تہٕ مقبولِ عام مزاحیہ فیچر زوٗنہٕ ڈبہٕ ھنٛد بانی کار اوٚسی توس کاشرس ادبس منٛز رپورتاج صِنف مُتعارِف کرن وول قلم کار اوٚسی توس، اعلیٰ درجک مزاحیہ ڈراما نِگار تہٕ پیش کار اوٚسی توس۔ مجاہد اوٚسی توس یا ماہر اوٚسی توس یا دُشمن ہنٛدین شوشن تہٕ ووتٕل بُجن ہنٛز تہٕ طنزہ کہو نیزرٕ دِتھی رینہٕ پہان کرن وول اوٚسی توس یم ساری صِفتھ تہٕ گون رلاوِتھ چھُ اکھ LIVING LEGEND توہہ بردٕ شہر کینہٕ پُشکر بھان ہنٛدِس زٕتیس منٛز۔

یم کر زابہٕ، کنٛھ کرکھ تالیم حاصل، کتہٕ پیٹھٕ کوٗرکھ ہیٚنٛن ادبی تہٕ فنکارانہٕ سفر شروٗع یا ہمو کم نشیب و فراز وُچھ پننہِ زِندگی منٛز، تیٚم باوتھ کرن یم پانٔے۔ البتہٕ چھُ یہ وٕنُن لازمی زِ یم چھِ طنزٕ و مزاحکی سرتاج آسنس ستی ستی عوام اُلناس کین تکلیفن، پرلشانین یا متوسط تہٕ کم پایہٕ گرن انٛدرٕ بھرِ بیٛنہ والین

وہ ہدٕش کیٛن مسلن تہٕ مجادلن ہنٛد بارٕکی سان تجزیہٕ کرتھ تِمن ہنٛد حل ژھانٛڈن
وٲلی ہردِل عزیز فن کار رُودی ہمیشہ۔ بیٚیہ یکھ ثبوت لگاتار شراہن وریٚن نشر سپدن
وول زونہٕ ڈب پروگرام چھُ۔ یہ چھُ آل انڈیا ریڈیو کیس نوٲرجس منٛز وٲحد سہ فیچر
پروگرام یُس لکن ہنٛدین مسلن ہنٛد حدباب سیتھے کامیٲبی سان تہٕ اسان آسان
کرناوان اوس۔ حکومتس تہٕ حاکمن تہٕ آسہ اتھ وِیاپہ سان تہٕ کن دِتھ بوزان تہٕ پوت
پلہٕ تیوت جلد تِم مسلہٕ اتھ راونچ کوشش کران یم اتھ منٛز ودنھان آسہ۔ یہ روزانہ
فیچر (پوٚنتس اوس ہفتہ وار) آسہ پُشکر بھان صاحب مرحوم سومناتھ سادھو صابس سیتہٕ
یکہٕ وٹہٕ لیکھان۔ امہٕ پروگرامکی ساری فن کار آسہ اکھ اکی ہنٛد کھوتہٕ تھدِ پایکی۔ ماہِ یانے
پُشکر بھان صابس علاوٕ آسہ اتھ اندر آغہ صاب (سومناتھ سادھو) آغہ بای محترمہ
مریم بیگم، شریف الدین (آغہ بابہٕ ہنٛد بوے) نذیر لالہٕ (بشیر عارف)، ننہٕ کوٗر (نعیمہ
اختر) تہٕ پنہٕ راٹھور بیمن ہیتہ اسماله (اشوک کاک) بیٚیہ زن منٛز رحیمہ (فاروق نازکی) تہٕ
شامل گیوو۔ امی پروگرامہٕ منٛز پاسہ سون بنتھ بنیہٕ بشیر عارف تہٕ نعیمہ اختر پتہٕ اعلیٰ
پایکی براڈکاسٹر۔ عارف چھُ ازکل سٹیشن ڈایرکٹر بیٚیہ زن نعیمہ اختر (نعیمہ احمد مہجور)
ازکل بی بی سی لنڈنکس اردو شعبس سیتہٕ وابستہ چھےٚ۔ کشیر اندر اوس تہٕ شہر گامس
کانہہ گرٕ یُس نہٕ صبحایے دہتھ گوڈ زونہٕ ڈب بوزہے تہٕ پتہٕ پنٕن لوہ لنگر چلاونک
سنز کرِہے۔ امہٕ فیچرچ تنبولیتھ تہٕ افادیت وُچھتھ آد یہ آل انڈیا ریڈیو کیٛن سٹیشنن
باپتھ اکھ ماڈل پروگرام قرار دِنہٕ تہٕ داریاہو علاقٲئی سٹیشنو دِسی آدٕ یتھ ہیوہ اتھ
ہیتہٕ رلہٕ دُن میلہٕ وُن پروگرام ترجیحی بنیادن پیٹھ شروع کرنہٕ۔ یوٗہے زونہٕ ڈب

ادس سٕہ پٔروگرام ییٚمہٕ کرٕ برکتہٕ شری پُشکر بھان صاپس، مرحوم سوٚمناتھ سادھوٗ صابس تہٕ محترمہ مریم بیگم جی پدم شری ایوارڈ ہیوٚل۔ شری سوٚمناتھ سادھوٗ ہنٛدِ اچانک سورگہٕ واس سپدنہٕ کیٚنہٕ ہیوٚک نہٕ یہٕ پٔروگرام پتہٕ برونٛہہ کُن جاری روٗزِتھ۔ حالانکہ واریاہو لٔٹہٕ آیہٕ کوٗشش کرنہٕ یتھ منٛز ۱۹۹۰ء پتہٕ کرنہٕ آمژ کوٗششہٕ تہٕ شامل چھےٚ زِ یہٕ فیچر گوٚژھ کُنہٕ پأٹھۍ جاری روزُن۔ مگر اُلکو کوٚر نہٕ آغہٕ صاب یعنی سوٚمناتھ سادھوٗ تہٕ مامہٕ یعنی پُشکر بھان پننٛدِ ورآے قبوٗل۔ اَمہٕ پٔروگرامچ کٔمی کتہٕ ہیکہٕ ہے پوٗرٕ گٔژھتھ مگر توتہٕ کوٚر بھان صأبن "دچھان گوس پکان گوس" سلسلہٕ شروٗع ییٚمہٕ کرٕ ذریعہٕ عوأمی مسلن نشاندہی کرنہٕ آس یوان۔

کأشر گوٚڈنچہٕ فیچر فلمہٕ منٛز کام کرِتھ تہٕ چھُ بھان صأبنہٕ فن کارانہٕ قابلیژ ہنٛز تصدیق کران۔ اتھ فلمہٕ ییٚمیٚک ناو "مأنٛز راتھ" ادس تہٕ یتھ صدرِ جمہوریہ سُنٛد گولڈ میڈل تہٕ میوٗلمُت چھُ متعلق چھُ بھان صأبن اکھ بہترین رپوتاج تحریر کوٚرمُت یُس ریاستی کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ شایع سپدن وألس رِسالہ شیرازہس ورٕی ۲ شمارٕ ۳ مطابق فروری ۱۹۶۶ء شمارس منٛز چھاپ چھُ سپدمُت۔ میانہٕ دأنِستہٕ چھُ یہٕ کأشر ادبک گوٚڈنیُک تہٕ آخری رپوتاج۔ گویا بھان صاب چھُ یہٕ صِنف پانہٕ نادَن ودل گوٚڈنیُک قلم کار۔ اتھ صِنفہٕ کیاز لوٚر نہٕ کأشرو ادیبو لول چھُ سٕہ سوال ییٚمُک جواب کأشرین نثر نِگارن ژھارُن پزِ۔

پیہنٛدی مزاحیہ ڈراما "بیچامہٕ" ییمن ہُنٛد تعداد دٔپان ہتہٕ پٔیٹھ چھُ سپدی وقتہٕ وقتہٕ سرینگر سٹیشن پیٹھہ نشر۔ ییمن ڈرامَن آسی تمام بوزَن وأل عینٛز ہنٛدِ ژندرِ کہ پأٹھۍ پٔرارن آسان تہٕ یتھے اعلان سپدِ ہے زِ ژٔندروارِ رأژ ہنٛز ساڑھ نوٚ بجہٕ ییہِ

"ہیچامہٕ" سلسلک نوٚو ڈرٛاما نشر کرنہٕ اکھ خوٚشی تہٕ مسرت چھ لیٚہراس گامہٕ شہر غریب کِہو اُہیر لوٚکن ہہٕنٛدین دِلن منٛز گژایہٕ ماران۔ یِمن ڈرٛاماہن ہہٕنٛدۍ کرِدار 'ہیچامہٕ' یعنی پُشکر بھان، سُلہٕ گوٗرٕ یعنی سوٚمناتھ ساد٘ھو رحمان ڈٕڈ یعنی محمد سُلطان پنڈِت کاکھ یعنی جگرناتھ ساقی غُلِج یعنی شانتاکول بیتبرِ مشن تہٕ کاشرین زانِہ۔ اتھ ہیچامہٕ سیریز اوٚن بھان صاٮ۪بن تمہِ ساتہٕ انقلاب یٮ۪لہِ یمو زورن قسطن پیٹھ 'سِند باد ہیچامہٕ' لیکھتھ پیش کوٚر۔ طنٛزتہٕ مزاح ہتۍ مالا مال یہِ ڈرٛاما سیٚد آواز تہٕ صوتی اثراتو ہتۍ بوزن والین ہہٕنٛدین ذہنن اندر ہالی وُڈ فلمن ہہٕنٛدۍ پاٮ۪ٹھۍ مُشکِل کھوتہٕ مُشکِل تہٕ نامُمکِن کھوتہٕ نامُمکِن منظرن ہُنٛز عکاسی کرنس منٛز کامیاب۔ ریڈیو پیٹھ نشر سپدیمتیو یِمو ڈرٛاماہو منٛز ژۄٚر گُرِتھ گُرسھان صاٮ۪بن پنٕنۍ ڈرٛاما سوٚمبرن 'ہیچامہٕ' ۱۹۷۵ء اندر چھاپ۔ یٮ۪مہٕ خاطرٕ یِمن ساہتہٕ اکاڈمی اوارڈ تہٕ میٚیوٚل۔ اتھ کِتابہِ اندر چھِ تم اٮ۪ٹھ ڈرٛاما شاٮ۪مِل۔

(۱) ہیرو ہیچامہٕ (۲) ہیچامنہٕ ودتل بجہِ (۳) بخنتہٕ لوٚڈٕ ہیچامہٕ (۴) ہیچامہٕ ژرادسفرس (۵) ہیچامُن فِلمٕ (۶) موٗسیقار ہیچامہٕ (۷) شاہ کِپس (۸) سِندباد ہیچامہٕ۔

یہِ کِتاب پیٚٹھ لٮِ۪ پیرِ انسان تیٚتھ لٮِ۪ چھِ تشنگی روزان بٮ۪یہٕ پرنٕچ۔ خاص کر اگر اِنسانس گُنہِ قسمٕچ پریشاٮ۪نی آسہِ نال وٚولِمٕژ یا داریاہ کال آسِس گوٗمُت اسنس یکدَم گژھِ یہِ کِتاب نٮِ۪ کھوٚلِتھ تہٕ اَمہِ منٛز کانٛہہ تہٕ ڈرٛاما پرُن۔ پریشاٮ۪نی تہٕ گژھِ غاٮ۪ب تہٕ بِتھس تہٕ پھیر اَسان اَسان وۄدٕ زِ جار۔ شُرین ہہٕنٛدِ خاطرٕ تہٕ آسی یِم منٛز منٛز دلیلہٕ چاپہے نثری یا منظوم نارمس مُنٛز نشر کران۔ "یِہنٛد ڈبہٕ ڈبہٕ ڈابر وایان آد ہاپتھ وولا آنگن ژاد" تہٕ باقے شُرۍ باتھ چھِ پننہِ قسمکۍ اعلیٰ "" تہٕ۔ ریڈیو کشمیر سرینگر مقبوٗلِ عام کرنس منٛز

چھُ سھان صابُن بسیار دُیت۔

سھان صاب چھ سیٹھ ہی زبردست کلار کار رُودی متھ۔ سٹیجک یھُند سفر چھُ ۱۹۴۷ ہس اندر قبائلی حملس دوران شروع گژھان۔ ییلہِ یم کلچرل محازس سیتی وابسطہ گییہِ تہ اُدتہِ اُوتہِ تام اوس یہِ سفر جاری۔

سھان صابن چھ اردو پاٹھی تہ اکھ کتابہ "کشمیر میں زرعی ترقی کے نئے اُفق" ناوی تحریر کرمژ۔

ریڈیو چہ مُلازمتہ نِشہِ سبکدوش سپدنہ پتہ آدیمُن پرڈیوسر ایمرٹلسٹک اعزاز تہ بخشنہ ییس سہ کم پرڈیوسرن میلان چھُ۔ بحیثیتہ براڈکاسٹر، ڈرامانِگار، ہدایت کار، ادیب تہ فن کار چھُ سھان صابن کاشرِس ادبس تہ ثقافتس تیوتاہ دُیت زِ اتھ پیٹھ ہیکہِ ریسرچ سکالرن پی۔ ایچ۔ میلتھ۔

یتھ پاٹھی ییٚتھ گوڈے عرض کور زِ سھان صابنہِ شخصیتھ چھےِ تیٚژاہ پھلتھ تہ چھُہ دار زِ اتھ مُتلق یوتاہ تہ وننہِ یا لیکھنہِ ییہِ تیوتاہ چھُ کم۔ تاہم چھُ بہ وننہ فرزی زِ کاشرس جدید مزاحیہ ادبس منز چھُ یمو سُہ مُقام پراومُت ییٚتھ تام دُنہِ کانہہ پلن ہیکہِ نہ کرِتھ۔

آخرس پیٹھ دوہراو بہ تیم الفاظ یم کاشرِ ادبہ کیو بلند پایہ اُدیبو یمن مُتلق لیکھمہِ متہِ چھِہ۔

## دیناناتھ نادم

پُشکر سھان چھُنہ کانہہ کُن اِنسان بلکہِ اکھ مُکمل اِدار۔ اکہِ زیٹھ سلسلک

ازکلک نُمایاں چھِہ۔ یہِ سِلسِلہٕ چھُ سانہِ کم کاسہٕ زاتی مۅجوٗب کھیمنٛدرٕ پنٛڈِتٕ بِیٚٹھہ
شُروٗع گژھان تہٕ از نام واتان واتان چھِ اَتھ منٛز نبر گاژاہ میلہٕ پچہِ ذرٕشِھ لیوان
یِہنٛز گُنٛزرَن اکھ بوٚڈ بارٕ دفتر ہیکہِ بنِتھ مگر ییٚلہِ پوچھر اَتھ سِلسِلس پُشکر بھان صابنہٕ
ذریعہٕ پرووت سُہ چھُ از کالہٕ کِہن اَسہِ سفر ڈراوَن تیوٗت ڈیوٗد زِ مے چھُ باسان کاشُر
کاشُر ہیکہِ نہٕ اَتھ مُشرأوِتھ۔ یہٕ چھُس تِموٚ کینٛژَو خوش قیسمتو منٛزٕ یِم بھان صابس
پوٗرٕ پوٗرٕ زانان چھِ۔ سانہِ سماجی زِندگی ہُنٛد آباد، ژھہرِ پر، گرٕ کھر تہٕ تھجہِ مژ آشہٕ
ڈیلہِ خابَن منٛز وُونِتھ تِتھ زٕد زیٖنۍ عطا کٔرِتھ مزاح پأد کرُن آس نہٕ زانٛہہ تہٕ مۅمولی
کأم۔ یہِ کأم ییتھ کٔنۍ بھان صابَن انٛجام دِژ سُہ تھوٚو اَمہِ ہنٛدِس لِٹریچرس تہٕ اَمہِ ہنٛدین
کردارَن ہر ہمیشہٕ مۅجوٗد۔۔۔۔۔۔ یہٕ کیا دِہٕ دِنَن لچھِ بدین کاشرین ہِشۍ دلہٕ ڈرابہٕ
یِمہٕ ازتہِ چھِ لِفظ مأب، میچامہٕ تہٕ بیٚتھ مخلوٗق یِم بھان صأبن زِنٛدٕ کٔرِ۔ بۅزِتھ مایہٕ
ہینہِ لولہٕ بے قرار گژھان۔

## غُلام رسُول سنتوش

پُشکر بھان تہٕ ہیرد میچامہٕ، میچامہٕ تہٕ تِہنٛدۍ جوڈۍ دَر شُلہٕ گوٚڈ تہٕ
رحمان ڈٕڈ، نِنج، کاکھ دید تہٕ کاکھ یِم سأری یکجاہ چھُ اکھ وُجوٗد، اکھ کردار،
سانہِ درمیأنی طبقچ اکھ علامت، یِہنٛز آواز چھےٚ اکھ آواز، سۅ آواز یۅسہٕ وِزِ وِزِ
گأمِس تہٕ کالس سانین گرَن منٛز وۅپدان چھےٚ۔ یِمَن آوازَن منٛز چھےٚ تِم ودتل
بُجہِ پنہاں یِم اسہِ خیألی طور تہٕ عملَن دۅنوَنی صوٗرتن منٛز کران چھِ۔ اکھ چھےٚ
حقیقتھ تہٕ بیاکھ ۔۔۔ اَمہِ حقیقژ ہُنٛد آینہٕ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

یُوتام زٕبو چھے آواز نیر، یُوتام آواز چھے تحریر دِوان، اکھ خاص آواز، اکھ خاص تحریر یتھ صِرف پُشکر بھانِنی آواز ڈنو، یتھ پُشکر بھانُن تحریر ونو، اکھ سُہ مِزاحیہ نثر ونو یتھ صِرف مچامہ ناوِے یوت موزوٗن چھُ۔

## پرٛوفیسر رحمٰن راہی

پُشکر بھان چھُ کاشرِس نثرس گوڈنِکین والین سارِوے کھوتہٕ کُمایاں لیکھن والین منٛز اکھ ناماوار اَدیب۔ سنامکرِتھ چھُ مِزاح نِگاری منٛز اَوھند دِیت سیٹھے موٗلُل۔ یُہند ڈراما "مچامہٕ" روزِ داریا ہس کالس کاشُر بولن والین تہٕ سمجن والین ژٕہ پتس۔

## اَمین کامل

"پُشکر بھان صاٮ۪بُن دِیت کاشرِ زبانِ تہٕ لُوکن مچامہٕ ناوی اکھ سُہ کِردار یُس کاشرِ زندگی ہُند اکھ عجیب بیٛتھو۔ یہ روزِ ہمیشہٕ تہٕ مشہ دُن۔ ریڈیو پیٹھ گمژ تہٕ آسہ 'مچامہٕ' سِلسِلہٕ یُوزمُت تہٕ محسوس کوٚرمُت زِ اَمہِ سٟتی سپُد سانِس ہزلی ادبس اندر اکھ اہم اُبرزر۔ یہ چھا کم کام"۔

## اختر محی الدین

کاشرِ زبانِ چھے ہمیشہ تِمو اَدیبو زندگی بخشمٕژ یِمو مِزاح ورتوو۔ سانہِ زبانِ ہِندِس روحس سٟتی چھُ مِزاحس تیوٗت واٹھ یُوت گوجہ کنجہ سٟتی چھُ۔ پتھ کالہِ پیٹھ از کالس تام چھُ اسہِ شادِ وزِ نہٕ اَوسمُت تہٕ دِدکھس تہٕ لڑی شاہ وٚونمُت...

یتھ دورس منٛز یِمو اَدیبو کاشرِس منٛز مِزاحی ادبس ہُر بر کوٚر تِمن منٛز

چھُ پُشکر بھانُن ناو سرٕ فہرِس۔ پُشکر بھان چھُ تِہمو خوش نصیبو منٛز یِم زِندٕ پانٕے
لیجنڈ بنے یہٕ۔

## علی محمد لون

"پُشکر بھان چھُ مٕتے تیوٚت قریب روٗدمُت زِ یانٕے چھُ مٕتے سُہ تہٕ بٕنِتھ
پان باسان۔ اوے کِنہٕ چھُ مٕتے مچامہٕ تہٕ امکہٕ اِرتقأیی عملک پوٗر پوٗر گیان حٲصِل۔
یہٕ چھےٚ، بڈٕ زیمہٕ وٲری تہٕ ایماندٲری سان یہٕ کتھ ونٕنی یِژھان زِ مچامہٕ چھےٚنہٕ صرف
اکھ مزاحی تہٕ ہزلی کِردار۔ یوت بلکہ چھُ سُہ بذاتِ خود اکھ تحریک تہٕ اکھ تٲریخ۔
سٲشرس مزاحیہ ادبس زُدٕ ریچھتہٕ دِنہٕ دول مچامہٕ روزِ سٲنِس پوشہٕ وٕنِس ادبس
منٛز ہمیشہٕ زِندٕ تکیا زِ امکہٕ مُصنف پُشکر بھانٕ کُر یانِس یِتہٕ یِنہٕ والین وارِیاہن
بلکہٕ سارِنے مزاح نگارن ہنٛز رہنمأیی تہٕ تِمو بٕنٕنہٕ اضیہ یتھ وٕہرِو سٲنی ہزلی
تہٕ مزاحی ادبٕن اکھ زیٹھ زٲلُوٹھ زال ———"

# پُشکر بھان صأبس سٍتی مُلاقات

بہٕ اوسُس سکوٗلہِ دٔہہو پیٹھٕ ژوٗدہِمہِ جمأژ پیٹھ دٔہمہِ جمأژ تام جوٚمِس منٛز پران تَتھ چھُ وجہ۔ بہٕ اوسُس ژُوٚہُرے ؤرِیہٕ مٔۓ ماج موٚیہٕ میانِس مأکِس آس بٔیتی فارسٹ ڈیپارٹمنٹس منٛز ڈیوٗٹی۔ لہذا اوسُس بہٕ ؤرِیس منٛز صرف دٔہن ڈاین رێتہٕ تہٕ سرینگر گژھان۔

بہٕ اوسُس سکوٗلہِ دٔہہو پیٹھٕ اخبار پران۔ تہِ چھِمہٕ تران فکِر کیاز پوٚز بے بوزِو یہِ اوس مےٚ شوق کیاہ تام۔ بہٕ اوسُس نوٚمہِ جمأژ —— سوچان اوسُس زِ بہٕ زَن لیکھہ ہا کینٛہہ تہٕ سُہ چھپِیا اخبارس۔ مےٚ لیوٗکھ اکہِ دٔہ کیاہتام تہٕ گوس مُلک راج صرافس تِس یُس زَن وُنکِس مشہور اخبار نۄیس تہٕ صحافی اوس۔ مےٚ ووٚن اَمِس زِ ہے یہِ چھپِیا اخبارس سُہ ووٚنھم تورِ ژٕ ہیٚرِ پگاہ تہٕ اَتی ونے بہٕ ژےٚ کرِ یہِ چھپِیا اخبارس کِنہٕ نہٕ۔ بہٕ چھُس پگاہ گژھان اَمِس نِش تہٕ یہِ چھُ مےٚ اتہٕ مٹھ مٹھ دِوان تہٕ کم زیادٕ حوصلہٕ افزٲیی کران۔ تہٕ دۄپنم —— آ —— یہٕ چھپیہٕ ضرور۔ یہِ بوزِتھ چھےٚ مےٚ اتہٕ ووٚلٕٹھ ہِش نچیر تہٕ بٔلیہٕ دۄپنم ژےٚ چھےٚ کیاہتام لیکھُن تگان۔ یِتھ پأٹھۍ گومیٚتون اخبارَن منٛز لیکھنُک سِلسِلہٕ شروٗع تہٕ یِمَنٛی ژایہٕ مےٚ اَتھ چھکی۔

مے اوس لوکچار پانہٕ پیٹھے اداکاری ہُنٛد شوق ۔ ڈیلا چھِ بنان زِ اکہ
دوہ آو عبہٕ کدلہٕ اَپارِ ڈرامٕچ یا پارٹی سٟٹیجا بناونہٕ تہٕ ہوٚد کھ ڈراما "بہوہ" مگر مے اوس
نہٕ سنجیدٕ رول کرنک عادتھ ۔ لہٰذا اوسُس نہٕ بہٕ شہ کرانے ۔ مے گوٚژھ آسُن ،
ہیٚوٚرس رول یانے اُسُن تہٕ گیندُن تہٕ کیاز مے اوس اَتھ تامتھ واریاہ وۄد مُتا ۔
اَسہٕ کوٚر اَتہٕ یہے ڈراما ۔ یہ چلیوو پانژن اَکھن دوہن ۔ اتہٕ اوس اکھا سرواننٕد
جی یہان تہٕ تمی کرٕیوو سہ اَرینج اَتہٕ اَکِس باغس منز ۔ اَتھ ڈراماہس آیوو
بڈٕ ہیز ۔ تمن دوہن آسہٕ نہٕ کوٗرِ سٟٹیجس پیٹھ کام کران ۔ اکھ لٕڑکہٕ یُس مکھن لال
رینہ ناو اوس تمی کرٕیوو اَتھ ڈراماہس منز لڑکی ہُنٛد کردار ادا ۔ یہ اوس بڈٕ خوبصورت
لٕڑکہٕ ۔ اَمہٕ پتہٕ یانے سنہٕ تاجی پتہٕ کٔرہ واریاہ ڈراما یانے "لڑکا" "ہم" "تنہا" اکھ بیتر ۔
بہر حال مے اوس سٟٹیجس پیٹھ کام کرنک سٹھا شوق ۔ قبائلی حملہٕ یانے سنہٕ تاجی پتہٕ
آیوو قومی کلچرل محاز وجودس ۔ اتہٕ آسی آرٹسٹ ترٕن واٗلی ، اداکار بیتر ۔ ہمیٚن
ہیٚتو اوس پاٗیرک عبدالغنی بیتر شاٗمل ۔ امکی ڈراما سپدے یہ نمایشہٕ ہیٚنٛدس
سٟٹیجس پیٹھ پتہٕ آیوو ناٗدِم صابن پلے "بوٚنبرِ یمبرزل" سٟٹیج کرنہٕ تتھ منز اوس
مے "ہرد" سُنٛد رول ادا کوٚرمُت ۔ یہ کردار اوس بڈٕ ڈیٚکھ ۔ یانے کلس گاسہٕ
لوٗد گنڈِتھ ۔ یہ اوس مے شوق سٟٹیجس پیٹھ کام کرنک ۔ یہ کنہ چھ ونٕنۍ لایکھ زِ
مسٹر کرسچوف آیوو یہ ڈراما وُچھنہٕ تیٚنٛدِ ہوٹلس منز تہٕ تمہٕ تہٕ کرٕیوو یہ بڈٕ پسند ۔
ناٗدِم صابن بنیاکھ اکھ ڈراما اوس "شہلہٕ کُل" یہ سپدے یوٚد وۄمن کالج سرینگرس منز
سٟٹیج تمن دوہن آس شری متی اندرا جی کشیر آمژ ۔ سو تہٕ آیہٕ یہ ڈراما وُچھنہٕ

اَنھ کالجس مَنٛز۔ سو تہٕ گٔیہ بٔڑ خوش ۔ اَنھ سارِی سے ڈرامہس آس مِیانِی ڈایریکشن ۔
ہتے چھُ ڈٔنی کینہہ یاد پیوان زِ شریمتی اندراجی گٔیبیہ داچھ گام ۔ تمہٕ وَون نتہٕ زِ
بہٕ وُچھا "شُہل کُل" ڈرامہک کینٛژہ سین بیٚیہ اکہٕ لٹہٕ۔ پَتہٕ سۄمبراوِ تمہٕ سارے
ٹرکیہ بِہِمہٕ اَنھ منٛز کام آسہٕ کران۔ بہٕ تہٕ ناٹِم صاب آے تمن ہتی داچھ گام
تہٕ وُچھ یِتھ پاٹھی اندراجی یہٕ ڈراما وٚدیمہٕ لٹہٕ تہٕ گٔیہ سیٹھا خوش۔ مےٚ چھُ از تنہٕ
یاد زِ اتہٕ جٕہ کھ اندراجی چلے تہٕ تتھ ہتی دِژہس گُلی چہٕ ۔ اَسہٕ نہٕ ڈِتک یہٕ
گُلی چہٕ تہٕ چاے۔ بہٕ وننہٕ داوا سان زِ مےٚ چھینہٕ تیٚتھ گُلی چہٕ زانہہ کھیوٚمتٕے تہٕ نہٕ
کھیمہٕ دُبارٕ مرنس تام۔

چِھیکرس کوٚرس بہٕ گرِہلیو حالاتو سیٹھا گیر۔ گرکہو وٚنہم زِ کینٛژہ کاما کارا کر
یا نوکری کریتھ گرِکی حالاتھ ڈٲنجہٕ روزن۔ یمیٚے دوہن ڈرالے نمایشہٕ منٛز کینٛژھ پوسٹ
یم فقط ڈوڈس رٔتس خاطرٕ آسی۔ مےٚ کٔر اتہٕ کوٗشش تہٕ لیسٹس منٛز دراو ناو۔ مےٚ
آیہٕ نہٕ پٔرھ ، دوٚان تہٕ دوراں وڈنس بہٕ اور۔ بہٕ اوس اگریکلچرک سٹال نہٕ اتہٕ
اوس ہاوُن آسان زِ کھاد کٔنھہٕ پاٹھی چھِ تراوان تہٕ زراعت کنھ پاٹھی چھُ ترقی
کران ۔ نمایشس آس چالو تہٕ تریمہٕ دوہہٕ آیہٕ اکھ فرنچ لیڈی مےٚ نِش تہٕ پرژھن
سریلس کُن ہاوتھ 'yes' "وٹ اِز دِس" ——— یم چھ کوبلہٕ۔ نہٕ مےٚ چھینہٕ
خبرے زِ انگریزی پاٹھی کیا چھ کریلس وَ ۔ ا۔ بہٕ ھیٛس سوچان ۔ بوٚے اُمس
وَنہٕ تہٕ کیا۔ اُفرس وٚتمس" دِس اِز کرایا ڈڈ"۔ امہٕ پرژھم بیٚیہ" ہو ڈز
اِٹ ٹیسٹ" مےٚ وٚونس او۔ بٹر بٹر۔ تہٕ دِرایہٕ کرایا ڈڈ ، کرایا ڈڈ".

ونان ونان ۔ اَتہٕ لُبس مےٚ اِنچارج اَفسراوس بہٕ ۄدنہٕ نِھوٚد تہٕ آد ئمے نِش ۔ ۄدنم فنس کلاس پہہ گبہٕ کٲم کرنی پیٚتہٕ ۄدننم ووذ میلی زٕ ترقی ۔ بہٕ گوس اَندرۍ کنہٕ سہٕ ٹھا خوش تہٕ پرژھمس کیا ہش ۔ تورٕ ۄدنم ۔ زٕ گیی ووذ یگہکہٕ پیٹھ چھٹی خاک ۔ وٚراس رنہٕ ۔ ووذ چھس سوٗچان کوٚت گژھ ۔ صادق صاب اوس تم ۄدنمت بہٕ دِمے نوکری ۔

مےٚ ۄوپ اَتھ لگہٕ وقت بہٕ دوریوس بمبیہٕ ۔ مےٚ ئیوٗ تتہٕ سوٗمناتھ بٹ ہتی اُکس نِش سُہ اوس تسے شکر زاپان تہٕ پرژھنم زٕ کتہٕ پیٹھ آکھ ۔ ۄدمس بہٕ آس کٔشیر پیٹھ بہٕ چھس اکھ سٹیج آرٹسٹ تہٕ تیٚرھاں چھس کٲم کرنی ۔ تمہٕ ۄدپنم زٕ یہٕ شٔیبہٕ رٔینتی پیٚتہٕ ۔ لہٰذا وٚراس بہٕ اُمس نِش پوٚت کھورے والیس ۔ مےٚ گژھ وُنی کٔنس پانٕسہٕ آسنہٕ ۔ تہٕ پیٚتہٕ کنھ لگنم تم شیٖبہٕ رٔینتی پیٚنہٕ ۔ اُمس نِش وٚراس تہٕ سٹرکہٕ اَپارٕ بوٗزم زٕ اَتہٕ چھُ تھپٹر ۔ تہٕ ژاس اور ۔ اتہٕ پرژھہم ہاں جی آپ کا نام ۔ مےٚ ۄدمکھ پُشکر ناتھ تہٕ ہتی ۄدنمکھ بہٕ چھس آرٹسٹ ۔ تمہٕ ۄدنم ۔" ہاں جی گولی کھانے کے لئے تیار ہو" ۔ مےٚ گو پتہٕ جایہٕ بہٕ سخ محسوس ۔ یے آس کٲم کرنہٕ تہٕ گوٗلۍ کنھ چھم کھینی ۔ بہرحال اَتہٕ وُچھ مےٚ بلراج ساہنی ، شامل منترا بیٹر ۔ بہٕ ۄوٚنُس یمن یہ مےٚ زٕ تو سےٚ چھا گوڈٕ یٔیتہٕ گوٗلۍ کھینی تہٕ اِدٕ میلم کٲم ۔ یہٕ بوٗزتھ ۄدننم بلراج ساہنہٕ یِن ۔ کِس نے کہاں ؟" سےٚ ۄدمس سیکریٹری صاب ہے نا اُسی نے کہا" یہٕ آد سیٹھ ڈے اُمس نِش تہٕ پرژھنس یٔمس کیا چھُ ۄدنمت ۔ اُمہٕ ۄدٕنُس یمن چھُ مکرٕی تارُن کُس کنھ پاٹھٕ ووتھ کیا کرتہٕ بیٖیہٕ باقی چیز ۔ یا ووٗھن کنھ پاٹھۍ بیز تہٕ ہیٚن کنھ پاٹھۍ پیٚز ۔

بِم ڈۄنس یور گوٚلی سٟتھ پیٹھ ژھُس کھیٚنی تہٕ مےٚ کُن ڈۄنن سُہ کُس کھبیٚہٕ گوٚلی ۔ ژٕ ہنکھ بیٚیتہٕ
سیکریٹری پانہٕ ۔ مےٚ ڈۄہمس کیازِ نہٕ ۔ اتہٕ اٲسی واریاہ گرُپ ۔

مرأٹھی اٲسی کم تام اٲسی کم تام اٲسی ۔ بہٕ آس پگھہکہٕ پیٹھ اور تہٕ کٕرم سٲم شوٚرزو
یانے ستمبر ۴۹ء عیسوی پیٹھ ۵۱ء ہس تام رٕڈوس بہٕ اتہٕ سیکریٹری ۔ اَتھ دوران سَپُد
سمندرس بٹھِس پیٹھ کھلہٕ فضہس منز اکھ ڈراما " جھاڑو " یہٕ ژھُپہ کرشن چندرن لیوٚکھمت
تَتھ منز اوس میون رول ہیوٚمرس ۔ میانہٕ کامہٕ پیٹھ گٔرکھ واریاہ ژرٕنیپ ۔ بہٕ ژھُس
رتہٕ سونچان اماہ بِم لوٗکھ چھا مےٚ ہٹدان کِنہٕ شاباس شاباس دِوان ۔ اَتہٕ آس
اُکس ڈیریکٹر منز سال " عصمت " کٲم کران ۔ سوٚ آیہٕ پتہٕ مےٚ نِش تہٕ وۄننم ژےٚ
چھےٚ ڈایریکٹر ناد دِوان تہٕ بہٕ گوس تس نِش ۔ نتہٕ وۄدن تمی مےٚ کہٕ مےٚ اوس اکھ
ہیوٚمرس رول اُکس دِنیٚمت سُہ گو بیمار نہٕ گو واپس دِلہٕ ۔ ژٕ کرکھ یہٕ رول ۔ تہٕ
کوٚرُم فارمس سایِن ۔ یہٕ چھُمبہٕ پتاہ ۔ اَکھ زٕ پاٚنسہٕ آسیا لیکھتھ رکِنہٕ کیا اوسُس
لیکھتھ ۔ بہٕ اوسُس پتہٕ ماڈرن مِلہٕ منز کٲم کران ۔ اتہٕ پیٹھ گوس بہٕ ڈایریکٹرس
نِش انٹرویو دِنہٕ خاطر ۔ اتہٕ آو کارِ منز کُنتام تہٕ ڈۄتھ بون ۔ اُمس آس دوتہٕ
رٕژھا تہٕ چپنہٕ پیوٚنتا لاگِتھ ۔ مےٚ ڈۄپ چپرٲسی آسہٕ نہٕ بہٕ ژھُس پرٲران
ڈایریکٹرس ۔ یٮ۪لہٕ زیادٕے ژیر ہیوٚتن گژھُن مےٚ پرژھ یمن زٕ ڈاکٹر ییہٕ نا
اور ڈۄہیم سیوٚے آدی آو ۔ ہوٚ خصر ژاس بہٕ اندر ۔ اتہٕ یہوٚے ڈایریکٹر مےٚ
انٹرویو ہنس تہٕ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ نفر ۔ یِمو منز پرژھ مےٚ اکھ ژٕ چھکھ کُنہٕ جایہٕ
نوکری کران ؟ مےٚ ڈۄہمس ۔ آ ۔ بہٕ بوٗزِتھ ڈۄپکھ تیٚلہٕ کیازِ کرکھ ژٕ بیٚیتہٕ نوکری ۔

مےٚ ڈوٚپمکھ بنیتہٕ میلن ناداہ روٗپیہ تنخواہس زیادٕ ۔ بیاکھا وٚڈ دِتھم ۔ ژٕ کیٛاز چھا پٔژی بنیتہٕ
ڈٔری ۔ مےٚ ڈوٚپس کیازِ نہٕ ۔ ڈوٚپنم ۔ ژےٚ چھُیہٕ کانٛہہ تجربٕہ ۔ مےٚ ڈوٚپس تجربہٕ چھُمنہٕ
کانٛہہ ۔ البتہٕ ڈوٚپمس ۔ گریجویٹ چھُس ۔ تجربہٕ گژھِ ہم پانَے ۔ بیاکھ ڈوٚتھم ۔ ژٕ کتہٕ
پیٛٹھ چھُکھ آمُت ۔ مےٚ ڈوٚپمس کشیٖرِ پیٛٹھٕ ۔ ڈوٚپُن اچھا کم کاسہٕ چھُیہ کینٛہہ تجربہ ۔ مےٚ
ڈوٚپمس بلکُل نہٕ کہیں ۔ پتہٕ ڈوٚپنم ژٕ ہیکہ کھاُ نرٕتھ سٹیجس پیٛٹھ ۔ مےٚ ڈوٚنمس ۔ آ ۔
اتھ مُتلق چھُس بہٕ کم کاسہٕ زانان ۔ وونی ہیٛوت مےٚ نیرُن تہٕ ڈوٚنہم زِ دون ژون
دوہن تام واتی ژےٚ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیکھتھ ۔ آخر واتژ ستہٕ ڈوہہ پتہٕ مےٚ چِٹھی ۔ بہٕ
اوسہس اکسٹنٹ اکونٹنٹ بنوومُت ۔ یہ پُرتھ ژایہ مےٚ تھر تھر ہش ۔ پتہٕ ییلہٕ بہٕ نور
گوس تتہٕ اوس اکھ نفرا ۔ ڈوٚپس زِ ژٕ آستہٕ مثیاڈ کام کران ۔ بہٕ آسنہ چاے واے
چاوان ۔ بہٕ آسہہ چاڈ ساڑے کام کران ۔ راتہٕ اوس ہیمن ڈوہن اکھ قلمی رِسالہٕ
"آیئنہٕ" نیران ۔ اتھ اوسُس بہٕ آرٹیکل لیکھان ۔ بہٕ اوسُس پانٛژ بجہ اور گژھان
تہٕ نہٕ اوس مثیاڈ ساڑے کام کران پتہٕ بنے یہ مےٚ کام نہٕ تہٕ پانٛسہ نتہٕ ۔ مےٚ کوٚر
سہی زِ بہٕ تھر پانٛژن ستن دوہن کشیٖرِ ۔ چھیکرس ووتس بہٕ مالِس نِش ۔ مےٚ ڈوٚن
مالِس زِ بہٕ رٕتھتھ ژٕ پانٛس ہتی بمیہ تہٕ کیازِ وونی بنے یہ مےٚ جان نوکری ۔ سُہ ڈوٚتھم
تورٕ بہٕ نہٕ سانیرے ۔ بہٕ بیتہٕ زاس تتی چھُ مےٚ رٔزُن تہٕ نہٕ تتی چھُ مےٚ مرُن تہٕ ۔

سرینگر اوس حبہ کدلہٕ نِشہٕ اکھ نوٹو وول ۔ موہن لال ایما اوس اور آمُت
یام بہٕ اُمی وُچھمس ۔ اُمی ڈوٚنم ۔ وُچھ سا جان گو ژٕ سمکھیو کھ مےٚ ۔ وولہٕ ژٕ کرکھ ریڈیوہس
منٛز کام ۔ مےٚ ڈوٚپس تتہٕ کیا چھُ مےٚ کرُن ۔ تمہ ڈوٚپنم کیا چھُے کرُن ۔ کینٛہہ مزاحیہ چھے

لیکھن بیٚیہِ کیا چھُے کرُن ۔ بہٕ گوس ڈوٗیمہِ دوہہٕ ریڈیو سٹیشن ۔ اَتہِ پرژُھو مےٚ سٹیشن
ڈایرٛیکٹرن ۔ نیبر کوٚت اوُسکھ تنخاہ نِوان ۔ مےٚ ڈوٗپس رٕژس پانٛژ ستھ رٕپیہٕ ۔ سُہ
ڈوٗٹھم بلکُل میلی تی ۔ مگر اکھ کتھ چھے یم چھُے دوہَس ڈایہ روٗپیہٕ ۔ بیٚیمہِ دوہ نہٕ ژٕ یکھ
ہیمہٕ ڈایہ روپیہ ژھین ئے ۔ بہٕ لوٗگس ہانس ہتی سوچنہِ مےٚ ڈوٗپ پانہٕ ژٕ کریہِ برداشت
کیازِ ہکہٕ ٹنگ تہٕ چھُے بیٚیتہٕ تہٕ باتھ چیٖزٕ تہٕ چھہٕ ۔ تہٕ کرٛ مےٚ اَتہِ نوکری نتو' تہٕ مےٚ
پتہٕ ژٕ نبیٛ دِہری آد پٲران بی تہٕ تہٕ چھُس بہٕ دوٚنٛ لیکھان دِکھان نہٕ ۔ پتہٕ بنیوٗ سُہ
تہٕ اسِسٹنٹ پرڈیوسر تہٕ بہٕ تہٕ ۔ دوٚنٛ ہیٚنن اَتہِ فیچر گرٛژھتی شوٗرُو مٔلن ، ہیر و مچامہِ
پوشہٕ گوٚنٛد ، زوٗنہٕ ڈب وغارہٕ ۔ پتہٕ لیوٗکھ مےٚ بچن ہنٛد خاطرٕ مٔلن "کاو کاکھ" ہاپتھ
وول" بیتر ۔ ہم زٕن یم سیمپل چیٖز آسہٕ ہن ۔ بہٕ اوُسُس یم پانےٚ لیکھان ۔ اَمہِ ہتہٕ
وت کافی آدر مےٚ تہٕ اَتھ لایق اوسہٕ ساہہٕ کینہٕ نہٕ ۔ پتہٕ گو دوٗر درشن کیندر سری نگر
شوٗرُو ۔ تتھ منٛز نیوٗ مےٚ گوڈٕ "ڈاکٹر زہرو" "زنگن ہنٛدی رنگ" "لالہٕ ہنٛد مجنوٗن"
وغارن منٛز حِصہٕ ۔ پتہٕ گو بہار پیٹہٕ نہس منٛز "جہاں راہ وہاں چاہ" تہٕ "انقلاب"
کینہہ کتابہٕ لیچھہِ مےٚ ۔ "مےٚ لیوٗکھ کشمیر ترقی کے دور میں" "مچامہٕ" ۔ پتہٕ کرٛم فِلمن
منٛز تہٕ کام مسلن "ماثنٛز راتھ" "شاعر کشمیر مہجور" ۔ ماثنٛز راتھ منٛز اوُسُس بہٕ کورِ
ہُنٛد موٚل ۔ اَمہِ پتہٕ بنے یہ راجکپوُرنٛ فلم "بوبی" بلوارڈ روڈ ڈل نَبِس پیٹھ ۔
بہٕ گوس راج کپوُرس نِش ۔ اَمس آس پننیٚ زنانہٕ کرِشنا ہتی ۔ آخرس پیٹھ اوس یمن
اکھ سین فِلماوُن مگر بیٚیمہِ دوہ اور گژھُن اوس تمہِ دوہ بیو راتی راتس سیٚتھ شین
نہٕ یہ ڈراو پوٚت کھوری دایس ۔ نیٚس سین اَمس فِلماوُن اوس سُہ اوس تمی بمبیہِ منٛزٕ

کوٚرمُت۔ مگر مےٚ وۄن نہٕ زانٕہِ تس پانٛسن مُتلِق تِکیازِ شوق اوس چاہت آس۔

بہٕ وَنہٕ یہِ کتھ زِ ودٕنۍ چھِ کینٛہہ ترٛٹھ کتھ آسان یِم نہٕ آخرس تام مشتھ گژھان

چھےٚ۔ تِمہِ چھِ اسہِ یاد روزان۔ بہٕ اوسُس پانٛژمہِ جماژ ہری سِنگھ ہائی سکوٗل مُحلا کا

مُحلہِ جوٗمہِ پران۔ اکہِ دۄہ گییہ اَسۍ کبڈی گِنٛدنہِ۔ کبڈی گیٛنٛد تہٕ پتہٕ آیہِ واپس۔ مےٚ

آس پتاجیٖن چندس مَنٛز چھولے پوٗرِ کھیٚنہٕ باپتھ ژوٗنۍ تھاوِمٕژ۔ تِمن دۄہن اوس شُرِ بچ

مےٚ چھِ آسان یہِ ژوٗنۍ رٲوِمٕژ۔ بہٕ چھُس دِیان ہِگوانہٕ بہٕ کرکیہ پیاری چھم لبہٕ چھِ آسان لگمٕژ

بے پانٛسو بہار کھیمہ تہٕ کیا کھیمہ۔

بہٕ چھُس اَکس گُلِس کُن وُچھان آسان تہٕ مےٚ چھِ پینٛژن کُن نظر۔ یِیہ ہوٗ پھر

مےٚ ڈوٗل یہِ ہورکُن تہٕ وُچھان چھُس پینٛژ ژوٗنۍ۔ مےٚ ژٕج کُنۍ کرکھ نیرتھ "میری چونی

اسہِ چھِ پھوان مانٛن زِ بھگوان چھُ کانٛہہ ہستی۔ یہِ ہیوٗٹھ مےٚ تیٚلی دٲلِنٛجہ پیٚٹھ بیٚیلہ مےٚ

پینٛژ ژوٗنۍ لٔب۔ چونکہِ بہٕ اوسُس لبہٕ چھِ ہوٗتے تہٕ نبہٕ مےٚ چھولہ پوٗری کھیٚتھ۔ تیٚلہِ

اوسہٕ پینٛژن مجلس مَنٛز پادرے آسان۔ بہٕ اوسُس نیران تہٕ نور انفس کتھ ہتھ

دِوان اوسُس تہٕ نارِ مَنٛز زورٕ زورٕ کرِتھ "میں یہاں ہوں، "ودٕنۍ بوزِ دِ توہۍ خبر"۔

بیٚیلہِ تہٕ پادرے اوس نہٕ خبر کتہٕ بوزہو۔ لہٰذا اوسُس بے وَنان۔ " بہٕ چھُس پُشکرناتھ

ودٕنۍ بوزِ دِ توٚہۍ خبر"۔ بیٚیہ آسۍ اَسۍ مُحلہِ دٲکہ پانٛژھ آٹھ نیران تہٕ بہان ویتھ بٕہس

پیٚٹھ شوقہٕ سان نظارہ وُچھنہٕ۔

اکہِ دۄہ شوزہس بہٕ ٹیٚکس نفرس ہیتی پانٛژن سِٹن ہُشہ۱۷۱۱ پروگرام

براڈ کاسٹ کرنہٕ خاطرٕ۔ مگر اور بیٚیلہِ دٲکہ بہٕ نفر کیا چھُ وَنان تہٕ کیا چھُنہٕ وَنان۔

مےٚ چھِنہٕ تہٕ خبرے نہٕ کیازِ مےٚ وُچھ دوٗر پہَن اکھ شرار ۔ اُمِس کھسان گگُر لچہٕ
پیٹھہٕ یہٕ دِوان لچہٕ زیرِ تہٕ گگر وسان بوٚن ۔ یہٕ تھوان بنیہٕ لُٹ شیٖر تہٕ تہٕ گگُر
کھسان بنیہٕ واپس ۔ یہٕ سِلسِلہٕ روٗد جاری یوٚنامتھ ہُہشِر کتھ بانتھ تہٕ موکلیہٕ ۔
یہٕ اوس میانہٕ خاطرٕ نوٚدُے تماشا ۔ پتہٕ پیٚلہِ مےٚ دفترٕ وَون اے ایس ڈی ہا پَنا
امیک سکرِپٹ بوزناوُنہٕ باپتھ تہٕ بہٕ کیا بوزٕناوٕ ہا ۔ مےٚ آس تہٕ تِمیٚ خبرے ۔ کُہتام
کُہتام ژاے نازکی صاب تہٕ پریم ناتھ پردیسی صاب تہٕ بہٕ ڈراس نمبر ۔ مےٚ پُھتوو
سبھا تہٕ موٚنگم بھگوانس زِ مےٚ گوٚژھ پتھے بیاکھ موقہٕ میلُن ۔ دَینا ۔ بوٚز میون تہٕ
سوپورٕ کیٚ گاوُن ہنزِ نُمائش تہٕ بہٕ سوٚز ہس تمیُک سکرِپٹ لیکھنہٕ خاطرٕ توٚر ۔
سبھا خوش گوس تہٕ مےٚ لیکھی تہٕ اَتھ نُمایشہٕ پیٹھ پیرگراف شیٚے ہر اکھ اکھ
پیرگراف اوس ژٕرِ ژٕدن ژٕدن لائن ہُند ۔ واپس یِتھ ژٕراڈِم پانٛژھ
شیٚے پیرگراف اے ایس ڈی ا۔ بروٗ شہر کنہٕ ۔ اُمی لیوٚکھ اَتھ پیتی کنہٕ ۔ یہٕ ہسا
گژھ بمیہٕ واپس نہٕ کیازِ انگریزی لگِہ نہٕ پیٚیتہٕ کُنی ۔ ژِکہٕ اوس نہٕ اُمِس انگریزی
نِکرٕ ترِان ۔ شاید اوس سُہ کیاہتام مِڈل پاس ۔ بہٕ ژٕ شخص کُیتھ تام ہیوٚگُرِ ژھ
بوٚن ۔ اُمِس اوس چپراسی گوٚنٛد رام ۔ یہٕ آو بوٚن مےٚ نِشہِ تہٕ ژٕ دِیتنم ناد چھُے
دِوان ۔ مےٚ باسیوو زِ مےٚ پُھ ودنہٕ پیٚیتہٕ نیرُن ۔ پیٚلہِ گوٚنٛدہٕ رام ژٕ دیمہٕ لیٖہٕ
مےٚ نادس آو مےٚ باسیوو یہٕ زَن تہٕ ہمرازٕ آو ۔ بہر حال پُھٹی مہتیو کوٹھوژاس
اَدر نہٕ اَتہٕ چھم وَنان یم انگریزی بر گیوف ۔ چھُے ژٕبے ہٕڈ ہنزِ ہن لیکھی منیٚ ۔ یم کرِکھ
پروگرامس منٛز Include بہٕ ڈراس ودیتہٕ نیلان ۔ ایما صابس تہٕ پردیسی صابس

ڈُنم زِ تو ہیہ چھُنہٕ! زاتھہٕ ہیٚتھ نوٹ لیوکھمُت ۔ چھیکرس نیوٹس اے ایس ڈی ایٚن

ببیہٕ پانس نش ناد دِتھ تہٕ ڈَنم کرسی بیٚٹھہٕ ہٕنہ ڈوپنم ۔ بہٕ دِمے ژےٚ

تیٚوتھ توسیہ لیس مےٚ وُنہ تہٕ وِزِ وِزِ بکار لیوان چھُ ۔ ڈوپن "All The

persons working in door DARSHAN Kandra

must keep Their eyes and ears open."

اُمی وون مےٚ ژٕ کرکھ وارِیاہ کیٚنہہ کور cover مسلن "مچاپہ" دغار ۔ چھُ

کیا مچاپہ ــــ ؟ مچاپہ چھِ اُسی ساری ۔ کرورٕ ہٕدی مچاپہ چھِ ۔ ہیمن ترقی ہٕنٛد

ہوس چھُ آسان یانے مےٚ گوٚزتھ موٹر ، بنگلہ ، کار ، ہوٹل بتا ، عاشا آراما ۔ مےٚ

چھُ پیوان مچانک بیک گراونڈ یاد ــــــ ہمیہ چھُس بہٕ گولڈ منز آرٹسٹ

ایمپٹو ہمس منٛز بہتھ ۔ اوٚرِ ہنٛد ہیٚن چھُ اکھاہ مےٚ کن تھر پھیرِتھ بہتھ ـــ

زاتی کار جوراہ آے دِیان چھِم وِدلہ سۓ پانژھ روپیہ دِ ۔ بہٕ چھُس ہیمن

وَنان بہٕ آس چاے چیٚنہٕ تتھ لگہِ اکھ روپے پانژھ روپیہ کیتھ دِمو

بہٕ توسیہ ییم چھِم وَنان اسہِ تا چھِنہ پانس خاطرِ ۔ بہٕ ہا چھُ اکھاہ کیٚشیر پیٚٹھہ آمٕت

اُمِس تا چھِنہ واپس گژھنہٕ خاطر کراے ۔ دوٚتی سوزون یہ گرِ ۔ مےٚ ڈوپ بہٕ وُچھین

یہ کُس چھُ ۔ اَتہِ چھُس وُچھان حبہ کدلہ اپارِم اکھ بیکری وول ۔ اُمس ادس مول

کماوان جان پانسہ ۔ اُمی نیٚمتی بھاگیس پانسہ ژورٕ تہٕ آمُت ہمیہ ۔ اُمس کمی تام

ڈونمُت ژےٚ چھے کاژرس ۔ تنیکل تہٕ چھے ٹھکمہ ۔ ژےٚ کیا کرُن ہیمن روپیان

گژھ ہمیہ تہٕ بَن اکھ طرٕ ۔ یم اُمس پیٚٹھ رٕژھان ۔ ژٕہ کیازِ آیوکھ ۔ بہٕ چھُ ہیمن

بہٕ بال ہُتھ بالس تہٕ ہہٕ بال یتھ بالس وَنان ۔ ہیرِ د بنہٕ ٹنگ شوق گیوم ۔ بہرحال مےٚ وۆدُس ژےٚ کتھ تپالہِ اوُسے یورُین ۔ یہوٚے بنیاد میون گوڈٕنیک ڈراما تہٕ ناد تھوٚوُس ہیرِ د مچاہہٕ ۔ کیازِ بنہٕ خاطر گرِژھہ تمہٕ قسمچ قابلیت آسٕنۍ ۔ یُس نہٕ یتھ قابل آسہِ سُہ کتھ پاٹھۍ بنہ تہٕ ۔ یتھ مسلہٕ آسنو توہہِ وارِیاہ وُچھمتۍ ۔ ساری ڈراما وُچھو توہۍ ۔ رتمن چُھ ذکرِ یہوٚے چیز ۔ مےٚ اوس چیٹرجی صاب وَنان زِ ہیو دِہ ہس وُچھو توہۍ یتہٕ بدۍ چیز تم تھاوِو توٚہۍ ذہنس منز ۔ تم گرِژھن لیکھت تھاوٕنۍ۔ بیٚیہِ اوس ہٕہوٚ جگرناتھ ساقی دِ بہا ۔ ساقی اوس بوٚڈ باہ آرٹسٹ زمانک ۔ جان اوس ۔ ریڈیو تہٕ سٹیجک اوس زبردست آرٹسٹ ۔ یہ اوس سادھو صابس تہٕ مےٚ دِوۓ وَنان زِ میون گرٕہیو ۔ مےٚ تِش بہیو وغارہٕ ۔ بہرحال اُسۍ گیہ اکِ دۄہ اور ۔ اتہٕ وُچھ دروازس پیٹھ جگرناتھ ساقی شنکراچار منڈرس کُن ہُتھ کرِتھ " اوم جے جگدیش" ہرے پران مگر اُمس اکھ بڈٕ دۄزٕل نارٕ تکھ ہیو ہُتھ کرِتھ ۔ ہُتھہِ خوبصورت تہٕ زیوٚٹھ پوژھ لاگتھ کھورن پیٹھ کلہٕ تراوتھ تہٕ ساقی صابن اتھ اُمس کلس پیٹھ وُچھتھ گیہ ۔ بہٕ تہٕ سادھو صاب حاران ۔ زِ کیٚو تادن ۔ یہ کہو پاگل بنا ۔ ہہٕ کیہٕ جوان پرٕن پیٹھ عاجزی سان گلہٕ گنڈٕتھ بہتھ ۔ ساقی صابن موکلوو بکن وۆرنہٕ تس زِ ژٕ ٹھوٚو زِ یاد ۔ یلنۍ براہر ژےٚ اُنز زِ ۔ اُسۍ گیہ حاران زِ اُمۍ کیاوۆن اُمس ۔ سُہ ڈراو تہٕ اسہِ وۆدُس زِ ژٕ کُسو سینٹ saint بنیوکھ ۔ مُکھ چھی کران کھورن تھپہٕ تہٕ ژےٚ کیاوۆد ہُتھ اُمس ۔ ساقی صابن وۆدن اسان اسان" ازکل چھنا خاندر

یہ گو اول نمبر وازِ۔ وۄہیس نا یاد ٹھوٚو زِ، نی تو پگاہ دۄہس نیٚنہٕ تیا کھینتھ۔ اُسی چھنا تریٚیے۔

بحرحال کیٚن دۄہن آس نہٕ "زِنٛدٕ ڈب" گژھان کیٚنژہ۔ سادھو صاب وۄتھ لہٰذا سُلے گرٕ۔ اُمِس آس صاحٕ ٹلکس تل بانہٕ چھلان۔ سادھو صابٕ یِیلہِ وُچھُن بوہگُن پیٛوس اَتھ مشرِ تہٕ ژرجس کٔرکھ نیٚرتھ۔ ہاے یہ ہیٚے چُھم بیمار۔ تیٚنی یہ سارٕ دَیہِ، کھِہ بجرِ اوس والپس یِوان۔ یہ وۄتھس تیٚاے موجی۔ بیمار تِہ چُھسنہٕ۔ مگر صاحٕ کیٚنھ ماتہٕ ہیٚس۔ وۄدپ نس پگسہٕ پیٹھ ہیٚے یِمہٕ بہٕ حالس سُلی۔ تِکیازِ پکھکرِ پیٹھ تِہ چُھنہٕ پانژن ستن دۄہن "زِنٛدٕ ڈب"۔ پگاہ یِیلہِ اُسی ریڈیو پیٹھ سُلے ڈرلے گے ہوٹلس مشرِ تہٕ چیٚیہِ چایا۔ یِتھ کٕنہ رٕوٛدی وقت زایہِ کران۔ مگر سادھو صابُن موت پٹٕ بیٚنہٕ زانہہ تہٕ سُلہِ گرٕ گژھَن۔ واریاہ کیٚنھ چھیٚ زِندگی ہٕنٛز انسانس یاد روزان۔

سوال جواب :۔

ارجن دیو مجبورؔ :۔ توہہ کٔرو واریاہ کٲم، فن کٲری، ادا کٲری، لیکھن تہٕ باقے چیز۔ یتیمہٕ کنٛ توہی پژ مقبول سپدو تہٕ توتہٕ آو توہہٕ قاتلانہٕ حملہٕ کرنہٕ۔ ییہٕ کیا وجہ اوس۔ حالانکہٕ توہہ کٔرو نہٕ زانٛہہ نہٕ کانٛہہ سکرپیرین کٲم

پُشکر جی :۔ دراصل اوسُس بہٕ شامن واپس ریڈیو یوان بہٕ ژونُس ایمپورٹمس رَش تہٕ ییٚہ باسیوو کمی تام کوٗرہٕ آکو۔ اَتھ اوس اپارِ ساری سیٚے انہٕ گوٹ بہٕ پھیورس واپس تہٕ واپس یوان یوان آس بہٕ شُشتر وِس، ڈنڈس ٹھاسہٕ۔ بہٕ اوسُس سکوٗٹرس پیٹھ تہٕ پتہٕ چھم نہٕ خبرے ییٚہ پیٹھ کیاز کرہے کانٛہہ قاتلانہٕ حملہٕ۔ ییٚہ نے تتھ لایق کینٛہہ کوٗرنہٕ۔

موہن لال آتش :۔ یمو دیت اسہٕ اَسُن۔ مطلب کہٕ زولجو ہشہٕ پیٹھ اوس نہٕ اسہٕ زٕنٛہہ یہٕ چھو گوٗڈنیک نفر یتیمی کاشرِ اسہٕ ناوِی۔ کم از کم وَنہٕ بہٕ یودوسہٕ ساۓ ہسٹری چھے سو چھے ودٕنۓ پاٹھ۔ ہر ستہٕ دیو ہشہٕ پیٹھ ۹۰ نس تام وٚودُے وٚود اَسہٕ۔ بہٕ آو اکھ فیژا اکھ اسہٕ اَتھ۔ یتیمہٕ ساتہٕ اُسی اَمی اسہٕ ناوِی یہٕ وُد سیٹھا ہر دِلعزیز۔ فلمہٕ منز کٔرِو کٲم۔ یانے ماتیٚر راۓ منز مگر تیٚر زٕہ ہا توہہٕ سو فلم کیاز چلییہٕ نہٕ۔ امہٕ پتہٕ کیا ہلہٕ دوٗ نہٕ توہہٕ یہٕ سِلسِلہٕ۔ بٔیہٕ فلم کیاز بنییہٕ نہٕ تہٕ اتھ تراووٗ نہٕ خاص روٗشنی۔

سبحان صاحب :۔ فلمہٕ بناون آسی بدلے۔ ییٚہ کٔرتمن منز کٲم۔ فلم بناونٕ چھنہٕ

سہل آسان ۔ تِتھ گژھن ڈیار آہنی ۔ باقے لیکھنک سِلسلہ
رُود جاری ۔ وونی گیہ اسہ ناوِنج کتھہ تہ وۄن نازِ تمے
چھُ لوکچارس وارہ وۄد مُت ۔ لہٰذا شروو مے وۄن تہ اُمن
کورُم جاری ۔

جواہر لال سرورؔ: ۔ زُونہ ڈب رُوز کشیر منز زبردست کامیاب تہ مقبولِ عام فیچر ۔
یہ سپھہ پانچھی ہیوتو یہ ہِتھس پروگرامس کُن ظطون تہ ناو کتھہ تھوودس ؟

بھان صاب: ۔ چونکہ یہ اوسُس اکثر گامَن منز گژھان رِکارڈنگ کرنہِ تہ
اکہِ دوہ یہ سمکھیوو مے اکھ سٹھا واتُسٹھ گرٛہیلی لویا ۔ تمی
وۄن سُتھ کتھہ کران زِ گرکی باژ چھ یار دوس چھ تمن ہتی چھ
شامن شامن کتھا باتھا کران ۔ مے وُنُس یوریتے بجای چھیپی نہ
گاشی چھینہ ۔ نہ توہی کتین چھو یہ کتھا باتھا کران ۔ وۄنین لشتہ
نِہ چھنا ۔ تس چھ زالان کیشر تس کالس ۔ پتہ گو تۄ دُرنک گاش
زُون ہا ۔ اچھا ۔ مے پرژُھس تہ ہہان کتہ چھو وۄنین ڈبہِ پلھ
یہ لوگُس سوچنہِ ــــ زُون ــــ ڈب ــــ یہ چھُ فِس کلاس
تھووس ناو "زُونہ ڈب" تہ ماہہ بنس یہ ۔ پرتھ کینہہ بنہ اَلیاتس
مسلہ چھ ساسہ بدی ۔ وُچھُن واچھُن ۔ مے لیکھہ پتہ ۔ اخبارَن
منز چھ مسلہ لیکھان ۔ واریاہس کالس لیوکھ مے ۔ یوتام
سادھو صاب تیار گوُر ۔ تہ پتہ آسی دونوے لیکھان رُلتھ میلتھ ،

پتہٕ تۆگنہٕ کٲشرِ بوزن یہٕ چھا اکی بلیو کھمٹ کینہہ دوٚیو۔ نہٕ روٗز

co-ordination.

مہاراج کرشن سنتوشی۔ ژٕ سوال چھہ۔ اکھ سوال چھُ کہِ ییٚمہِ ساتہٕ کٲشرٕ اَدیب پانَس منٛز وَنان چھہِ پتہٕ نس موحبتَس تہٕ پتہٕ نِس عشقس مُتلق چھنہٕ تِم کہنی وَنان۔ اَسی پترٕچھو بھان مائیس نِش یہٕ زانُن زٕ تِمو چھا پننہِ زندگی منٛز عشق تہٕ کوٗرمنت کینہہ تہٕ۔

دوٚیِم سوال چھُ یہ کہِ تِم کمِس ہیوٗمرس رایٹرس نِش چھہ مُتأثر۔ پننہِ زبانٕی ہہندِس کٲشرِ نِش رکھنہٕ یِم زبانٕی دُنیہچِن باقی جاین منٛز لیکھن والی چھہِ۔ خاص کرتِمہ یِم زَن Satirical لیکھن والی چھہِ۔ یِمو زَن تۆہہِ مُتأثر کٔرمتی چھو۔

بھان صاب:۔ مےٚ اوس اَصلی سنان یہٕ کہِ کینٛژھہ ڈراما یِم زَن اَسی تھراڈ کاسٹ کرہو سہٕ اوس آسان وبلاینٛکی کٲشرِ لیوٗ کھمٹ۔ پتہٕ آسی اَسی کٲشر ادان۔ اَتھ منٛز چھنہٕ مےٚ زٕ نپے کانٛہہ دلچسپی آس ہش۔ ییٚلہِ زَن سوٗت، ودھشن بہن، کنٛہ باتھ، دلہٕ ایتھ، سون سماجی ودھشن بہن تہٕ باقے باقے پیٚٹھ چھہ تہٕ اَسی چھہِ اَتھ منٛز تِمن نِش Differ کران۔ ساری ڈراما یِم زَن مےٚ لیکھمتی چھہِ تِم چھہِ مےٚ پننی۔ مےٚ چھنہٕ کٲشرِ ہندے دٕیت۔ دوٚنی چھہ بیٚشتر ہن کہِ اَدبِن منٛز روٗد ودھشن بہن، کنٛہ باتھ بس۔ باقے چھنہٕ کینٛژھہ۔ پتہٕ کانٛہہ چھُ لیکھان

وَنھ چھے پَنٕنۍ پَنٕنۍ ہیرنھ سَکانسہٕ۔ پیتہٕ ونہٕ بہٕ زِ بہٕ رٹہٕ ییمہٕ ہشر وَتھ
نہٕ ییکھہٕ ہیتھے پاٹھۍ۔ تہٕ توگُم نہٕ زانھہ تہٕ نہٕ تگیم۔
دوٕنی گو عشق تہٕ موحبتھ —— ماشوق چھُم بھگوان تہٕ میثانہٕ طرفہٕ
چھُس عشق۔

مکھن لال کنوٗل:۔ وننہٕ چھُ یوان زِ یُس زیادٕ اسُن تہٕ گِندُن چھُ کران یا کرناوان
تَس چھِ نصیب طور غمی آسان اندرٕ آتُر کرمژ یُس زن اُمِس
اَنھ کُن چھُ لاگان۔ اتھ مُتلِق کیا چھے تُہنٛز ذاتی راے۔

سبحان صاحب:۔ مُمکِن چھُ زِ ییٚتھ کَنھ ما آسہٕ۔ مگر بہٕ ونہٕ کہٕ مے چھُنہٕ کانھہ تہٕ غم
منہٕ للہٕ دُن۔ مے بہٕ وَدٕ تہٕ وَدوُم لوکچارس تہٕ پیتہٕ نہٕ زانھہٕ۔ یِیتہٕ
رُدوس بہٕ اَسان تہٕ اساوان۔

سوٗمناتھ زُتشی:۔ مے مہارا چھُ بچن مُتلِق سوال یاتے سانہٕ نوٕ پُیہٕ مُتلِق۔ یم گَیہٕ کٲشُر
نِشہٕ تہٕ محروم تہٕ کٲشر نِشہٕ تہٕ محرُوم۔ شُرِن ہندِ خاطرٕ لیوکھو تُہہٕ
"ہیٚتھ وول" یا باقے چیز۔ یاتے گیٚوٚ یوکھ نہٕ ہم تہٕ یَنھ زن بڑٕ
وچیتر یا الگے طرز چھُ۔ بہٕ سوٗرُے کیٚنہہٕ اوس بچن ہندِ خاطرٕ یُس
ریڈیو پیٹھ براڈ کاسٹ سپدان رُودی۔ تُہہٕ تہٕ چھا یموٗ شُر
کیٚنہہٕ صدا بند چیز پانس نِش تھاوِتھ۔ یا برونہہ کُن یِتھ
کیٚنہہٕ پروگرام تاکہٕ یہٕ چیز واتہٕ ہے گرٕ گرٕ تہٕ شُرِن ییہٕ ہے
رغبت پھرنہٕ۔

بھان صاب:۔ مےٚ نِشہٕ چھُنہٕ کینٛہہ تکیازِ یہِ ریڈیو پیٹھٕ وٕنن تمہِ چیہِ سارے کانٛہہ
چھےٚ ریڈیو کشمیرٕ پیٹھٕ مسلسٕل زوٚنہٕ ڈب" اتھ منٛز طنز و مزاح باقے
باقےٚ چیزٕ مےٚ چھُ باسان امہِ منٛز آسن اکھ یا زٕ موجوٗد یا باقے ڈراما
آسو یا باقے چیزٕ تِم چھہِ سیٹھا کم بیکھتھ۔ تِمو منٛز چھُ کم کانٛہہ نتہٕ زِ تکیازِ
تِمِچ رِیلٹی چھِ منٛزٕ منٛزٕ واتان لہٰذا آسنکھ تِم کینٛہہ۔

یہِ مااوس دیماغس منٛز زِ پانٛژٕ دہہِ ڈٕہرٕ پیتہٕ کیا نیبدِ۔ امیک
اوس تہٕ کانٛہہ باش۔ بیٚیہٕ اگر خبر آسہِ ہے زِ یہِ چھُ سیٚدٕن وول اُسے تھوٚوٚہو
بچاوِتھ۔ رِکارڈ کٔرِتھ۔

مکھن لال کنول

# کاشی ناتھ باغوان۔ اکھ تعارف

کٲشرِ چھے پننہٕ قدرتی حُسنہٕ کِنۍ ساریسے عالمس منٛز سرس۔ یتیٚنکۍ گٕہلی یارِ وَن
تہٕ اَسمانس ییتۍ کٲنٛہہ کرِوٕنۍ شیشہٕ سنگرٕ نبس آنہٕ ہاوَن وٲلۍ شیشہٕ ناگ، تہٕ کاتُھہ ژلراوَن
وٲلۍ زٕنبہٕ آرٕ، پوشہٕ مرگ تہٕ آبس ژھٕلی کرُون اہربل چھِ کاشرٕ بتہٕ پٔرتھ دورس منٛز تخیُل کِنۍ
بَرن پیٚٹھ جلوٕ کڈان روٗدی متۍ۔ للہٕ دید تہٕ نُند ریشی تہٕ پتہٕ پیٚٹھ مہجور تہٕ تازس تام چھِ داراہ
تھیکنی لایق ناو یِمو پننہٕ تہِ خیالن تہٕ تجرُبن زیوٗد دِتھ ماجہٕ کٲشرِ ہُنٛد ناو نیچھِ نوو مُت
چھُ تہٕ اَمے وَنہٕ از کالس منٛز یِکہٕ وٕنی ہنٛزٕ گوڈنچہ پُیہٕ منٛز چھِ، مرزا عارف بیگ، ارجن
دیو مجبور، اَمین کامل، شمبھو ناتھ بٹ حلیم، رحمان راہی، غلام نبی فراق بیتر شامِل تہٕ یِہنٛدے
ہتی بوٚج چھُ کاشی ناتھ باغوان تہٕ یُس کاشرِس ادبس لول بَران روٗد۔

باغوان صاب زاد ۱۹۲۱ عیسوی ہس منٛز (۲۱) اکوُہمہٕ اپریل اننت ناگہٕ اُکس
نیک سیرتھ ووستاد شری واسدیو تہٕ گرٕ۔ تُہنٛدی یادی تایم گرٲمی اننت ناگ قصبس منٛزے
ژُرتیچن مشن ہائی سکوٗلس منٛز حاصل۔ اَمہِ پتہٕ نیوٗن ایس۔ پی۔ کالج سری نگرس منٛز
داخلہ ییتہٕ اَمہِ ایف۔ اے۔ کوٚر یُتھنکہٕ یہ چھُ لوکچار پیٚٹھے سیمابی طبیعت اوسمُت
لہٰذا بناوُن اَمہِ "ساوتھ کشمیر سٹوڈنٹس آرگنایزیشن" تہٕ یِہوے تھووُکھ امہِ صدر تہٕ
اَتھ منٛز آسہ ڈسٹرکٹ اننت ناگکی تمام طالب علم ممبر۔ اَتھ اَنجمنس منٛز روٗد باغوان غریب

لڑکن کتابہٕ فیس وغاڑ مہیا کٔرتھ انھہ رٔوٹ کران۔ اَتھی لرِ لوٗر بنوٗوُن دِ لیپ اَپ لِفٹ ڈراماٹک کلب"۔ اَمہِ کلبہٕ زری یہٕ رٔود یم پنٕنہِ شوقین ساکھی ہیتھ جایہِ جایہِ جلسہٕ کران تہٕ سبق آموز ڈراما تہٕ ہاوان۔ اُڑکن رٔودی تأليم حاصل کرنس کُن رأغب کران تہ یِیتہٕ کُنہِ خِلس منز ماکہٕ آسہِ ہے تہٕ تنتہٕ آسی پنٕنی جماعتھ ہیتھ سوشل سٔروِس کران۔

چوٗنکہِ یِموٗ اوس دونی F-A کورٕمنٹ تہٕ لہذا کوٗرکھ 'B-Sc' تہٕ ٹیکنِکل سکولس منز کوٗرکھ پینٹنگ ڈیزیننگ تہٕ ڈرائینگ کُرنک کورس تہٕ پاس۔ تہٕ پتھ پاٹھی لوٗگ یہٕ ۱۹۴۰ء عیسوی یس منز محکمہ تألیمس منز وہستاد۔ اَتھی دوران کٔر یِمو گریجویشن تہٕ پتہٕ BEC ٹریننگ تہٕ۔ لیکن پننہٕ قابلیت تہٕ زہانتہٕ کِنی نیوکھ باغوان صاب موبایِل ٹریننگ سکواڈس منز یُس وہستادن اوس تأليم دِنہٕ کیٚن نوین طریقن ہنٛز جانکاری تہٕ کرناوان تہٕ نوٚو طریقو پیٚٹھ ناوُن تہٕ ہیٚچھناوُن۔ اتہٕ رٔنیہِ باغوان صابن دہ یہٕ پھرِ گزیٹِڈ پرموشن یِنامہٕ رنگی —

Mobile Training sqd. چھیکرس آر ۵۳ء ہس منز بند باغوان سوٗزکھ ٹیچرس ٹریننگ سکولس منز۔ ییٚتہٕ یِم ۲۳ ہن وری ین کام رٔودی کران۔ یِموٗ رٔنیہٕ گزیٹِڈ پرموشن تہٕ اَتھی اِدارس منز۔

اَتھی دورانس منز بناو یِمو باقین ساتھین ہنٛز رٔلتھ بزمِ اَدب ملکریٹیہ وقتہٕ یِمو پنٕنی گوڈنیچ شارہٕ سوٗمبرن چھاپ کٔر تمہٕ وقتہٕ اوس یہٕ ۲۵ وُہر اتھ اوس نالہ دِل ناو اکھ چھُنہٕ کیٚمن کاتہہ نوہ سنٛزہ موجوٗد ملکرکینٛزہِ شار

چھکھ زبانی یاد۔ اَتھ منز چھے اکثر غزلہٕ رومانٹک رنگ ہیتھ دود تہٕ دگ وَترھاوان۔ اکثر غزلہٕ آیہٕ تمہِ وقتہٕ گیوونہٕ تہٕ لوکن منز سپد باغوان مقبول۔ دۄیم کتاب لیوس باغوان صابن تمنے دوہن چھاپ کرناوِ تتھ چھُ ناو "شاد کا دیا" یہٕ چھے بُجھن تہٕ لیلایینا ہشر سومبرنا۔ اتھ منز سپد گوڈنچہ لیٹہٕ" زگت ماتا ئےسے درشن ہاو" بُجھن چھاپ لیُس تتہٕ پیٹھہٕ از تام تمی شرداییہٕ تہٕ لولہٕ سان گیوونہٕ یوان چھُ۔ ییتھ پاٹھی تُلہٕ مُلہٕ دلوی آنگنس منز تمہِ وقتہٕ کس مشہور گلوٗکار گوپی ناتھس ستی اکہٕ آبھم دوہ ہیتہٕ بدلو آرہی تیعو یترِ تہٕ پترِ سان گیووو۔ یوٚہے چھُ سُہ بُجھن یُس باغوان صاب معروف ہووتہٕ یہٕ بُجھن چھُ یتھہٕ تھکنے لایق پہچان بنیومُت۔

بزم ادب اننت ناگس ستی وابستہ آسنہٕ کنہِ سپد یمن ریاستہٕ کین باقے نامی شاعرن یانے مرزا عارف، دینا ناتھ نادم، عبدالستار رنجور، ارجن دیو مجبور، رحمان راہی امین کامل ہیُوین بہلہٕ پایہٕ ادیبن ستی تعارف تہٕ رودی محفلن منز یمن ستی شرکت کران تہٕ ترقی پسندی ہند شیر تہٕ چوان۔ مجبور صابس ستی تہٕ آسکھ توٚلقات۔

باغوان صابنہٕ وننہٕ مطابق آسو متی چھہٕ مجبور صاب تمن دوہن D-A-V سکوٗلس منز نوکری کران۔ مجبور صاب چھہٕ ٹیچرس ایسوسی ایشن کین باقی ممبرو منز اکھ تہٕ اُہندِ پیٹھ دلیس پیٹھ چھے اننت ناگ ضلس منز باغوان صابن ٹیچرس ایسوسی ایشن بناونہٕ یتھ یم ترین وریین تام سیکریٹری رودی۔ نہٕ عوہد پیو یمن تمہِ وقتہٕ تراوُن پنیلہٕ شری نریلوکی ناتھہٕ نکوٗ تہٕ مکھن لال وازس ستی رلتھ یمن سپریم کورٹس منز تمہٕ ظلمس خلاف مقدمہ پیوٚ کرُن لیُس تمہِ وقتہٕ حکومت جموں وکشمیرن مسلمانن الگ تہٕ ہندن الگ

سینیارٹی قایم کرِتھ غار مُسلمن ہنٛدِ خاطرٕ ترقی ہنٛدی درواز ہنٛد کرِہ منٛی آسی۔ یہ مُقدمہٕ زیوٗن یمو آئرس۔

باغوان چُھ از تہٕ آل اِنڈیا کشمیری پنٛڈت ویلفیر سوسایٹی ہرُدوارُک پریزیڈنٹ ییٚتہِ یمو کاشرین بٹن ہنٛدِس اِملاکس پیٹھ ساسہٕ بوٚد روپیہ خرچاوِتھ تمہِ کِس تامیرس کُن خاص توٗجہ دِیُت۔

باغوان اوس بروٚنٛہہ پیٹھے سوشل ریفارمُک پارٕ وکار تہٕ سماجی بدتن تہٕ بُرایین اوس دٕروت دِین یژھان۔ اُمی کرامہٕ یاپٲٹھ زبردس جدوجہد تہٕ اننت ناگ ضِلس منٛز کرنووُن واریاہن کورِ مالین اُمہِ تحریکہٕ ہسی اُنھہٕ دٕورٕ تہٕ داجہ کرِ بدتہٕ نِش دِتن واریاہن نجاتھ۔ مگر کُنیتِ کورِ موٗل تُلُن پانہٕ اُمہِ اصوٗلہٕ موکھہ واریاہ تکلیف۔

باغوانس چُھ قدرتن حساس طبیعت عطا کوٗرمُت۔ تہٕ یمو چیزو ستی مُتاثر گوٚمُت چُھ تی چُھ اُمی سٕنزِ شاعری منٛز تہٕ لبنہٕ یوان۔ حال حالے سینز باغوان ہٲبتہٕ ترِے کتابہٕ اِجرا۔ "نیوٗ ٹھ تابدٕ" چھِ یہنٛز شاعرٕ سومبرن۔ اَتھ منٛز چھِ سماجی بدتو ستی مُتاثر گژھتھ لیکھنہٕ آمتی چیز۔ یہ تہٕ چُھ نَنان زِ باغوان چُھ اِبتدایی دورس منٛز ترقی پسند تحریکہٕ ستی مُتاثر سپدمُت۔

یہنٛز دوٚیِم کتاب چھےٚ لیلایہٕ شاعری۔ اَتھ منٛز چھِ مُختلِف بھجن تہٕ لیلایہٕ یمہٕ باغوان صٲبن وقتہٕ وقتہٕ لیکھمٕتۍ چھے۔ اَتھ کتابہٕ چُھ ناو "اَچھر گوٚندرٕ" یہ چھِ دیوناگری رسم خطس منٛز۔ یہنٛز ترٛیم کتاب چھےٚ "موختہٕ ڈالٕ" اَتھ منٛز چھِ پنداہ شتھ تہٕ ارہٲٹھ دٕیٹھ تہٕ ژور ہتھ تہٕ ژٔشیتھن صفن پیٹھ مُشتمِل یمن مانے تہٕ چھِ ستی لیکھت حالانکہ

ڈیچ چھ غلام نبی ناظر کو لگامی تہٕ ترتیب دِتمٕژ تہٕ سنٹرل انسٹی چیوٹ آف انڈین لینگویجز، میسورن تہٕ چھ "کاشرِ ڈیچ ڈِکشنری" ناوٕ کِتاب چھاپ کٔرمٕژ۔ ایٹمیک ایڈیٹر امکار کول چھ۔

سادِ دٕے کھوتہٕ اہم کنھ چھےٚ یہ زِ باغوان صاٗبن چھ بھاگوتس "کاشُر منظوم ترجمہٕ" کوٗرمُت۔ اَتھ چھ باہ سکند شہید ترجمہٕ ؤژھکین ۱۴۶۵ مُکل سکیپ صفن پیٹھ مُشتمِل چھُ۔

یمو چھُ یہ بھاگوت یتھ پاٹھۍ شروٗع کوٗرمُت۔

| | |
|---|---|
| شرن یہ آسے از ہیتھ سارٕی | شری کرشنہٕ گووندہٕ ہرے مُرآری |
| انوگرہ پیٹھ نیٚ از کرٕ ژٕ جارٕی | شری کرشنہٕ گووندہٕ ہرے مُرآری |

بھگوان کرشن سٕندس زٕنم ہٕندِس مُتعلق بھاگوتہٕ منز کُس دِرشس یتھ پاٹھۍ نظموومُت۔

| | |
|---|---|
| بادر گیہٕ چھ آٹھم تہٕ بُدوار | شری کرشنن اُمی راتھ ہیوٚتنہٕ اوتار |
| دیوتا آیہٕ شپرتھ اندٕ سمتھہٕ سارٕی | کٔرکھ رنگہٕ رنگہٕ زٔگنس پوشنہٕ بارٕی |
| باغن تٔے ونن لگی پوشہٕ پھولتے | جانوٗر لگی خوشی سیتۍ بولہٕ کرنے |
| گندرو آسی شپرتھ اندٕ باجہٕ وایان | وِگنہٕ آسہٕ شپرتھ اندٕ لولہٕ وَنہٕ ناوان |
| اپسرایہٕ آسہٕ اکہٕ اندٕ نژآنی | ریشی آسی شپرتھ اندٕ کیٚپرتن کرآن |
| نبہٕ آس راتھ نکھتر زوٗنی اوس | دیوکی یمہٕ وِزِ بھگوان تھہٕنہٕ پیٚوس |
| تھہٕنہٕ پیلہٕ ہیوتہٕ انوگرہ کوٗر تکھ | درشن ماجہِ مالس پوٗرٕ دِیت تکھ |
| ژندرہٕ موخہٕ چھُ پمپوش آسس | ناد لاگتھ رحبنی مالہٕ آسس، |
| ژوٗ تُر توٗز روٗپ داریتھ اوس بگوان | آبوشن نٔمس کیا آسی شوبان |

یہ منظوم بھاگوت چھُ ؤژھکین کِتابت کِمو مرحلو منزٕ گُذران تہٕ پیٚتہٕ تقریباً ژدٕ واہِن ؤرِین منز چھاپیہٕ۔ باغوان صاٗب چھ یتھ کُنی گوٚبٕنیک کاشُر شاعر یمو بھاگوتس کاشُر منظوم ترجمہٕ کوٗر۔

# کاشی ناتھ باغوانس ستی مُلاقات

بہٕ چھُس شُکرگُذار

سمپرتی ہُنٛد یمو مے موقہٕ دیُت یوٚنہٕ نس ہنس۔ تہنٛد درشُن کرنک تہٕ تمہٕ پتہٕ دوشہ باونہ کرنکٕ بہٕ چھُس تہٕ تیتھ کانہہ بوٚڈ اُدیبا یا لِکھاری۔ وونی گو توہہِ ستی مُلاقاتھ کرنس منٛز چھےٚ مے خوٚشی۔

یوٚتام تھ سوشل زندگی ہُنٛد تولُق چھُ مے چھےٚ اِنتہایی کوشِش کٔرمٕژ کرٕ بہٕ کرہا سوسایٹی خاطر کنہِ طرقہٕ یہٕ کینہہ مے (possible) سپدِ ہے۔ مے چھُ ڈراماٹِک کلب بنوومُت۔ مے چھےٚ آرگنایزیشنہِ منٛز کام کٔرمٕژ۔ بحثیت طالب علم چھےٚ مے آرگنایزیشن بناومٕژ۔ بحثیت ٹیچر چھےٚ مے وو سنادن خدمت کٔرمٕژ۔ مجبوٗر ماٗیس ستی رٔلتھ آل جموں وکشمیر ٹیچرس آرگنایزیشن اننت ناگس منٛز بناومٕژ۔ اسہِ دِژکھ اپر مادسس منٛز نہٕ سپٕدٕ۔ مے چھےٚ تمہٕ کس ایکشنس منٛز کام کٔرمٕژ۔ امہِ علاوٕ کرٕ مے ہر دوو دارس مُتلِق کام تہٕ بزمِ ادب بناوٕ مے۔ مگر اَنہ برعکس وُچھ مے بننہِ سوسایٹی منٛز کینہہ حالات یم زن بڈٕ تکلیف دِیہ آسی۔ مے سپدیہ زندگی منٛز کینہہ عجیب تجربہ لہٰذا کٔرمٕژ مے پننِس

ڈسٹرکٹس منز شوشل ریفارم کرنچ کوشش ۔ اَتھ متعلق کرٕ مے سیٹھاہ کام ۔ پانٕنہ تہٕ
لوکَن زُو تہٕ گوم خراب ۔ گامہٕ گامہٕ پھیوُرس ۔ قسمہٕ اَسی کران ۔ کیا کیا وَنہٕ یہ کھیاؤ چھہ گام
اکھ ۔ اتھ اوس اکھ پنڈت جی ۔ تِمس اوس بچہٕ آرمی منز کپٹن بنیوومت ۔ تِمہٕ پتہٕ گو انڈیا
پاکستان جنگ تہٕ یہ بچہٕ سپُد شہید ۔ تِمہٕ سند تِتھوّ تمیٚک قیمتھ تور تِمس بہ ساس روپیہٕ
دوانی کورُن کورِ خاندر تہٕ ۳۵۰۰۰ روپیہٕ گاس کھاندرس پیٹھ خرچ پتہٕ آیہٕ ہیرتھ تہٕ سہٕ
گو ہیرٕ لوگ ہنتھ لڑکی نِشہٕ ۔ اَمی دوپ یہ اژ لڑکی ہُند گر تہٕ اتھ چِھہٕ چاپا واپا ۔ تہٕ ژاس
گرٕ ۔ چاپا واپا چیم تہٕ ژوچہٕ شیُن وغارٕ لوگ دوانی یموُ ہاگرُن ۔ یہ بیلہٕ واپس ڈراس نالہٕ
منز وُچھم لواسہٕ جورا یمہٕ آسہٕ نہٕ واپو تراوی متی کینہہ کانٕسہٕ آو نہٕ خوش تہٕ کیاز اَتھ سنتی
اسہ سنز پھلی تہٕ ہوٗنی جورا آیہٕ تہٕ نِموٗ نیو کھیتھ ۔ مےٚ وُچھ یہ تماشہٕ ۔ دِلس گوم صدمہٕ
مےٚ باسیوو یمَن لواسَن اوس میانِس بچہٕ سُند تھوُن لارنتھ لیس یموٗ نالہٕ منز اوس داَرِتھ
دِتھمت اوہ موکھ اُنی مےٚ شوشل ریفارمس منز تیزی تہٕ یہ ٹوٗرِتھ گو مےٚ ایحساس زِ
unearned پانٕنہ کینہہ پانتھ چھہ اسی ضایہٕ کران ۔ مےٚ تج اتھ خلاف آواز تہٕ پتہٕ
لگی مےٚ لکھ ونہٕ تہٕ زِ یہ چھُ وگنہٕ بارٕرٕ تہٕ یہ گوس ہٕرٕ ہت ۔ اَمہٕ پتہٕ سپُد مےٚ
عجیب تجربہٕ میانی لڑکی یوسہٕ زَن گرٕ کجوییٹ اَس سیٹھا سوشیل تہٕ شیتل حمت منَد
تہٕ گون وان اَس تہٕ بیتی اَس ٹیچر تہٕ سپُد تہٕ کینہہ تہٕ تمی سُند کھاندر سہی ۔ تکیاز گو ہرٕ
والین باسیوو زِ یہ کیا راج دِیہٕ تکیاز اَمی چھِنا ریفارمچ علم تکھس تجرٕ ۔ پتہٕ یموٗ
اعلان کرُن زِ یہ نسٲکرنہٕ ریفارم ۔ یہ گوس رِفارم کرنس منز ناکام ۔ دوانی چھےٚ مےٚ
نوسہٕ تمام دوستن اکھ گذارش کرنی زِ مہربانی کرِتھ گرٕ سی تو توہی بیدار تہٕ یہ بدتھ دور

کرنس منزٕ نی تَوجوشہٕ غرورشنہٕ سان حِصہٕ۔

بحیثیت شاعر آس مےٚ بٔڈ کوٗر لیچھمہٕ۔ نہٕ ٹیلہٕ نہٕ کُنہٕ جایہٕ گیون وٲلۍ یہٕ بٲتھ گیوان
آسی بوزَن وٲلۍ آسی اوٚش ہاران۔ نکیاز اَنہٕ بٲتس منز آس مےٚ بُہر رسَمن نہٕ رلواجن ہنٛز
وکھنےٚ گرنہٕ۔ یہٕ بٲتھ بوزِتھ یِتھہٕ ٹیلہٕ بوزَن وٲلۍ گر گرٛ ھہَن تم آسی یِتھہٕ تی کران یِہ نٕم
یِتھہٕ دَکھ کران آسی آہتی۔

اَمہِ یِتھہٕ نٮ۪ٛد مےٚ احساس زِ مےٚ کوٗر یہٕ سورُے وقت ضایہٕ۔ یود وٲتِھ یہٕ
کیٚنژھا اَسہٕ نتہٕ مُنشِتھ گومُت اوس نہٕ کوٗراسہٕ بیٚیتہٕ شروٗع۔ کوتاہ پٲنٛسہٕ چھہٕ آسو وٕنی کیٚس
سِالن ییٚتھ نہٕ ضیافتن ییٚتھ خرچ کرَن۔ اَتہِ اَتہِ سَپنہٕ دلیل زِ گنٛڈ لجہٕ تقریبہٕ منز آسہٕ
گاڑٕ، کوکر، گوشابہٕ نہٕ رِسِتہٕ نہٕ آسی کبابہٕ ہنٛزِ ضیافژ رنٛگو پیش کرنہٕ یِم زٕ ژرد چیز آسی تمو
سِنہو علاوٕ یِم آسی اکثر گنٛڈن موقعن ییٚتھ تیتہٕ کران آسی۔ اَمہِ علاوٕ نہٕ چُھ وٕنی بیٚیتہٕ بیساکھ
بدعت دوٚیہٕ کھوتہٕ دوٚیہٕ عام گژھان ز گوٚہژھَن تقریبن ییٚتھ ژرلیٚنہٕ بدلہٕ دام نہٕ جام
پیش کرُن یِژھہٕ تقریبہٕ چھےٚ اکثر بٔڈین بٔڈین ہوٹلن منز مُنعقد کرنہٕ یِوان نہٕ بے پناہ
پونٛسہٕ ٹوٚنک خرچ یِوان کرنہٕ۔

دوٚنی گو میٚیون پیشہٕ مےٚ آس لوکچار پیٚٹھے خٲہش زِ بہٕ گوٚژھس ماسٹر بنُن
حالانکہٕ مےٚ بنیہٕ فارسٹس منز نہٕ بنکس منز نہٕ نوکری۔ مگر مےٚ گرٕہیو نوکری نہٕ ہنیوس
دوٚستاد۔ بہٕ چُھس یَکھ ہُنٛد باغوان نہٕ بحیثیت دوستاد تھوٚو مےٚ تِمے باغوان تخلُص۔ گوڈٕ
گوڈٕ اوٚسُس بہٕ پرائمری سکولس منز نہٕ چھیکرس سوزہس بہٕ ٹیچرس ٹرینِنگ سکول اننت
ناگس منز یِیتہٕ بہٕ یِتھہٕ دوستادنہٕ اوٚسُس پرناوان نتہٕ اوس شری کاشی ناتھ کول

تہٕ جناب کاظم میرٕنیس پیٹھ ڈایریکٹر آف ایجوکیشن اوس۔ کرٛاسہِ انہٕ بڈٕ منجہٕ سان تھکنٕ
لایق کام۔ یہٕ انسٹیٹیوٹ سپد سیٹھاہ مشہور تہٕ اُمرِ چہٕ مشہوری ہنٛز خبر آسہٕ باقے
اخبارن تہٕ نیران۔ اسہٕ وِژ پُلوامہِ، راجپورہ تہٕ بیٚیہٕ کیٚنژن باقین جاین ٹیچرن توٚری
گرٕ تھِ پرتاوۍخ ٹریننگ۔ پینگلنہٕ سکولہ اوس سینٹر تہٕ اسہِ کر ٹیچرہ منتخب زِ تمہ آسی
ٹریننگ ہاز ہندۍ بچ تہٕ گیس بناوان۔ پیٹھ گو مرحوم شیخ عبداللہ صابس تہٕ سکوٗل
وُچھنک شوق۔ تم کٕھتی تورٕ تہٕ تمن اوس سورُے کیبنٹِ صاحبۍ تہٕ ساٚنۍ کار کردگی وُچھتھ گیہ
تم سیٹھاہ متاثر تہٕ انہٕ بیٚٹھی تم تقریباً پانژن گنٹن۔ اُمرِ کھوتہٕ کیا ونہٕ بہٕ۔ مرحوم شیخ
صاب بیٚیلہٕ بیٹھ آسی اولہٕ کیہو دہ لوٚکٕ بچہٕ کرٕلاے تہٕ اکھ بچہٕ گو شیخ صابس ہیٚنی کنہٕ تہٕ ایکلنس
ڈیلوتمنس وٕرسہٕ۔ تمس باسیوو زِ ییٚنہٕ چھُ ماسٹرے۔ شیخ صابن وۄنُس کیا سأ ڈیل چھ۔
بچن ڈوٚپس ہوٚی حض لوے سے۔ شیخ صاب وۄدنھ تہٕ گو تہٕ ہیس بچس نِش تہٕ ڈوٚپنہٕ نس
زٕ ژے کیاز لوٗیتھ ییمس بچس۔ تمی ڈوٗنُس۔ اَمی حض گُٹ مانے لیکھ۔ تُہ بچہٕ ڈوٚقس۔ تہٕ حض
بہٕ چُھے غلط وَنان۔ اَمی حض گُٹ نم لیکھ۔ آخرس پیٹھ ڈوٚپنہٕ تکھ دہ شوٗنی بچن یہ پیٚرنہٕ کرٕن
تہٕ اوٚنھو دہ شوٗے تھوٚوٕ تہٕ کرِد پانہٕ وأٚنۍ نالہٕ موٚت۔ بچو مون تہٕ نالہٕ موٚت کرٕن کیٚنہہ۔
چھیکرس آو اکھ دہ شاد تہٕ تمی وۄننکھ زِ یُس میون گوبرآسہٕ سُہ دہ نمبر حل تہٕ کرِ نالہٕ موٚت
لہذا اوٚنھی دہ شوٗے بچہٕ یکدم تھوٚود تہٕ کوٗرکھ نالہٕ موٚت۔ بیگ صابن ترٛوٚو ٹیپ تہٕ
ڈوٚپُن یہ حض گو کارِ نجار بدستِ گلکار تہٕ اَتھ پیٹھ شرٛوٗ ساروے اسٕن۔

اسہٕ کر اَتھ دوران دہ شادن ہنٛزِ رہبری خاطر کینژہٕ کتابہٕ تیار یتھ منز کاظم صابنہٕ
ارداہ تہٕ میانہٕ زٕ نوٚوٕ کتابہٕ آسہٕ۔ مگر بدقسمتی کنہٕ سپدِ مرحوم شیخ محمد عبداللہ گرفتار

نہٕ ساںنہٕ کِتابہٕ آبہٕ پٮ۪تہٕ کُنہٕ اتھےٚ زٕ تِم کوٚت وانہٕ ناوکھ۔

بہٕ اوسُس نوکری دوران بڑٕ دیا نندٲری سان کٲم کران۔ توٚے ماچھُس وُنہٕ نہٕ پکان۔ مےٚ آس ماج یٮ۪ندرٕ کنان کنان اکھ یٮ۪نہ راکھی پاٹھ کران نہٕ اُمیک اثر پیو مےٚ پیٹھ تہٕ۔ مےٚ تہٕ لوگ ژٕژرمرٕ جمائٕ پیٹھےٚ یہٕ پاٹھ پرنٕ۔ نوکری دوران دُد ژےٚ پانژھ ہکانہٕ۔ ماجہٕ وٲژنم زٕ دوٚنی بناوو دہسہٕ ہُند ہکانہٕ نہٕ دِموس گاسہ پیش۔ مگر تمہٕ وٲژنم زٕ زگت امبابہٕ پیٹھ گژھ بروٚنہٕ تھوٚن نہٕ تسی زارہٕ پارہٕ کرِتھ گژھ سورُے مسلہٕ حل۔ ماجہٕ ہٮ۪نز یمہٕ کتھ بوزتھ وٲتُس بہٕ زیٹھ اَکھ پیٹھ تلہٕ مُل راتی راتس کوٚرم ماجہٕ دیوی زارہٕ پارہٕ نہٕ کھوتُس پتہٕ گرٕ واپس ںگر ماجہٕ دیوی کوٚرم اَتھی مُدتس منز اتھ گرہِیہ نہٕ دوٚیمہٕ زیٹھ اَکھ بروٚنٹھے اوسُس بہٕ نوس بناوِ ہتس شاندار ہکانس منز بسان۔ اُمہٕ پتہٕ نوٚر مےٚ فکرٕ زٕ ماج کِشراہ دیالو چھےٚ نہٕ ماجنیار کتھ چھِ وتان مےٚ تجربیہٕ وارٕے ییژھ نہٕ ییژھ نہٕ رُودُس باضابطہٕ دیوی بل گژھان نہٕ ماجہٕ دیوی ہٮ۪نز آرادھنا کران۔ پٮ۪تَن ییشٹ دیو چھُسَن بہٕ رام جی مانان۔ یہٕ چھُ مےٚ پٮ۪تَن وِشواس۔ بھگوان چھُ کُنے رام جی چھُ تمی سُند اوتار۔ گاہے چھُ سُہ برہما سُند روٗپ داران گاہے وِشنو سُند نہٕ گاہے ماجہٕ دیوی ہُند پتہٕ پینز مےٚ دیا نہٕ مےٚ لیچھ کِتاب "شارکا دیا" مےٚ چھِ کینہہ شار اردوہس منز نہٕ لیکھمتی۔ مگر کینژو وجوہاتو کِنی آس بہٕ ہکاشرس کُن۔ بیتہٕ لیچھِ مےٚ غزلہٕ نہٕ نظمہٕ تہٕ۔ مےٚ کوٚر وہٕ ز باگونس منظوم ترجمہٕ۔ ہم زَن سداساس شنولوک چھ۔ اگر سُہ چھپیہٕ سُہ چھُ روزَن دول چیز۔

س :۔ جنت گڑھ ۔ کاشرِ زبٲنی منز کمی ہوی بٔڈی اُدیبن یا شاعرن چھو توہی متاثر کٔری ہتی ۔ متاثر اگر سپدو تہٕ کیاز تہٕ کینہہ پاٹھی ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ یُس سِتارلو اننت ناگس منز اوس سُہ کیازِ بگریو و ۱۹۴۷ء پتہٕ ہنھی کیا وجوہات

ج :۔ بہٕ ونہٕ یتھہٕ پاٹھی اکہٕ دوہ اوس گامس منز بچہٕ نغمہٕ چلان ۔ بہٕ آسہٕ تقریباً (۱۶) شراہ وُہرٕ ۔ بچہ اوس گیوان مہجور صابُن پاتھ "ہہن ہن زن شنہٕ ماتی گجِس چانہٕ امارے" مے پیو خیال گرمُ اوس تہٕ شنہٕ ماتی آس اُمہٕ گریہٕ ستی کملات تہٕ اتھ اوس پوتی بنان ۔ بہٕ لوٚگس سوچنہٕ زِ اما مہجور صاب کوٚت وانہٕ ناوِ اتھ پانس ۔ مگر پتہٕ چھُ وٚنان "نتھہ پان لوٚیم لولچہٕ گنگا بہٕ وتے کیا" بہٕ بوزِتھ تہٕ اتھ سنتھ گوس بہٕ سٹھا متاثر تہٕ بنیوس مہجور صابن شیدٲئی پتہٕ ادسُس بہٕ گرٛھان مہجور صابس نِش تہٕ تمو دِیت مے سٹھا حوصلہٕ آزاد صابُن تہٕ چھُس بہٕ شیدٲئی ۔ نادِم صابس ستی گنذٲری مے تقریباً ۲۵ وُری ٹیچر ایسوسی ایشن کِہ وجہ کنہٕ ۔ اسہٕ آسہٕ پانہٕ وٲنی قریبی تعلقات نکیازِ ارجن دیو مجبور صابس ستی رٔلتھ آس مے اننت ناگ ضلعس منز ٹیچر ایسوسی ایشن بناومٕژ ۔ مے آسہٕ کینہہ دوس بہرژھان زِ زٕے کو یہٕ فلاسفی چھے ۔ تہٕ چھکھا جدید تنک حامی کِنہٕ قدیم تنک ۔ ترقی پسند چھکھہٕ مگر ہنرر چھُ پی زِ مے چھنہٕ کانہہ تہٕ فلاسفی نہ چھ مے خبر زِ جدیدیت کیا گیہٕ تہٕ نہ چھ مے خبر زِ ترقی پسندی کیا گیہٕ ۔ مے چھُ sensitive mind

بہ چھُس أندر نیٖبر دُچھان کانہہ چیز تہٕ یُس چھے مےٚ اثر کران پننہٕ چھم گژھان بے تاٲبی زِ بہ کرہا یہ express نا - پننہٕ چھُس بہ یہے خیال تھاوتھ اظہار کران مگر یتھی چھُس ردیف قافیک تہٕ خیال تھاوان ۔ فلسفہٕ چھُم یہے زِ بہ یہ کینژھا جان یا ناکارٕ نیٖبرٕ کنہٕ دُچھان چھُس تی چھُس اظہارٕ تہٕ کران سٲنی آرگنایزیشن ہنے بہٕ ناگراد' نتہٕ اُسی اُسی سمان تہٕ آسی ادبی ما ملن ہیٚتھ کنھ باتھ کران تہٕ اُتھی کتے اُسی ناگراد' کِتابی سِلسِلہٕ تہٕ کڈان ۔ مےٚ چھُ باسان زِ اَے ہیٚنے گیہٕ نتہٕ ادبی تحریک زیادٕ نیٖبر ۔ بہ چھُس ییٚمِن خیال بزم ادب آس اننت ناگس منٛز سینٹرل پوزیشن ہیٚکوڈم شبیٚن تہٕ اننت ناگکی اُدیب آسی بکجاہ بزم ادبس ہیٚتھ اننت ناگے سمان ۔ مےٚ چھُ یاد شفیع صاب آسی دیوان کاہرن ہیٚتھ ناظرکوہ لگاٚمی اوس دیوان کوہ لگامہ ہیٚتھ عبدالرحمان آزاد اوس دیوان ہلواگر ہیٚتھ ۔ پتہ کنہٕ جایہ ہیٚتھ اُسی رتی رٕتی اور دیوان ۔

س : ۔ بال کرشن سنیاسی ۔ باغوان صابس چھُ مشیانہٕ طرفہٕ اکھ سوال کرنٕ ژٕکس ڈیلِس منٛز یُس زَن مارکِسی ادب اوس اُبیج ژھٕکھ آس وآثر کشیرٕ نام بہ روز شیٚتھ کس ڈیلِس نام تہٕ کُنہٕ حدس نام بلکہ تتھ منٛز چھیم تہٕ شانہٕ بہ شانہٕ آسرمتیہ ۔ تمہ وقتہٕ ییم ترقی پسند شاعر آسی تمن ہنٛزی تہٕ آسی ییم شانہٕ بہ شانہٕ ستار رنجور صابس ہنٛزی تہٕ آسی ییم ۔ نادم صابس ہنٛزی تہٕ اوس ییمن وہ کھُن یہن ۔ مہجور صاب ییم زن سیاسی حالاتن ہنٛد تذکرٕ کران آسی نتہٕ تہٕ آسی

ناکارہ نظر گژھان۔ یم ہیکہٕ نا وشوقہٕ سان وُنتھ کرِ یمہٕ تہٕ اسی مارکسی نو قط نظرس ستی۔ یم اسی پانہٕ تہٕ وَنان زِ آہن سانہٕ چھُس مارکسی نو قط نظرک قائیل۔

ج :۔ مارکسی نو قط نظرک اوسُس نہٕ بہٕ حامی کینہہ۔ البتہٕ چھُ بہٕ یم زن تمہٕ وقتہٕ آسہٕ کینہہ ناکارگی نیپدان وننہ ییٹھ۔ مثلن فقیر اسی وتن ییٹھ دربدر آسان۔ بہٕ اوسُس لیکھان تمن ییٹھ نیاپٹ زِ زم اوس یا کمیونزم اوس۔ زِ شیو نوری آس بہٕ اوسُس تتھ ییٹھ تہٕ لیکھان۔ مگر بُنیادی اوسُس نہٕ بہٕ کمیونسٹ آئڈیالوجی ہُنٛد تہٕ نہ اوسُم اُتھ ییٹھ وِشواس مگر یہنٛدِ کِنی اوسُم تھوڑا اثر ہوان۔

س :۔ امرناتھ در۔ اکھ شاعر کیتھ پاٹھی چھُ تخلیق لیکھانا۔ کولرج نہٕ مطابق چھا تو یہٕ وجدان اتھ ژکرِ لیکھناوان کینہٕ مُشاہد۔ ینہٕ چھوا توہیہ اتھ دویمہٕ لٹہٕ شبیرِ پار کران کینہٕ اُکِ سے نشستہ منز چھ پورِ سپدان۔

ج :۔ کُنہٕ وقتہٕ بییلہٕ شاعرس تحریک گژھان چھےٚ پاد۔ بہٕ وَنو تو یہٕ۔ بتے ستی اوس پہلگامہٕ ڈرائینگ ماسٹر پکان تمہٕ وُچھ اکھ لوکٹ پوش۔ سُہ گو اتھ عاشق۔ یتھے پاٹھی چھُ شاعر تہٕ اُسِ چھُ کُنہٕ سانہٕ کُنہٕ ستی تحریک گژھان پاد۔ تمہٕ ینہٕ چھُ خیال پاد گژھان تہٕ لیکھُن چھُ شروٗ کران۔ تہٕ خیالن ہُنٛد یہٕ تسلسُل ہُچھ جاری روزان یہ کینژھا سُہ لیکھان چھُ تتھ چھُس دویمہٕ لٹہٕ نظر ہوان ضروری ردٔی۔

س :۔ سومناتھ وٕیر۔ باغوان صابُن چھُ زبردست اکھ کارنامہٕ انت ناگس

مشرِ کوٗرمُت ۔ سُہ گو ہمو چھے کاشُر بزم ادب بناوِتھ ۔ نہ ہیمِن ہنٛزِ آسی عُبدالرحمان قادری ، نوٗر شاہ ، ارجن دیو مجبوٗرؔ ، سردا نند کول بزمی بیترِ ۔ بہ چھُس یژھان تو یہ لیٖشہِ زانُن کہ تمہِ وقتہٕ کین ادبی جماژن ہنٛدِس یکِنس منٛز چھا کانٛہہ خاص فرق ۔ تمہِ ساتہٕ آس نہ مالی حالت ٹھیک آسان نہ اَکھ تنظیمہِ اوسا کانٛہہ ادارٕ مالی مدد کران کینہہ نہ نہ ژَن گو کلچرل اکادمی وغارٕ ۔

ج :۔ بروٗنٹھ یم تنظیمہٕ بنٛہ ہن تمہِ کین ممبرَن اوس ژُزک آسان ۔ تم آسی دیان زِ یہ بزم گژھ پکنہٕ یم پرٛانٛدٕ چھِ تمن گوژھ موقہٕ میلُن تہٕ یم نوٚو چھِ تمن گژھ حوصلہٕ افزائی سیدٕ نٕ ۔ پکھ وار آس میٹنگ آسان ۔ شاعر اوس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لیکھنہٕ خاطر مجبوٗر نکیاز بوزناوُن اوسُس آسان فروری نہ پانٛژ آسس نہ رژھ نہ اَنہِ لاگِج چندٕ سُے آسی خرچاوان ۔ یینٛمہِ وقتہٕ بنٛہ پانٛسہٕ آو چاہے اکادمی ڈیٖت یا کانٛسہِ نہ ہیٚژ تا رسہٕ کٔتی گژھنی بنٛتھ پاٹھی گیہٕ تنظیمہٕ ختم ۔

س :۔ ڈاکٹر آر ۔ ایل ۔ بٹ ۔ مےٚ پییہ نانا پاٹیکر سٕنٛزِ کتھ یاد زِ " ایک بچھر آدمی کو ہیجڑا بنادیتا ہے ۔ لہٰذا چھُ میٚون سوال بنٛتھ پاٹھٕ زِ مجبوٗرؔ نِنٛل نیٚچُوی تھوٗد تہٕ نادِم دوٗل نیٚچُوی ۔ کیا ہمن شاعرن آسیا نیٚچوٚی یا تِ والان نہ کھالان ۔ مطلب چھُ یہ کہ ہمو ہیٚزو سٕتٕ ہیکیا شاعرس بیٚٹھ اثر پیٚتھ ۔

ج :۔ مےٚ ہیو یاد نادِم صاب آیاے اکہِ دوہ جوٚم ۔ گرِ بہ کینٛژھا لیٛو کھمت اوس نہ ژھُن تِہمو نمائی داآلس کٕنتھ ۔ سو شاعری کیٛتہٕ نِبرٕ تمی سٕنٛزِ نٔنی ۔ شاعر چھُ تیٚلہِ بوٚڈ بیٚلہِ تمی سُنٛد کلام اَسہِ تام واتہٕ ۔ نادِم صاب چھُ تیٚلہِ بوٚڈ بیٚلہِ تٕسنٛد

اَسہِ ئتام ووت۔ یِیلہِ نہٕ یہِ شارٕ اَسہِ نام وانہِ نہٕ نادِم صاب کنہِ روزِ نادِم صاب
پتھے پانٔھی یِیلہِ مہجور صابنہِ بیٚنٛچوی مہجورٕنٛدی شار گَکھن نام وانہٕ ناوی اُمی ہنود
مہجور صاب بوڈ۔ یانہٕ گژھ شاعر پنُن شار لوکَن نام پانہٕ وانہٕ ناوُن نینہٕ
اگر نہٕ تَنٛد نیچُو تَمی شنز شاعری لوکَن نام وانہٕ نادِ نہٕ سو موکلیاو ننتھ ہنی۔

س :۔ بدری ناتھ کَلا۔ بھاگوتُک انواد چھا تَسَس مَنز کِنہٕ نظمس مَنز۔

ج :۔ بھاگوتُک انواد چھُ نظمس مَنز۔

س :۔ موتی لال کیموٗ۔ تۄہہِ کرِ کۄرُو ڈراما لیکھُن شُروٗع۔ نہٕ لیکھنُک سٹایِل کیا
اوس۔ یِم ڈراما آسو وا تۄہہِ گامَن مَنز کران کِنہٕ قصبس یا شہرس مَنز۔

ج :۔ ۱۹۴۸ء مَنز ہیود ڈراما کلب۔ مُختلِف ڈراما کرٛی سٹیج مثلن بلِوا منگل
یہِ ہیود گوڈٕ نچہِ لٹہِ ناگہِ بلہِ اننت ناگس مَنز نہٕ بینہٕ مُختلِف جاین۔ دراصل
اوس ڈراما کلبس ناو "رِبجع اَپ لِفٹ منٹ ڈراما کلب"۔ کاشی ناتھ بھان
اوس اَمہِ اَنٛدٕ ڈایریکٹر۔ تِمو آسو سُہ ڈراما جِیس ہتی کام گرِتھ۔ تِم آسو اَسہِ
مدد وِدد کران۔ بلکہِ بناوِ تِمہِ پتہِ پردٕ رِگ دِتِھ۔ تِہے آسو ہاوان،
یِمن چیزن ہنز تلہِ ثراو نہٕ ڈایریکشن تہٕ آسو دِوان۔ گوڈٕ نیتھ ہیود اَسہِ
ڈراما مفتے ناگہِ بلس مَنز بینہٕ ہیود اَسہِ یہِ ٹکٹس مَنز تمہِ بینہٕ اَچھولہِ۔ مگر
یِمن آسو لازمی کرایہِ ہیوان تہٕ گیس لیمپن ہُنٛد اِنتظام تہٕ آسو نے کران۔
بینہٕ گرٕ اَسہِ ٹکٹ چالو تہٕ یتھ پانٔھی آسو کینٛژھ پانٔسہٕ جمع گژھان۔ اَسی آسو
پانہٕ ڈراما یِمن مَنز کام کران تکیازِ ایکٹنگ ہُنٛد اوس سیٹھا شوق۔ پانہٕ

لیکھو نہٕ ڈراما کینٛہہ۔

س :۔ برج ناتھ ہالی :۔ ٹیوٗٹھ نادِس منٛز پٔرمے نفقیر کوٗر۔ ییٚمہٕ وقتہٕ یہٕ نظم لیچھہ اُمرِ برونٛٹھ چھِیا انٛہ ہتھ کانٛہہ وابستگی رُوزمٕژ۔

ج :۔ بےٚ اوس مُسلمان دوس۔ تمِس اوس لڑکی خاندر۔ تمہ وَرون زِ اُسی چھِہٕ بٹن ہنٛدی پاٹھی بنہٕ ضایہٕ کران۔ اکھ حصہٕ دِوان ہونٛین نہٕ بیاکھ حصہٕ فقیرن بیچھ وٕنِن۔ یہٕ بوٗزِتھ بہو میانِس دِلس پیٹھ اثر زِ فقیرس تہٕ ہوٗنِس چھہ کُنی قدر نہٕ مے لیچھ یہٕ نظم۔

س :۔ پریم ناتھ شاد۔ توہہ لیچھو اکھ لیلا" زگت ماتا مے دُرشن ہاو" یہٕ سپٕز مقبوٗلِ عام۔ توہیٚ وَنِو تو مے اَتھ چھِیا زِمہٕ وار مقبوٗلِ عام بنہٕ نس منٛز لیلایہٕ ہُنٛد مواد کِنہٕ کلاکار۔

ج :۔ یہٕ چھِہ پٔزی پاٹھو مقبوٗلِ عام۔ بہٕ وَنہٕ توہہ اکھ چیز زِ لیلا لیکھنہٕ وِزِ گژھ ہِنس منٛز بھکتہٕ بادآسُن۔ یہٕ لیلا چھِہ مے پرٛنِس اُندی اُندی پرٛنہٕ کھین دِوان دِوان لیچھمٕژ۔ لہذا چھِہٕ اَتھ منٛز میٛون کمالا کینٛہہ۔ مے چھِہٕ پانس تہٕ باسان کرِمے چھُ اتھ منٛز تیوٗت کینٛہہ وَدنمت زِ یہٕ سپد ییٚہٕ مقبوٗلِ عام باقی لیلایہٕ نہٕ چھِہ علم گاٹہریم زٕن خاندرن منٛز چھِہ یوان گیوٚنہٕ۔ مے چھُ باسان زِ یہٕ چھِہ ماجہٕ دیوی ہٕنٛزِ دیا زِ یہٕ چھِہ مقبوٗلِ عام سپٕز مٕژ۔

س :۔ جگر ناتھ ساگر۔ پرٛتھ کانٛہہ لیکھن وول چھُ شرن مقصدن ہنٛدِ خاطرٕ کام کران۔ توہیٚ وَنِو تو توہہ چھِیا امرِ ہتھ Mentel Satisfaction

دِماغی تسکین Physical satisfaction جسمانی تسکین کِنہٕ رُوحانی تسکین

ج :۔ Physical Satisfaction ییٚلہِ پوٗرٕ زَن واَلِس سوٗکوٗن آیہِ تمِنٛز چھِ وَنان رُوحانی تسکین۔

س :۔ رتن لال جوہر۔ تُہُنٛز آیہِ ترٛےٚ کِتابہٕ۔ اصل کِتاب موٗخینہٕ ڈالی ییٚلہِ مُرتب کُرِو۔ توٚہہِ آسا باقین ہنٛزٕ کِتابہٕ نظرٕ تَل یِم اَتھ سِلسِلس مَنٛز چھپیمٕژ چھےٚ سُدرشن کاشکاری یا تِمہ کِتابہٕ چھےٚ۔ ناظر کو لگامی شینٛز کِتاب تہٕ چھےٚ تہٕ اکثر دیٛچھ چھ تِہُنٛد کِتابہٕ مُنٛد گوڈٕ ناظر کو لگامی پیٚنہٕ کِتابہٕ مَنٛز اَتھ مٕنٛز۔ اَتھ سِلسِلس مَنٛز کیا چھوٚ تۄہِ وَنن یُژھان۔

ج :۔ مےٚ چھےٚ یِژھ کاتھہٕ تہٕ کِتاب ہیٚرٕ تہٕ نہٕ چھم خبر۔ مےٚ چھےٚ گرواجین سوٗ چھےٚ اکثر بھاوارٕ استعمال کران۔ بہٕ وَنہٕ زٕ ہوٗٹےٚ اُمی شوقن دِژٕ مےٚ زیٛر بہٕ کِتاب لیکھنس شنٛز۔

س :۔ اہرِ مالموٗہی۔ بہٕ یِیرٕ ژھ اکھ ضروٗری سوال۔ بھاگوت ترجمہٕ کران کم کم مُشکِلات آیہٕ توٚہہِ درپیش۔

ج :۔ مےٚ چھُ ترجمہٕ پٮ۪ٹھ ترجمہٕ کوٗرمُت یانے مےٚ چھُ اردوٗ بھاگوت بروٗنٛہہ کِنہٕ تھوٗمُت تہٕ نمی پٮ۪ٹھ ترجمہٕ کوٗرمُت۔ بہٕ ہرگاہ ترجمہٕ کران کران ہَنٛد گژھ ہا بہٕ اوسُس کران ہی بھگوانہٕ مےٚ کر اَتھ رٕوٹ تہٕ اَتھ عٔنی اوس مےٚ تمہٕ لفظُک مانے برونٛہہ گُن یِوان۔ یُس نہٕ گوڈٕ نٮ۪تھ مگر اوس آسان توٗرمُت۔ صِرف آس مےٚ پنٛنہٕ نی ہیکنھ جواب دِوان۔ مےٚ چھُ افسوس یِتھِن کِہ بہٕ چھُس نہٕ سنسکرت سُکالر۔ سنسکرت چھُ اصلی مُول۔ اگر اَسی نمہِ پٮ۪ٹھ ترجمہٕ کرو تہٕ آسہٕ اردو

پیٹھ ترجمہ کرنہٕ آمتہٕ کھونہٕ سٹھا جان۔

س :۔ رمیش ہانگلو۔ باغوان صاب تۄہہِ چھو ادبی تحریکہِ ۱۹۴۷ برونٹھہ تہٕ ۱۹۴۷ پتہٕ تہٕ دُیمہِ۔ مایگریشن برونٹھ تہٕ مایگریشن پتہٕ تہٕ۔ انہٕ چھا ٹیسج آسان۔ اگر چھس تہٕ کم۔

ج :۔ ادبس چھنہٕ ٹیسجے آسان۔ یہ چھے اکھ تخلیقی تسلسُل اکھ۔ یہ چھُ سلسلہ یُس چلان چھُ، چلہٕ دُن چھُ روزان۔ مایگریشنہٕ برونٹھہ آسی تمس الگ Topic مگر مایگریشنہٕ پتہٕ چھِ سُہ اَمیک دود یاوان۔ ۹۰ فیصدی چھِ دوزِ پینہٕ نےٚ دود یاوان۔ مےٚ چھُ باسان اپارِ تہٕ چھِ تم یپٹن دود یاوان۔ دوزی گو تم چھِ مجاہدن کھوژان مگر نوتہٕ چھِ تم تہٕ پننےٚ دود یاوان۔

س :۔ رتن لال شانت۔ یہ پرژھ باغوان صابس یہ سوال شاعری کیا گیہ کیا نہٕ گیہ۔ صِرف چھُ اکھ Impression یہ کہٕ عام طور چھےٚ شاعری دوبہٕ ہٕسیج۔ اکھ چھےٚ سو یتھ زن اجتماعی شاعری وَنوٕنہٕ مگر یتھ شرسون اجتماعی آسُن چھُ۔ یوس زن ساٗنی اجتماعی شخصیت چھےٚ۔ سُہ چھُ زیادٕ رفلیکٹ Reflect گژھان۔ سو چھےٚ زیادٕ شاعر ہندس زہنس پیٹھ یوان سُہ زن گیہ تم EPIC۔ تم شار۔ تم بانتھ یُس زن پننہٕ صِرف شاعر شرےٚ یا ژٕسیٚچھ چھنہٕ ونان بلکہ پوٗرہٕ پننہٕ زمانچ ٹیسچھ چھ ونان۔ بیاکھ چھےٚ سو شاعری امہٕ وقتہٕ اُتھ زمانس سیتی سپدان تقریباً۔ یوسہٕ زن داریاہ مُبہم آسان سو چھنہٕ داریاہن فکرِ تہٕ تران۔ ترژھ شاعر چھےٚ تمہٕ وقتہٕ

نہِ تقریباً آسی مٕنٛز ۔ یہ پٔرزٕ باغوان صأبس نٔہنٛز شأعری چھیٚ گوڈنِکہِ قسمٕچ
شأعری ۔ اَتھ مَنٛز چھُ سوشل Collective Concious / Cocious

زیادٕ نُمایان گژھان ۔ کیا تۄہہِ چھُوا یہ مانان ؟

ج :۔ انسان چھُ روزان سماجس مَنٛز ۔ ۔ سماجُک فرد چھُ ۔ سماجکۍ اثرات
چھِ اَمِس پٮ۪ٹھ پیوان ۔ سماجس مُتعلق چھُ سُہ لیکھان ۔ قدرتی چھُ یہ ذأتی
آسان ۔ ذأتی کیا گو ، سُہ گو رُسُل میر صأبُن ، محمود گأمی صأبُن ۔ رِنٛد پوشہٕ
مال گنٛدنے ڈرایہِ لولو ۔ یہ چھُ اَمِس سماجہٕ کُے اثرٕ وِلس پٮ۪ٹھ پیوان ۔ سماجکیُ
اثر ہیٚنٛتھ یہ لیکھتہٕ ییہ اُتھ چھِ اجتمأعی شأعری وَنان ۔

س :۔ او ۔ این ۔ رینہ ۔ باغوان صأب اکہِ دٕہہ چھِ اَسی اَکس برأزٕ سٕتی گژھان
گیٹ کنٹرول یِیُھ آسان ۔ اَتھ چھِ وَنان باغوان صأب چھُ نیبرٕ کنہِ پکان ۔
اَتھ چھُ رٮ۪سپشن نہٕ اَتھ ہیٚنٛز گژھنی شُنٛنی ہٕش ۔ گیٹ کنٹرول آسنہٕ ہیو کھ آسہ
وُچھان مُنٛز کُنٛز کہ اَتھ چھا عمل سپدان کینہٕ نہٕ ۔ بہر حال سوال چھُم یہ کہ
ییٚیمہِ وقتہٕ تۄہہ بھاگوتس ترجمہٕ کۄرو تۄہہ پیو نا سنسکرت زبأنہِ
ہُنٛد ضرورت ۔ تۄہہ آسا اَتھ پٮ۪ٹھ دسترس ۔

ج :۔ سنسکرت چھُ مےٚ شیٖمہِ شنٛمہِ جماژ تام پۄرمُت مگر لاریوم کیے پٮ۪ہن ۔ ییٚلہِ نہٕ
مےٚ نَمہِ ساتہٕ لار ژیوڈ نہٕ ووٚدٕ ذٕ کتہٕ لار سٕہم بٮ۪تھ وقتس مَنٛز ۔

س :۔ ایچ ۔ ایل ۔ تنکو ۔ مےٚ چھُ یہ کنہ پٔرزنی زِ نادِم صأب چھُ ، زرگر صأب
چھُ شمس فقیر چھُ ۔ تِمن چھُ دیہِ بُنٛد اَنٛو گرٮ۪ہہ تِیس یم شأعری لیکھان چھِ ۔

بہٕ چھاسہ اِلیوٗژن کیٚنہٕ بہٕ چھےٚ صداقت ۔ بہٕ زَنہ شاعر لیکھان چھہ اَتھ مثر۔
چھُہ کانہٕ گیانک اَثر ۔ یہِمو چھا کیتھٕ ( Realise ) کوٗرمٕت نہٕ
دیہٕ شیٚشرٕ مہربانی کیٚنہٕ ژھنگھ Instantly لیکھتھ ۔

ج :۔ اُسہ چھِنا مانان سرسوتی ییٚمِس سرسوتی ٹوٹھ نہٕ تہٕ چھہ لیکھان شٔکلن محمود
گامین کُس سنسکرت اوس پورُمٕت مگر تس ٹوٹھیہٕ سرسوتی نہٕ لیکھُن ۔ باقی
گو انوٚسیٚو بٔجار کیا ہیٚکہٕ لیکھتھ ۔ انوٚبھو آسُن چھُہ ضروری ۔

موہن لال آتش

## مکھن لال ہمحو تہٕ ظرافت

مکھن لال محو چھ ظرافتہٕ کہِ مَیدانُک شہسوار۔ تِمن اور دِوان یِم پانٕ ترزس پنُن جاے رٹِتھ۔ اَمہِ ستہِ شاعری ہُند گراف چھُ سرٕبوٚلٕنہٕ بصیرت افروز تہٕ باسان زن تہٕ اَمہِ (Humour) دُودٕ گلہن ستہِ چھُ چھیوٚمُت۔ یہِ چھُ ظریفانہٕ کلامکہِ گنجینُک کُنٛژ بردار۔ یہٕ رُود مرزا غالب سِندی پاٹھی کٔہ اَنسانہٕ شاعری ہنٛز مسولہٕ ہنگہٕ طومار شیران۔ اَہہِ سِندی تجربہٕ چاہے تم کامیاب چھہِ یا ناکام یہٕ گو اَکِس عاشقہٕ سِندی پاٹھو بے خوف و خطر برونٛہہٕ ریکان۔

یہٕ رُود پرتھ ساتہٕ لُکہٕ مزازس نکھ تہٕ بوزن والیو کرٕ اَمِس اَچھِ والن مَنٛز جاے۔ نقادن ہنٛز رلے چھِ زِ مزاح لیکھن وول چھُ پرتھ دورس منٛز عوامکین صفن منٛز تیز پاٹھی پننہِ جاے بناوان۔ اَمی وصفن بنٲوی شیکسپیئر، چاسر، ڈکنس (Dekins)، گولڈ سمتھ تہٕ برنارڈ شاہ ہیوی گوناگُن صف اولکی اَدیب تہٕ شاعر۔ (Humour) لیکھن وول شاعر تہٕ اَدیب چھُ تھکنہٕ لایق تنقیدی صلاحیت تھاوان نہٕ ٹھینہٕ کرِتن، بجہٕ ما کرِتن۔ ٹیپ یا ہجو وِنتن پرتھ کُنہٕ مقامس پیٹھ چھِ اَمس تنقیدک ضرورت تھ بوان۔ اگر اتھ تنقیدس خالص طنٛز روزِ ستہِ تیلہٕ چھُ پٹھہ وِینہٕ کھوتہٕ زہر بنان۔ یہٕ زن لالہٕ مکھن سِندین اکثر نظمن منٛز ڈرینہٕ چھُ

گرٛزھان ۔ مگر محو صابن یوتانۍ تولُق چھُ اُمی ہنٛدِس کلامس منٛز چھُ میوٹھ ترنُم
تہٕ اِبہامہٕ رۆس معاشرتی تنقید۔

یہٕ چھُنہٕ سیاسی شعبہٕ بازَن ہنٛدۍ درٕی گنڈان۔ بلکہٕ سماجکین ہمہ کھ
کِردارَن پیٹھ ٹُسنہٕ ژٹان تہٕ سگاہے پنُن آسُن تہٕ یمہٕ تے کِردارَن منٛز شامِل کٔرِتھ
ہِزُحک آو برٕے بڑاوان۔

یہٕ چھُنہٕ وولہرٕ شوٗ سٍتۍ موئیوس سٕپدِتھ وَنان "دُنیاہ چھُ کاوِ بینہٕ دول"۔
بلکہ زِندگی ہنٛدِس مارٕ مَنٛدٕ ہنس آے کاچھان تہٕ روٗنہٕ گوڈٕی ہُنٛد شرفٕنی شروٗنی
بوزِتھ ودٕلسنس یوان۔ ظرافت لیکھن والیس چھُ ڈیکھہ بکرٕ سٍتۍ آسان نکیانہ یہ
چھُ اسرارَن مارکس منٛز کڈان تہٕ پتہٕ تمن پیٹھ ٹُسنہٕ ژٹان۔ اَمہ نِشہٕ چھُنہٕ کانٛہہ
کِتھ دجبہٕ ولتھ روزان۔ نکیاز یہٕ چھُ اکھ تیز رفتار آرٕ یُس آرٕ ہانکرِ پیٹھ ون پوشن
ہنٛز عطرِ تام پانس سٍتۍ پکناوان چھُ۔ مزاحیہ کلام لیکھن وول ہنٛز خصوصیت چھِ یہ
زِ اتھ چھنہٕ تشریح پیوان کرٕنۍ۔ بلکہ یتھ چھُ عام لوکھ تہٕ ادب نواز اتھ کلامس حظ
تُلان تہٕ سینگ یار لوٗزران تہٕ یوہے چھُ محو صابنہٕ ادبی سفرک طرح اِمتیاز۔

یہ چھُ اکھ عجیب اِتفاق زِ کاشُر ادبس منٛز چھِ کُنہ تام افسانہٕ نگار
تہٕ ڈرامانویس۔ یمو منٛز چھِ ۹۰ نمتھ فیصدی تم یمو افسانن تہٕ ڈرامہس منٛز
طنز و ظرافٕژ دفتر دِیرآوی مثلاً علی محمد لون، بنسی نردوش، پوشکر بھان، ہری
کرشن کول، ہردے کول بھارتی، مخمود تیسلانی، محمد سُبحان بھگت تہٕ موتی لال کیمو ۔
اتھ برعکس چھُ شاعرَن ہُنٛد تعداد ہیتہٕ واد۔ مگر ژورو پانٛژو شاعرو علاوٕ چھُنہٕ

کاشُر Humour لیکھان تِکیاز ظرِیفانہٕ کلام لیکھُن چھُ سیٹھا مُشکِل فن - یہِ ہیکہِ نہٕ کرِتھ ییٚمِس سمأجیاتک فلسفہٕ آسہِ پوٗرٕ فِکر تہٕ رمُت ظرافت چھُ تنقیدٕ پیٹھہ شروٗع سپدان تہٕ أتھی پیٹھہ اند واتان - اگر لیکھن وول اڈٕ ہیٚچھِل پیٚیوس تہٕ کھأرِ کھاو کورِ گرٕھنک اندیشہٕ چھُ روزان -

یوٚتام زن تحو صابنہِ فنک تہٕ شأعری ہُنٛد تولُق چھُ - اُمِس چھُ پوٗرٕ پاٹھی وٕبوٗد زِ یہِ کیا چھُس لیکھان - ازتاڑی چھِنہٕ کأشِرِ تحو صابنِس کلامس پیٹھ ٹیپ ژُٹھمُت -

زِندگی ہُنٛد مانہٕ ساد پرُچھ سنجیدگی ہیٚنٛدِ پن طابن گنٛدِنہٕ آسان - بچہٕ تھنہٕ پیٹھے چھُ یہِ دوٚن ہیوان تہٕ آخری شہس تام چھِنہٕ اتھ حالتس کانٛہہ فرق پوان -

یوٚناڑی کٔشیرِ منٛز ظرافتک تولُق چھُ یہِ سنہٕ چھُ منظر الشمس زِ بیٚیتہٕ چھِنہٕ کأشِرِ اتھ خزانس ٹھانہٕ منٛز رمُت تِکیازِ کأشِرین چھُ تنازو، مارا مأری، وولٕہرِ شو، بیرٛونی حملو، اندرٗونی خلفشارو شہنشاہن ہنٛز زورٕ وأری تہٕ خدمت گارن ہنٛز نانا شأہی نالہِ کنٛز ژھٹ ماکدٕ شر -

کشپ ریٚشِس برونٛہہ ٹھے جلود بھو سند دانٛتن - ہوٗنی ہنگ بالس پیٹھ پنٛژاہ بیٚہ ژلِچو ہنٛدِ اتھ مارِ گرٕھنی - زنگبورٕ ییٚچ سنٛد سرو گرٕاس - سِکنٛدرن کاہ پوٗر وٕبجشور منٛدر ٹھاسِتھ دالُن - سکر خانُن توبُود منٛزے مورِدس کُن ژٕھُن شکدر سنزٕ وُدل تہٕ کار دار پنٛڈی کرِدار بیگأرِ تہٕ بندی چھِ کأشرِس مس والن نام تیٚمِ کنٛڈی کھأرِتھ گأمتی -

یِمن نا سایہٕ ودلٕہری ژن منٛز مزاج وُنن اوس بنگہٕ منٛزی نژن - مگر

تہٕ کرِتھ چھ لل دیدِ پیٹھے ہیٛوٚرس تہٕ آزادس نام اسہِ Humour نظرِ گژھان۔ اگرچہ یہ تحو مائنہِ پاٹھۍ کُنہِ منصوبہٕ بندی عملہ ہُنٛد نتیجہ چھُنہٕ۔ مگر یہ کلام چھُ کُنہِ ساتہٕ کرِ فراغتک احساس ضرور دِوان۔ راہی، کامِل، عارِف، عازِم، سنتوش دغارہٕ تہٕ چھِ تحو مائنہِ ہمسفر۔ یمو سارِوے چھُ طنز و ظرافتس پیٹھ تلم تُلمت۔

مگر مکھن لال ہحوتس چھُ یہ خصوصیت سرِس تھاوان زِ اَمی کوٚر اُتھ صنف شارس پٮ۪نٛن سورُے تخلیق تہٕ تجربٲتی عملہٕ ہُنٛد ہرزنر حوالہٕ۔ اکھ پایہٕ بوٚڈ سنسکرت نقاد تہٕ شاعر کُنتک چھُ ونان وِکروکت کاویہٕ چھُ ونم، ظرافت یعنی Satire چھُ ادبک رُح تہٕ بھان بٹ چھُ ونان زِ طنز و ظرافت چھُ بجاے خود النکار۔

طنز نگار چھُ پننِس بر کھاوان تہٕ اتھ ماہیت پٔرزناوِتھ ہیکان۔ تہٕ پتہٕ یِم مُشاہدہٕ تخلیقی کوٚندرِ منزٕ پلنِتھ یِتھ کنہٕ پیش کران زِ بوزن والین چھِ زِکس تل کنھ وانان۔ مگر تیمن چھُنہٕ فکری تران زِ ونن دول چھا نابد پلہٕ ناوان کِنہٕ ٹیٹھ وین۔ تکیاز ونن دول چھُ پانہٕ تہٕ اُمیک اکھ کردار آسان۔

کیا ونے اَکی گوٚری ستا شرِ ژھل چلاوِتھ واجنم
نلکہ آیا تمو دودس ستین رلاوِتھ واجنم
دیرِ زیٖن کُننم ترٛیتن تے برونٛہ کنہٕ تھے تولنم
شیشہٕ من کھارِتھ کنڈس یتھ من بناوِتھ واجنم

سوندرا اکھ آس وٗہ گز دٗورتے نیوٗنم تٔے دِل
دولہٕ کٲنیا آس ہٕلی گا گل لسگاوِتھ وآجِنم

زِندگی ہِنٛز گٕلھم سنجیدٕگی مشر چھُ تہٕ مآہُن کلام نِرِبا۔ پیٚع کٲم کران۔ اکھ ماہرِ نفسیات I-R- RICHARD چھُ ونان اِنسان ہِنٛدِس لاشعوٗرس نہٕ تحت الشعوٗرس منٛز چھِہ بے شُمار دبے متہ امار آسان اگر نہٕ ہیمن نفسیاتی ، اٗندرٹھن نیبر نیرنک کانٛہہ ڈٕسلہ بنہٕ۔ اِنسان ہٕ چھُ وحشی بنان۔ خاکر چھُ سُہ وقتہٕ کِس سماجی تہٕ سیاسی نِظامس خلاف صف آرا سپدان۔

بیٚیلہٕ تس کانٛہہ غم خوارہ نِہے سِنٛتھ چھُ بوزناوان یم تٔہندس وٕنٛدس منٛز واتھ کٔھہن تس چھُ ذہنی سکوٗن میلان تہٕ دٕکھہ کُھجار گرٛھان اَنِہ مُتعاسے وآنٛہٕتھ چھُ تہٕ مآب ونان۔

لکن نوٗبہٕ گرِہ ہاوٕ ناوی سیاست
سوٗزِل کھیٚنی مشی دالہٕ آبا مشی چیٚون
دودہے ماز راتا ژٕہ کھیاوی سیاست
ونٛکھہ جیٚبلِ ڈل ناو یٚتھ عاقلو تھوٗد
ژٕہ اتھ منٛز دودہے پھاٹہٕ ناوی سیاست
اگر زٕن تگن گوٗر تہٕ فند باز آسکھ
ژٕہ کھڈ پٔنٛیع بوڈ ہیٚو بناوی سیاست

یتھ کنہٕ تٔے برِو نِشٔھے وٗون Humour لیکھن چھُ سٹھا مُشکِل عمل۔

سآری چھنہٕ تِتھو صآبس ہمسری ہکان کٔرِتھ، خضر مغربی، اُسکار ناتھ شبنم، ظریف احمد ظریف، شریف الدین پرواز، ایوب صابر ہیوی طنز و مزاح لیکھن وآلی گونماتھ چھ تِتھو صآبنہٕ وو دستادانہٕ صلاحیتکی معرف۔

تِتھو صآبنہٕ شآعری ہنٛد طرح اِمتیاز چھ تمہِ سانہٕ ابآسہ رنگ ہاوان یمہِ سانہٕ یہ پانس پیٹھ نہٕ چھ ٹسنہٕ کران۔

گھر واجنہٕ ستی مجادلہٕ لاگِتھ کیا چھس سو ونان۔

ڈٔبہٕ ڈاس گوے اَتھ شآعری سٕنٛز چھکھ قلم کاگد رٹِتھ
قسے گوم ہو کلیتھ کیا دِمے تٕرسے نہٕ شرِین پانٕژن رٹِتھ،
چُھکھ حآری تاتن یتہٕ نینے سٕتین گٹہِ اندر بِہِتھ
گر بار چھے گومت مشتھ زَن چھے شرم کھیآمتر کِنہِتھ
دوٚنتھ نیبر بازر جل ہیٚن دِم توٚملہٕ ترکھ داہ باہ اَنِتھ
تٕرسے نہٕ بٕتِیہ پانٕژن شرین باتھ چآنی کھیٚنی دِما
یتہِ تے یتھ کھ تیلہِ دَن بیا فا چآنی پتی لس منز سوا
اکھ زنِد جاوید حقیقت رنگ دستی نہٕ ژھرہ بر کینٛہہ کٔرِ چھ شآعر ہونرمندی سان بیان کران۔

تِتھو صآبنی بد حصولیآبی چھ زِ اَمی کوٚر اردو اخبارن منز کآشر ادبی صنفہ لیکھن شروع۔ گوڈٕ اخبار ہمدرد کاشرس پتہٕ اخبار خدمتس منز۔ خدمتک کآشر صفہ گو ادبین منز یوٚت مقبول زِ یِمہ کاتھہ ادیب اوس آنوار دوہ یہ اخبار

وانٛہٕ نِس ژٕراران۔

ہتھو صابُن پیتاجی اوس تحصیلدار۔ یُس عاتِ جوانی مَنٛز سورگہٕ واس رٔیُد۔ نہٕ یِتھ کُنہِ لوٗگ لوکٹِس بچس آلہٕ نیبرٕ نے اِقتصادی بُحرانک تالہٕ ژٕہل۔ عُبدالاحد آزادن لنگوٗڈ یار مکھن لال ہتھو ہیٚوک نہٕ وُنِستام پینٛچ شاہ سۆمبرن بازر گُنڈٕتھ بیٚلہٕ زَن عُبدالاحد آزادنِس "دریاوس" وُذی یہیچن واریاہن زبانن مَنٛز ترجمہٕ سپُد۔

ہتھو صابس چھُ قوتِ یاداشت حاران کُن حدس تام سرتارٕ۔ اُمی سُنٛد گُفت چھُ زِمیاتِس ووستاد حاجی لق لقس اوس وقتہٕ پیٚہری مَنٛز تہٕ اَمہِ کھوتہٕ حافظِ تیز۔ یہٕ چھُنہٕ طنز کُری کُری لوٗکن پلوکڈان ٲلی کہٕ ٲمدریر لاگِتھ دوا پِل زَن ہیتھ بون والہٕ ناوان۔

ہتھو صاب چھُ ووٚنی وقتہٕ پیٚہری مَنٛز اُمی سُنٛد آسہٕ مَنٛز آشُن چھُ غنیمتھ۔

# مکھن لال تکو صابس سئتی مُلاقاتھ

مےٚ آو ہدایت دِنہٕ زِ بہٕ کرہٕ پننہِ تجربن ہُنٛد ذِکر تہٕ بہٕ شروٗع چھس کرنہٕ۔
۱۹۷۱ہُک زمانہٕ چھُ مےٚ یاد پیوان۔ بہٕ اوسُس کالجس منٛز پران۔ تتہِ آسہ سپدان
اُردوٗ مُشاعرٕ۔ مہجور تہٕ اوس تتھ منٛز حِصہٕ نوان۔ مگر مزاحیہ شاعِرا اوس نہٕ اردوٗ
ورأے کینٛہہ۔ حاجی لق لق تہٕ بیٚیہِ اکھ زٕ شاعِر آسہ تہٕ بیٚیہِ اوسہٕ کانٛہہ۔ اتہٕ ووٚتھ
سوالاہ زِ بےٚ کاشرس منٛز تہٕ گژھہ کانٛہہ طنٛز و مزاح لیکھُن

اَتھ منٛز چھُنہٕ کینٛہہ شک زِ واریاہ بروٚنٛہہ چھِ کینٛہہ شاعِر ووٚتھمتۍ یِم کاشرِس
منٛز مگر تِمو طنٛز و مزاح لیٚکھمُت بِلکُل کم۔ یانے اگر ہتھ بأتھ سنٛجیدٕ لیکھکی اکھ
زٕ بأتھ لیکھکی مزاحیہ۔ مےٚ سپُد حاجی لق لقس سئتی مُلاقاتھ۔ سِری کانٛہہ توشنٛجانیس
سئتی تہٕ۔ سُہ اوس پیٚرِنہٕ منٛز کاشُریک اوس بڈٕ دِلداد۔ "تِمو ووٚپ مےٚ بہٕ زِ چھُے
ذہن طنٛز و مزاح ہس کُن۔ مےٚ اوس وقت گنٛدورمت سوپور۔ بُمبہٕ ہینٛدہِ بانٛڈن
اوس مےٚ سِتا ووٚتھن بہُن۔ تتہٕ اوس مےٚ طنٛز و مزاحُک لفظ ووٚتُر واریاہ کینٛہہ
دِماغس منٛز ژامُت۔ تِمہٕ مُوجُب اوسُس بہٕ کم زیادٕ مزاحیہ شاعری (کاشرِس) منٛز کران تہٕ
اوسہٕ بَن سِری کنٛھ توشنٛجانٛز بوزٕ ناوان۔ بہرحال تِمو ووٚپ مےٚ بہٕ زِ بوزتھ وونۍ
حاجی لق لقُن کلامہٕ تہٕ تہٕ فلانٛز ہُنٛد کلامہٕ نہٕ ووٚنۍ لیکھ تہٕ زٕ نہٕ کاشرِس منٛز۔
مےٚ ترووٚٹ مہجور صابنہِ اکہِ غزلہِ ہنٛد طرح "صُبح چھُم باغ چھُم مستانہٕ دِل چھُم تازٕ یادُن چھُم"۔

تہ لیتھ کُھم مزاحیہ باتھ ۔ بجر ازیلہٕ عُشُک یارِ جانانس سےٚ ہاوُم چھُم
اَنِتھ گرِ یاچہ رس چاوُن تہٕ رانہ ماگو گجہ کھیاوُن چھُم

یہ اِیپھ سےٚ زیٹھ نظما اکھ ۔ توشخانی ماہ بن دوپ کرنہ اتھ ماداتس منز لگاتار کوشش ۔ ژہ ہیکھ جان لیکھتھ ۔ بیاکھ غزل اہم زوسل میرنی ۔ "دِل بند تہ دِل آزاد دِل آرام نِگارو" ۔ اَتھی ہیچھ ہاپچھ سےٚ طرح ۔ خوشکی دہما پیچ ماژجی ازنام نِگارو" ۔ اَتھی ماداتس منز روس یہ پکان ۔ پتہ اوسُس یہ اخبارِ خدمتس منز کام کران ۔ تتھ منز اَسہِ کاشرِ باتھ تہٕ چھپان ۔ سیاسی مخالفن دستار والین خاطرٕ ۔ یہ تہٕ اوسُس کاشرین باتن منزیم خدمتکی مخالف اَسی تمن دستار والان خوب ـــ واریاہ ـــ اکھ لاٹھ تہٕ اوسہ سکھ تہٕ باتے تھاوان ۔ مگر پتہ کُرم نصیحت پروفیسر توشخانی ین دوپنم دستار والن گوٹھیکھ یہ چھپے زنے Profession نک "تقاضہ" ۔ مگر ووٚنی گژھہ مالح قسمک مزاح لیکھُن ۔ ہیبوت ہے لیکھُن تہٕ چھپُس یہ انتھی ماداتس منز بروٚ نہہ بروٚ نہہ پکان ۔ مزاحیہ ادبہٕ خاطرٕ گوژھہ لفظ ذُخیر تہٕ آسُن ۔ یہ چھُ بڈ مشکل چیز ۔ کاشرین سنجیدہ شاعرن چھُ لفظ ذُخیر آسِتھ مزاح خاطرٕ چھُنہٕ سُہل سُہل لفظ ذُخیر بنان کینہہ ۔ اگر بنہٕ تہٕ سہ چھُ مِصرن یا شارن منز چسپان کرُن بڈ مشکل ۔ بڈ مہمنتھ چھِ پیوان اَکِس غزلس ییٹھ کرنی ۔ مےٚ ووٚن پروفیسر توشخانی سُنزِ لفظ ذُخیرک ہنکہٕ سےٚ بنتھ ۔ دوپنم گژھتہ محکمہ مال کین دفترن منز تتہٕ وُچھتہٕ لفظ ذُخیر کوتاہ بنی ۔ یہ گوس پٹوارین تہٕ گرداورن ہتی کوٚرُم مُلاقات ۔ مےٚ وُچھ تِ پٹوٲری تہٕ گرداورٕ چھِ مال شُماری کران ۔ لیکھان اسپ نر ۔ اسپ مادہ ۔ ماد گاو

تہٕ نرگاو۔ ہرگاہ تِمن نیٚچو اوس وُنی تِمس ونان دٕہتر نر۔ کوٗر آسکھ لیکھنی آسان تِنھ آسی بیکھان فرزندِ ماد۔ یہے گرامرا اوس ہروٗ شہرکُن تہٕ نبوٗد کھ نر و ماد۔ ہٕے لگوو یہوے گرامر تہٕ بنیٚو آشناماں نرماد تہٕ قافیہ اَنھ۔ یہے سلسلہ گو تہٕ پیٚتہٕ اوس لفظ دٕوتر پکان۔ باندٕ ہُمَن یِمن نِش اَژان تہٕ یہُند ترجمہٕ وُچھِتھ ادسُس بہٕ عام طور لفظ دٕوتر ژھانڈان تہٕ کران اِستعمال۔ یہوے چھُ موخمر پاٹھی لُیس نٔرن ہٕے تجربہٕ کوٗر

## سوال جواب

مکھن لال کنول:۔ توٚہیٚ وُنی تو پیٚتہٕ زِندگی مُتلق موخمر پاٹھی کیٚنژھا۔ توٚہیٚ کتہٕ چھو زامتی۔ توٚہہ کتہٕ چھو پوٚرمٕت بتیرٕ۔

مہجو صاب:۔ زامُت چھُس بہٕ ہندوارٕ۔ یتھ پاٹھی چھُ ہٕے باسان زِ بہٕ چھُس ازی کس عالمس منز زتہٕ۔ ہندوارٕ اوس مول میٚون ریوینیو افسر بہٕ اوسُس پنژشہرٕ جماژ پران تہٕ اَتھی دوران گُذریوٚ مول۔ پیٚتہٕ ٹوٚ چھُس بہٕ ٹنڈی برادرن سُہ اوس وُکیل تہٕ سوپورٕ اوس کران پرٕیکٹس۔ تہٕ تتہٕ رُود ہٕے باندرن، یِمن عام لکھ گُنڈ، لفنگہٕ ہی آسی ماتان تہٕ کیباز تِم آسی کیٚنہہ پاٹھی ہاوان یتھ منز گُنڈ لفنگی آس آسان، ہنز یُن گرژھن۔ ہٕے اوس تِہنز لفظ دٕوتر بڈ پسند۔ بہٕ اوسُس یہٕ لفظ دٕوتر کاغذس پیٚٹھ لیکھِتھ تھاوان تہٕ پیٚتہٕ اوسُس باتن منز اِستعمال

کران۔ اَتھی ہتی ہتی خوش قسمتی کنی اوس لوہور پیٹھ یِوان اردو مشہور مزاحیہ شاعر حاجی لق لق سرینگر۔ سرینگرس منز تہٕ اوس اکھ مزاحیہ شاعر آغا عسکری۔ تم تہٕ آسی یِوان ہمیٚن ہتی۔ یمن اخبٲری تولُق اوس۔ حاجی لق لق اوس اَکس اخبارس منز مزاحیہ کالم لیکھان۔ تسے رٲوز تمن ہتی صوبتھ۔ تمہِ ہتی رٲوز مے لق لقس ہتی زان پہچان۔ لق لقس گٔژھ نہٕ غلط مانے نیُن۔ تمی یُس اردو مزاحیہ شاعری ہُند رنگ پیش کوٚر سُہ رٲوٹ مے تہٕ۔

ڈاکٹر امر مالموہی:۔ مے چھ ژٕ سوال اکھ ادبی تہٕ بیاکھ غار اَدبی۔ توٚہۍ چھو شاعر طنزیہ شاعر، مزاحیہ شاعر۔ عام طور چھ یِوان وَننہ یا واریاہن دوستن ہُند تجربہ چھ، پوٚز چھا سُہی چھا یہ چھ توہہ وَنُن۔ کیا دٔلیل چھےٚ کہ کٲشرس منز چھ مزاح بدان صرف لیکہٕ وٚنتھ۔ لیکہٕ ہتی یوت ہساؔ چھ کٲشرس منز مزاح وو بدان؟ تہند کیا خیال چھ اتھ متلق؟ دوٚیم سوال چھ توٚہۍ چھو جرنل ازٕس ہتی وابستہٕ۔ پترِمہ وُزِ توٚ یس زَن روادٲری زنان چھ آسی۔ کٔتیر منز اوسا توہہ سیکیولرازم بابیو مُت یا جرنل ازم لیولہ پیٹھ اوسا توٚہہ سیکیولرازم باسان؟

مہتو صاحب:۔ گوڈٕ چھ اَسہ سوچُن طنز و مزاحس کیا چھےٚ انسانی زندگی منز اہمیتھ اد ہیکو آسی امہ کہ جواب تلاش کٔرتھ زٕ لیکہٕ ہتی چھا مزاح پاد سپدان کنہٕ بیٚیہ کُنہ ہتی۔ انسان منز زندگی یوسہ زَن چھےٚ یہ

چھےٚ سنجیدگی ہُنٛدِ بن اِشارَن پیٹھ پکان۔ صبحٕ پٲٹھ شام تام
یہِ اَسی کران چھِ پہچاہے دفترَن منٛز کام کرو۔ سکولن منٛز کام
کرو۔ دُکانَن پیٹھ کام کرد۔ یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ از چھِ ہاکہٕ بوٚد
بازرٕ ہیوٚن۔ یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ بتہٕ چھِ ہاکھ ژارُن یہِ چھےٚ سنجیدٕ
کام پتہٕ چھُ ہاکھ رنُن یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ اتھ چھُ سوال اگر اَسی یمن
سنجیدگی ہُنٛدِ بن اِشارَن پیٹھ نژان روزو۔ ساٛنی زندگی گژھِ
تباہ۔ اتھ چھُ یوان اسہِ اسُن تہٕ اَساوُنک مُقام۔ اسُن تہٕ اساوُنکہٕ
بہاتہٕ چھِ اَسی سنجیدگی ستی سمجوتہٕ کٔرتھ دہہ دہہ ہکان گٔژھتھ تہٕ
بروٚنہہ پکان۔ لہذا چھُ اسُن تہٕ اَساوُن بٔڈ ضرورت۔ اتھ چھُ
اکھ بیاکھ ناہلہ سپدان۔ اَسنچ تہٕ اَساونچ تحریک کمنہ پٲٹھی چھےٚ
پادٕ سپدان۔ اتھ متعلق چھُ ماہرِ نفسیاتو وارِیاہ کینژہہ سوٗچمت
کوٚرمت وُنیکتام۔ وُنیکہ تام چھُ نتیجہٕ اخذ کوٚرمت زِ بے اعتدالی
ستی چھُ طنز و مزاح پادٕ سپدان۔ بے اعتدالی چھکھ تشریح
کٔرمژ۔ طنز و مزاح کیو ماہرِ نفسیاتو یہنہ پٲٹھی ——————
اَکس اِنسانس چھُ قدرتی دوٚیو ہاتو ستی اکھ نر ہیتھ تہٕ بیاکھ
چھس ژھوٚٹ۔ سنجیدٕ زبانٕ گو اُہس ہسا چھےٚ اکھ نر ژھوٚٹ تہٕ بیاکھ
زیٹھ۔ تمہٕ سنجیدٕ بے اعتدالی زبانٕ منٛز ہیکو زِ [illegible] نر دوٚنوٕ زٕ
[illegible] ماسٹرادس ژھمس آسہٕ دوٚنوٕ نر [illegible]

## بینڈ ماسٹرن ہٕنٛدٕ نوٚو سپن

## دوٚنہٕ دوٚیہٕ نرٕ بیلہٕ وٲپن بپن

شہ اوس ہُمیہ ہُنٛد بانڈہٕ کوٹ لہٰذا چھُ بے اعتدٲلی ہتٕ مزاح دوٚہپدان۔ لیکھ ہتی چھُنہٕ یادٕ سپدان۔ لیکہٕ تہٕ چھِ اکہٕ قسمٕچ اعتدٲلی اکھ ہیکہٕ نہٕ بہٕ انٛکار کٔرِتھ۔ مگر گوڈٕ چھِ تہذیبس تہٕ مختلف ارتھ سپدان۔ عام مجلسن منٛز ہیکَو نہٕ لیکھ ورتاوِتھ کینٛہہ شہ چھُ ناکارٕ۔ پرایویٹ مجلسہٕ منٛز یمِس یہٕ نعوشش کرتہٕ وٕنی تہٕ بے اعتدٲلی ہتی چھِ شاعری تہٕ یوان کرنہٕ۔ مزاحیہ شاعری تہٕ چھِ بے اعتدٲلی ہنٛزِ شاعری۔ مثلن مہجور صابن وون "صُبح چھُم باغ چھُم مستانہٕ دِل چھُم تازٕ یاوُن چھُم"۔ تہٕ یہ گو اعتدال ہٕنٛز لیوکھس "بجر از ینہٕ عشق یارِ جانانس ہٕنٛز ہاوُن چھُم"

اُنتھ گرٕ یاچہٕ رَس چاوُن تہٕ زرماگو گُہِ کھیاوُن چھُم

یہٕ گیہٕ بے اعتدٲلی۔ باقی شاعرن چھِ لیکہٕ تہٕ کجہٕ ہٕنٛز۔ مگر سیُون نظریہٕ چھُ تمیک ذِکر چھُسہٕ بہٕ نٔرِھان کرُن۔

فارسی شاعرن تہٕ چھِ لیکہٕ کجہٕ ہٕنٛز۔ سنسکرت شاعرن تہٕ چھِ لیکہٕ کجہٕ ہٕنٛز بیتھ لیکہٕ زنان چھُو تو یہ فحش۔ اکھ زٕوُن ونہٕ اکس لیکھ۔ بیاکھ زٕوُن ونہٕ تتھ Reality of life۔ لیکھ گیہٕ اگر اُسی ماجہ لیکھ کڈو، بینہٕ لیکھ کڈو بتیس آزار واتہٕ نادو۔ تتھی یوت

چھِ لیکھ وَنان۔ باقے بیٚمہِ ہِنٛتی کٲنٛسہِ اُسن یِیہِ یا گنِڈن یِیہِ سو
گٔیہ Reality of Life اگر تتھ تذکرٕ کرو۔ تتھ چھِ داریاہ
وِدِشناد وَنان سونہ سا گٔیہ لیکھ۔ مگر توتہٕ چھُنہٕ اِجازتھ کُھلہٕ مجلسہِ
منٛز پرنس کینٛتہٕ۔ مےٚ نِش چھےٚ مِثالہِ اردو ہِچہٕ۔ یَتھ مالموہی صٲبن
وۄن لیکھو ہِتہٕ چھِ طنز پادٕ گژھان۔ داریاہ شاعِر چھِ لیکھو ورٲے
تہٕ طنز پادٕ کران۔

دۄیِم سوال مالموہی صٲبُن چُھ سیاسی سوال ئِہ گو تِرزھن سیاسی
لیڈرَن۔ بہٕ چھُس نہٕ سیاسی بحثس منٛز وسُنے تیٚرھان۔ نہ چھُس
سیاسی ہو ہنیوٗ۔

پریمی رومانی:۔ بہٕ چھُس عرض کران۔ منٹوٗ ہَن تہٕ چُھ یُتھ ادب لیٚوکھمُت یا عصمت
چُغتایی یَن "لحاف" سو تہٕ چھِ پرَن والین تِہنٛزَن نظرَن تَل۔ یِیلہِ نہٕ
تِم منٛد چھیہٕ تِمو کوٚر بےٚ باکی سان اِظہار اَمہِ سٕتھ ہُنٛد یِہ سہ گنھ
توٚہی پَردِس تَل چِھو تھوان تَتھ کیا وجہ چُھ۔

مہتو صٲب:۔ منٹوٗ ہَن یِہ کینٛژھا لیٚوکھ عصمت چُغتٲیی یَن یِہ کینٛژھا لیٚوکھ سو
چھِ زِندگی یِہ ہِنٛز حقیقتھ تمیک فاصلہ چُھ عدالتس اَتھِ۔
دیوِندر ستیارتھی اوس تےٚ دوس۔ تِمو لیٚوکھ بیٚس یا خبٕر "نانس" پیٹھ
اکھ افسانہ بِلکل حقیقتھ آس۔ یِہ اَمی اَتھ مُتلِق لیٚوکھ ئِہ کوٚر تِمی
سماجک اکھ بدترین پہلوٗ پیش۔ دۄیُن اگر توٚہہ اَمس انسانس

مُتعلِق نفرتھ گژھِ وُ ۔ تیلہِ گژھ دِ توہہ تِمن کتابن ہُنٛز نفرتھ یِم توہہ وتَھن پیش کرِہٕن چھوٚ ۔ نتہٕ چھُنہٕ کہنی ۔ سُہ چھُنہٕ ادب کثیف ۔ ادبِ کثیف اگر کانٛہہ ماجہِ لیکھہ یا بێنہِ لیکھ کرِ دُ سوگیہ بدتہذیبی ۔ کدرِ لیکھہ سُہ گو ادبِ کثیف ۔ یُس نہٕ بازرس منٛز کڈُن لایق آسہِ سُہ گو ادبِ کثیف ۔

ڈاکٹر ماگنی شیکھر :۔ مےٚ چھِہ خوش نصیبی یہِ کہِ بہٕ چھس تِموٚ ہنٛدِ گرس منٛز واریاہس وقتس پژان گژھان روزد مُت ۔ اِہنٛز گِن سمنا کول چھےٚ مےٚ بێنہِ سِہو چھےٚ ہِندی ہِچ اُدیب ۔ مےٚ چھِہ یِم سمنا closely وُچھمِژ ۔ اکھ واقہ چھُہ سوال پیٚژھنہٕ بردٕ ہے تیتھ مےٚ تِموٚ سٕبس ہیٚو حاشیہ کوی تہٕ وُچھ پوئٹِل گژھان ۔ یِمن آسی زنانہٕ ہتی کیاتام اختلافات ۔ یِہو دۆن اکہِ دوہ یِمے چھی پیٚپل مرژ وانگن اُسہٕ ہنٛز نیران ۔ سمنا یہٕ ہنٛز ماجہِ ڈوہ نہٕ ُس ۔ وُمبرِ وُچھم چاگنہِ شملہ مرژہ وانگنا ۔ یِمن مہارا تِوگ بہٕ یودِ کہنی وُنُن ۔

اکھ یہودی شاعر چھُہ تِمس چھِہ وتان اکٕہ سٕبس اوز چھُہ وتان اگر سہانٛہ توہہ Fight out آسہِو Fundamentalism کرُن تہٕ ہیٚو پر کھوتہٕ نہِ یار چھُنہٕ تھوٚد کانٛہہ ۔ اگر تِہٕ نِش نِکش تہٕ چھُ سُہ چھِہ سارِوے کھوتہٕ بُوٚد جواب Fundamentalism اُس ۔

چونکہِ اکھ شاعر ، اکھ کوی یُس زن پتھ آتنگ وادس منٛز یِس

تلم

تام تتی اوس ۔ اُمس پیٹھ کیا پیو تمیک اثر۔ بکشیت شأیر نہٕ اُمہ
سٕہتھ گٔژ کوٗر تمیک مُقابلہٕ ۔ نہٕ ترژھ تخلیقہٕ آیا یمہٕ نہٕ یمو وتہٕ ہٕژ آسن
وٗنیم سوال چھُ۔ سُہ گیر اکھ بٔنیتہٕ زن یمو وٗون عبدالاور آزاد چھُ
وٗنمت بیوٹھُمت پہندس گریس منز ۔ پنڈت کنیالال کول وکیل چھِ
اُسی متی یمن برادر ۔ Radical Humanism ٹیک چھُ اوسُمت
پہندس گریس منز کافی اثر۔ تِہنٕس وقتس منز بیٹھِ ساٹہٕ کشیر منز
اکھ تحریک آس چلان ۔ یمن آسہٕ ریلیشنسز پریم ناتھ بزازس
کھُتھُ ماُبس یہٕ حکیت ہوٗہنی بہتر ہتی ۔ یہٕ اوس اکھ ماحول تمہٕ ساتہٕ
یتھ منزیم پے متی چھ۔ تمیک اثر کیا چھُ یمن پیٹھ نہٕ از بیٹلہٕ توہیٕ
دوٗنٕ دِستھا پنس منز چھو کشیتٕ شأیر۔ سے باسان شأیر آسنٕے چھُ
ہیتھ ۔ شأیر آسُن گو نہٕ کھوژُن ۔ نہٕ چھو توٗہی کھوژان ۔ سےٗ وٗنی تو
بکشیت شأیر کیا چھُ توہہٕ بیٹھو آتنک وادک اثر۔ توہہٕ دُیت واتھ
جواب یُس زن امُوس آوز چھُ ونان ۔

Humer is perfect answer to any kind of

Fundamentalism

ہِتو ماب :- توہیٕ چھو پانہٕ اہلِ قلم ۔ توہہٕ کیا جواب چھو دیُمت ۔ بہٕ کرتمہٕ نِش
آزمایش اکھ ۔ اتھ ونوٕ بہٕ ہتھ اکھ توہہٕ ۔ آتنک وادوٗ نوونا توہہٕ
سری نگرس منز چھُ ہیتوٗر سُنٕد اکھ باتھ۔

یہِ آزادی پُھہ ژراوان مۄر لیس کُن رحمتِ باران
کران سانِس زمینَس پیٹھ ژھرے گگرایہِ آزادی

یہِ اوس پران اکھا۔ اَتھ منٛز تہٕ اوس ہیٛومر جاپہٕ۔ آزادی اَمس ہنٛدوستانٕچ یا کٔشیرِ ہنٛز تتھ پیٹھ چھُ طنٛز۔ اکھ نفرا وۄنتھ سُہ اوس گوٗن ننتہٕ اوس نا آزادی ہُنٛد ارتھ بدل۔ کٔشیرِ منٛز نا۔ سُہ آسِو تۄہہِ پتاہ وضاحتٕچ چھنہٕ ضرورتھ کیٛہہٕ۔ یہِ رُوٗدٕکھ۔ گۄڈٕہَس ٹاس پاٹھٕنہٕ۔ ڈۄپہس ژٕ کیازِ چھکھ سانہِ آزادی ہٕزل کران۔ ڈۄپہٕ نکھ ہے یہ ہسا چھُ مہجوٗرن لیوکھمُت ۱۹۴۷ ہس منٛز۔ بیٛلہِ ہنٛدوستانس آزادی میچ۔ اتھ آزادی کوٗرُن طنٛز تہٕ روٗدٕکھ تہٕ ژراوِہس پھلہٕ گرِتھ۔ ووٗنی گوٗ تِ گوٗلی لگاوِ ہس نہٕ کیٛہہٕ۔ جان کٔشتی کٔرہَس یَتھِس ماحولَس منٛز کیا لیکھہٕ بہٕ آتنک واد کیازِ بہٕ چھُس وُنہٕ کم زیادٕ زِنٛدٕ روزُن یژھان۔ مگر تۄہہِ تہٕ چھوِ اہلِ قلم تۄہہِ تہٕ ہیکو آتنک وادس خلاف واریاہ لیکھِتھ۔ تۄہہِ چھوِ سیاستس سیٛیمتی زیادٕ۔

رتن لال جوہر:۔ طنٛز و مزاح چھُ لالہٕ لچھمن پنٛڈتن پیٹھ شوٗرٕ گژھان تہٕ ازکل چھُ ایوب صابر، غلام علی مجبور جان مزاحیہ شاعیر مانٛنہٕ یِوان۔ تُہُنٛدِ خیالہٕ مُوجوٗب کُتھ حدس تام چھِ طنٛز و مزاح کٔشیرِ ادبس منٛز ترقی سپٕنٛز۔

محو صاب:۔ طنٛز و مزاحن چھےٚ نہٕ خاص ترقی کٔرمٕژ۔

جواہر لال سرور:۔ تۄہہِ پٕرٕژھو کنول صابن آدٕ تہٕ تُہنٛدِس والدِ صابَس کیا اوس ناد

تۄہہ دِتوٚہ تمہٕ سوالس کانٛہہ جواب تہٕ بٔنیہ وٕنی تۄہہ تۄہہِ تمہُند
تأریخ پادآیش کیا چھُ؟

محمود صاب :- میانہِ پتا جیئس اوس دیا رام ناو - تہٕ یۄتام تأریخ پادایشہِ ہُند
سوال چھُ تمےٚ چھُ وُنہٕ باسان زِ یہ چھُس نہٕ وُنہٕ زانمتے -

بال کرشن سنیاسی - محمود صاب کشمیر کلچرل لیگ آس بڈٕ اہل پاٹھی پکان تہٕ تمِتی چھِ میے تۄہہِ
ستۍ قریبی دوستی گُنٛڑ تہٕ تۄہہِ سمجنک موقعہ میۆلمُت چھُ - بار بار چھِ میے
اکھ سوال ذہنس منز وۄتھان زِ یہ پرژھہ ہا تۄہہِ زِ سیاستس مُتعلق
تہٕ جماعتس مُتعلق تہٕ چھا تۄہہِ طنز و مزاح لیوکھمُت - تہٕ تۄہہِ چھا یمن
کانٛہہ سیاسی نقطِ نظر ازتام قایم سپدمُت -

محمود صاب :- سیاسی نقطِ نظر چھُ میون یہِ زِ بہٕ چھُس تمام سیاسی جماعژن برخلاف -
دۄیاں سیاستھ چھےٚ بڈٕ زحمتھ - سیاست چھےٚ لکن گمراہ کرنک اکھ ذریعہ -
اد - یوسہ سیاسی جماعتھ آسہِ تہٕ سو - میے چھُنہٕ تمہٕ مُتعلق رُتِ خیال کینہہ -
NO plitics is also a Polities - بہٕ چھُس تمام
سیاسی جماعژن برخلاف - سیاستس منز چھُپنہٕ عمہٕ پرژھان تیمن -

ڈاکٹر آر - ایل بٹ :- پننہٕ خاطر چھِم اکھ زانکاری حاصل کرٕنی - کینہہ وقت برونٛہہ چھُم
اکھ محاورہ بوزمُت - کشیر منز آسی رناں" بیمہ سُند بیمہ گوناران بھان"
تمے پرژھو واریاہن تفرن یہِ ذراو کتہِ اچھ Implication
کیا چھےٚ - اگر تۄہہِ اتھ مُتعلق ہیکو کینٛہہ دٕنِتھ یا بٔنیہ کانٛہہ ہیکہِ وَنِتھ

بہٕ گژھ ہا زانٚنۍ یاب ۔

اَتھ سوالس آوٕ نہٕ کانٛہہ جواب۔ البتہ لوٚت لوٚت آوٕ ونیٚنہٕ زِ یہِ

محاورٕ چُھنہٕ شاید درُست ۔

موتی لال کیمو:۔ توٚہۍ چھِو آزادس تہٕ مہجورس contemporary روٗدِمٕتۍ۔

نحوٗ صاب :۔ تِمن ہٕنٛز اہم صحبتھ ۔

موتی لال کیمو۔ مہجورس اُس یہِ صحبتھ زِ سُہ اوس ییٚنۍ بانٛتھ گیوٚنادان ۔ یِتھ

پانٛچھ آزادن وٚدُنس۔ مہجورن کھارِ تَنیک نارِ پکھرٕ پوٚر۔

یہِ Humourous بانٛتھ کیاز چُھنہٕ یوٚن گیوٚناوٕنہٕ ځامکرتھ

توٚہۍ سُند۔ توٚہۍ کیاز کرِو نہٕ اَتھ مُتعلِق کوٚشِش اکھ ہیٛومرس

بانٛتھ گوٚژھ گیوٚناوُن۔ اگر ازکل ریڈیوہس اکھ پوسٹ کارڈ سوزِو

زِ اسہِ یوزنادی تو اکھ ہیومرس سانگ۔ تنہٕ چُھو زیرو بٹا زیرو

اَتھ زیروہس مَنٛز بنیٚ توٚہۍ ہیرو۔ کینٛہہ ہاکرِو تو۔

نحوٗ صاب :۔ ہیوٗمرس پوٚیٹری ہٕنٛزس گیوٚنٕز آسہِ تنہٕ چُھ سنگیتنٕہ الگ۔ ازکل

چھ پاپ پوٚیٹری ہُنٛد دور۔ اگر تتھ منٛز ہیوٗمرس پوٚیٹری گیوٚو

تمکہ لفظہٕ چھِ ضایہٕ گژھان۔ اَتھ چھ خاص ایکٹنگ خاص باڈی

لینگویج استعمال کرٕنۍ۔ سو چُھنہٕ نگمان کانٛسہِ۔ مےٚ چھ وۄنۍ تمت

ریڈیو کشمیر والین تہٕ نتہٕ ٹی۔وی والین تہ۔ تِمو وۄن اسہِ نِش

چِھنہٕ کانٛہہ اِنسانا نیتھ یُس یہِ گیوٚتھ ہیکہِ۔ اکہِ دِما گیوٚوکھ سُہ تہٕ

سنگیت قسمکس میوٗزکس منٛز میوٗن باتھ۔ تمہٕ ہٕنٛتی یوسہٕ فرقہ

کُنن گرٚتھہ حامل سیدن سوٗ سپر ہٕ کیٚتھہٕ۔ زٕدرِن پانٛشن سان ترن

پیٹھ چھہِ ہیٚوٗرس باتھ گیوٗن تمیک ہیٚوٗرچھہ گرٚتھان ختم۔ لیکن

چھینہٕ اتھ ہٕنٛد کانٛہہ دِلچسپی روزان۔

پروفیسر پٔشوٗن لال کول۔ یہ چھس تہٕنٛز لڑکی ہُنٛد روشناد رٔدمُت تہٕ پیشہٕ کِنہ تہٕ چھس دوستاو

ہِنٛد چھہٕ یمن یہ پیٚرزٕھٕن زِ تحوصاب توٚہۍ رٔددِوٕ کاہن وریٚین سٕگرِس

منٛز سانہٕ نیبرٕ پیتہٕ۔ توٚہہ چھو واریاہ تجربہٕ یم تہٕ اسہٕ اٚچھو وُچھے۔ تہٕ

تِمن تجربن ہٕنٛد چھیے توٗاریخ تہٕ جُزٕ تھ۔ اِسلئے توٚہہ چھا دٔنہ کانٛہہ

ہیرادٕ تِمن تجربن بابتھ کرنٕچ۔

یہ کینٛٹھا توٚہہ ازنام لیوٗکھمت چھُ سُہ گوٗزٕھ بازر نیبرٕن سُہ گوٗزٕھ اسہٕ ہیوٗمن

عام لکن نام وانٛن۔ تاکہِ اسی پرسیوٗن ہم زن توٗاریخی کیٛتہٕ خاص

واقعاتھ تہٕ حالاتھ چھِ۔ تمن مُتلق سیدِ ہے اسہٕ زانکاری۔ توٚہہ چھیا

بیٚن کلام چھاپنُک کانٛہہ ییرادٕ۔

اگر توٚہہ تِمن حالاتن مُتلق لیوٗکھمت چھوٗمِن مُتلق توٚہہ اگہی

شیکھرن وٗنی پیٚرزھو تہٕ توٚہہ ڈُو پوٚس ہٕے اوسا پان مارُن۔ وونی

چھینہٕ سوٗ کتھ۔ ییٚتھ چھو توٚہۍ یلہٕ توٚہہ چھینہٕ پتاہ زِ دِستھاپنس

مُتلق سوتاہ آو لیکھنہٕ تہٕ کاٚزاہ آیہٕ یِچ تنقید کرنہٕ۔ وونی لوزناوِچ

تو توٚہۍ تمہٕ کلامہٕ منٛز نموٗنہٕ رنگی اکھ باتھاہ اسہٕ سیدِ ہے بڈٕ خوٚشی۔

محوٚ صاَب :۔ تُرٕ تھوٚوے سوال چھِ ماقوٗل مگر وُنہٕ چھُنہٕ مے کانٛہہ خیال کتاب چھاپنک نہٕ چھُم سُہ کلامہٕ بوزناونک۔ لیکھُن چھُ بڈٕ مُشکل نتہٕ اوس کتھ کرٕنس بیوان کھوژُن۔ توٚہہٕ وٚونُموٚ مے ہیٚوٚر ہنٛدِس کلامس کیا رنگ دُیت تمیٚ۔ مہربٲنی پیٚیہٕ۔ گیٚوَن وٲلیس لوٚیکھ نہٕ ہنٛدٕ رق۔ سُہ آسہٕ ہیکھ اَپور توٗر مُٹ۔ ییٚیتہٕ چھےٚ الگ کتھ۔ ییٚیتہٕ ہیٚکوٚ وِدٕ زِ لیکھتھ۔

پریم ناتھ شاد :۔ مےٚ چھُ توٚہہٕ ہتیٚ تاَرُف تیٚلہٕ گوٚمُت ییٚلہٕ اکہٕ دوہ ریڈیو کشمیرٕس مَنٛز مُشاعرٕ اوس بہٕ اوسُس لوٚکُٹ۔ خوٚش قسمتی مانٛز توٚ یا بدقسمتی تتھ مُشاعرٕس مَنٛز اوس غفر مغربی تہٕ توٚہہٕ نہٕ۔ یہٕ چھُس بہٕ زانان اگر توٚہیہٕ باقی آسہٕ ہیٚو۔ تمہٕ پتہٕ تہٕ اوس کہرام مچان۔ ییٚلہٕ ووٚدٕ توٚہیہٕ دُشوٚوے آسہٕ ہیٚو اُکی سے مُشاعرٕس مَنٛز سُہ اوس لوان کیا نام مانتہٕ۔ وِیکارٕ ڈنگہٕ اوس ٹایم نیبرکنہٕ آسی ساری شاعر بیٚہتھ یمن مُشاعرٕس منٛز شمولیتھ کرٕنی آس۔ ویٹنگ روٗمس مَنٛز بیٚہتھ وُژھ کتھ ہے محوٚ صاَب تلہٕ ساَم بوزناو کینژھا۔ توٚہیہٕ بوزنوٚو کیا نام لیُس نہٕ ییٚیتہٕ ونُن لایق چھُ یورٕ ووٚدتھ غفر مغربی صاَب تہٕ تمی تہٕ لوگ پنُن مزاحیہ ناتھ بوزناوُن یُتھ لوٚگ مُقابلہٕ نہٕ اسہٕ چھِ ڈُلہٕ گنڈہ دِژ مِتی۔

سوال چھُ مے یتھہٕ پاٹھِن ۱۹۹۰ہٕس منٛز ڈرلے اسی کشیرِ نہٕ دٲژ یورٕ تہٕ ییٚیتہٕ کیٚوٚ سانیوٚ اُدیبوٚ تہٕ شاعرو لیوٚکھ واریاہ۔ زیادٕ تر لیوٚکھ وِستھاپنس پیٚٹھ تہٕ کیاز بیٚہ اوس سُہ وق ییٚلہٕ اسِنس نہٕ گندنس کامن

گئیہ۔ نہٕ اٮ۪ن اوس نہٕ پھوراٮ۪ن۔ توٚہؠ آسہٕ ہیو بوزان زِ حالانکہ کیا گئیہ نہٕ کیا نہٕ گئیہ۔ مےٚ ژوٚنۍ تُو توٚہؠ نمتہٕ پیٚٹھ ازنام چھ اُسی لیکھن والۍ بیٚتہٕ اُتھی موضوعس پیٚٹھ لیکھان نہٕ اُمرِ دٲیرٕ نیبر چھنہٕ نیران۔ بیٚیلہ نہٕ اُسی قلم تُلان چھِ اسہٕ چھِ کیا تمام روزمُت یاد پیوان۔ توٚہہٕ کتھیٚن طنز لیکھن والۍ ادیب کیا کوٚرٕ۔ محسوس نہٕ ساٗنۍ دِل رنٛزناونہٕ خاطر کیا چھِ یِہِمَن ذہن کاہن وُرہِیِن تھٲنِس دِیت۔

**محو صاب:-** تتہٕ اوس نہٕ ادب پیٚرنہٕ پاٹھی آزاد کینٛہہ خاصکر ہزلی یا مزاحیہ ادب دٲیراوس ہِندوقس کھوتان۔ تِی لیکھنہٕ آس ترجی دِنہٕ پوان یہ ہِندوٚیِن ویہ ہے۔

**امکار ناتھ ژرنگوٗ:-** یِتھے توسہٕ ہیٚتھ داریا ہس کالس ووٚتھ بیٚٹھ روٗزمٕژ۔ ساٗنہٕ محلٕچِہِ وتہٕ ادہو توسہٕ بکیٚن پیوان۔ ییٚلہ توٚہؠ نوکری کرتہٕ آسیو نیران۔ مےٚ چھ سوال زِ یِہِمَن پیٚتھی میٚن وُرہِیِن نتہٕ دٔ ہمس ماحولس منٛز روٗزتھ سپزا زانٛہہ کہنہٕ منٛگا یا کاشُرِس لِکھارِس یا شاعِرس آوا دِنہٕ زانٛہہ تلاش بوزناو کینٛہہ ھا

**محو صاب:-** کیا وِنہٕ یہ جواب نتہٕ اوس ریڈیوہس یا ٹی۔ وی کیس منٛز گاہ یہ گاہ کینٛہہ وِنہٕ نس موقہ میلان۔ یا اوس کُنہٕ ساٗنہٕ کلچرل اکادمی پیٚٹھ مشاعِر سپدان نتہٕ تہٕ آسی پیوان حدس منٛزے خیالاتھ اظہار کرنۍ۔ بیٚیہ آس شاید پرایویٹ مجلسا کُنہٕ جایہ سپدان۔

**جگرناتھ ساگر:-** مےٚ چھ گُزارش یہ کہ لفظ استعمال مگر توٚہؠ کھوژِرٕ زیوتہٕ۔ یہ کرن

بدل آبہٕ استعمال - خطرٕ چھِنہٕ کینہہ - سوال چھُ یُس تھٕہند مزاحیہ کلام چھُ
سران کُنیتھِ ہنز ہبتری خاص طور پاٹھی نیشنل کانفرنسچ سو ساڑے تحریک اگر توٚہۍ
یہ کُھسٹھ سٕتھاۆِو یا منٕدِچھو تیلہٕ چھُ فارسی زبٲنی مَنٛد اکھ شار

"بخیل او لوَد زاہدے بہرور - بہشتی نہ باشد بحکم خبر"

یُس شریک یس منز بخل کرا گرسُہ کوتاہ تہٕ زاہدآسہٕ سُہ گژھہ نہ سوگرس زانہہ
توٚہہٕ چھِو پَتُن اکھ شار - توٚہۍ مہٕ کھوٗژِو بہٕ کرٕ نتھ موٗلوی ترمیم

بہ گام وشہر گونٛزان شیرِ کشمیر -

یہ چھِنہٕ صرف اکھ کتھ بلکہ اکھ مکمل تصویر - ملت شیرِ کشمیر کی زندگی کا جو نقشہ باو"
چھُھِ کتاب عابد شُیبنس چھاپمٕژ - اگر توٚہۍ پرِو توٚہۍ ڈیوز عابد شیبنس لدن وٗزی گجہ
نمہٕ چھُ ننہٕ لیو کھمت نمہ کیا کور - عرض سو چھِ سہٹائدُ کتاب پیرِ نی لایکھ - مگر توٚہۍ کیازِ کرِو
اسہٕ محرُوم یتھہ چیزٕ نِشہٕ - توٚہۍ کھوژِو اتھ منز ہساچھ لیکہ انہٕ منز ہساچھ کیاہتام
یہ لیکھ چھِ منظور اگر اتھ لیکہٕ منٛز نیمتھ ساتہٕ شیر ین ادبہٕ کھوتہٕ زیادٕ چھُو .
تیلہٕ کیازِ چھِو توٚہۍ یہ کُھسٹھ نھوان -

محو صاحب :- سوال چھِ سیاستس مُتعلق چُھس نہ بہ بوزُن یژھان کینہہ - زِ ژور سوال
پرژھکھ مےٚ - سٕتے چھِ پالٹکس منز الجاوُن یژھان - بہ چُھس نہ الجن یژھن
کینہہ - شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ وغارٕ وغارٕ - اُمس پیٹھ چھُ مےٚ لیو کھمت تہٕ واریاہ
نثرس منز تہٕ نظمس منز تہٕ - مطلب وو نِ چھُ :- اکھ وو نمت - بہ چُھس نہ
سیاستس منز الجن یژھان - پارٹی پالٹکس نِشہٕ - پالٹیکس نِشہٕ نیکہٕ نہ کانہہ چھُ -

ڈاکٹر رتن لال شانت

# اِختتامی تقریر

مےٚ چھہ سٮ۪ٹھاہ خوٚشی زِ اَزِچ یہِ محفِل وٲتِھ بٔڑ نفیس پٲٹھۍ اَند۔ امہِ باوجوٗد مالموٗہی صاٲبن پوو اَسہِ طلوٗن اکِس اہم کتھِ کُن ییٚتہٕ پیٹھ اَسہِ پنٕنہِ پٲٹھۍ سوچُن پیٚیہِ بحیثیت ممبر سٹیپر تی۔ مگر تمہِ ایکہِ ہی داد محفل پیٚیر سٮ۪ٹھاہ کامیاب۔ امہِ کامیابی ہُنٛد صرف چھ گوڈ محوٗ صاٲبس پیٚہنٛز شخصیت تعارفٕچ محتاج چھنہٕ۔ یمن ییٚتہٕ تاریف کرُن تہٕ چھ کم۔ یہِ چھ ستم ظریفی یا ذٔنۍ تو بدقسمتی ساٲنۍ اَس مترِ زِ کٲشِر منٛز تُتام اُسۍ اَسۍ تُتام تہٕ اَس نہٕ اَسہِ منٛز سُہ دیانتھ کہِ اُسۍ کرِ تِہو یمن Talent چھ تِہنٛز پیٚرزنِتھ بدٕ کرنٕچ کوٗشش۔ تمن دِمہٕ ہو۔ تِہنٛد مُقام تمن کرہو حوصلہ افزایی، تمن کرِہو یِرکھ افزایی یِتھ زَن تمن یاسہٕ ہے زِ تِم چھ کانٛہہ ہو کٔمی پٔروان۔ یوٗس ادبس چھ۔ خاصکر محوٗ صاٲب ہِیوٚو شخص یم زَن اکہِ حسابہٕ ساٲنِس ادبی تحریکس سٕتۍ برونٛہہ پٮ۪ٹھے اُسۍ متۍ چھِ۔ پنٛژاہ پتہٕ یم بٔڈۍ بدٕ ولہٕ گوٚنٛنۍ آیہِ ساٲنِس تواریخس یمہِ تبدیلیہٕ سٟتۍ یہِ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنٛگہٕ چھ تمن سٕتۍ اَسۍ متۍ۔ ییٚیتہٕ دٔنھی وارِیاہ سوال یِہنٛدِس سیاسی شخصیتس مُتعلق یِمَو کوٗر جان زِ تِم گٔرِکھ Avoid تی پیٚیِرہے تہٕ کرُن۔ پیٚرتھ کانٛہہ چھ پنٕنۍ پنٕنۍ سیاست آسان۔ اُدبس تہٕ چھ سیاسَتھ مگر یہِ چھنہٕ ضروٗری زِ یوسہٕ سیاسَتھ اُدبس چھے سُہ گژھ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنٛگۍ تِہنٛدِس کلاس منٛز ییٚنۍ۔ تِہنٛدِس کلاس منٛز اگر آیہِ نہٕ یلاگر یِمَو اُنہٕ منٛز چھے تہٕ یم چھنہٕ سونٛبِر کٔرِتھ نیٚرِہان، یمن چھ حق تمثیک۔ مزاح تہٕ طنز۔ ذیان یمن چھ پانہٕ وٲنۍ یہِ داٹھ زِ خالی طنز چھنہٕ مزاح ورٲے تیوٗتاہ موثر سپدان کیٚنٛہہ۔

مزاح کیاگو طنز کیاگو ؟ یہ وننہٕ نکھ ضرورتھ چھُنہٕ کانٛہہ مگر یتھ ہن چھُ اسہِ
سارنے مانٛن زِسانہٕ زندگی یہ چھے اتھ منز چھُ بے مانیت Absurdities زیادٕ
سنجیدگی کھونہٕ۔ ٹھیکھ چھُ محو ماہٕ ڈون کہِ صُبہٕ پیٹھہٕ شام تام یہٕ آسی زندگیہٕ منز کران
چھِ سہ ہنا چھِ سنجیدٕ آسان زیادٕ۔ بے شک اُسی چھِ سنجیدگیہٕ سان کران۔ مگر سنجیدٕ چھُنہٕ
سہ آسان۔ ساڈی Routine کیا چھے صُبحن وہٕ ژھن تُتھ چھلن چاے چیٖتہٕ۔ پتہٕ بتہٕ کھیٚون
پتہٕ شامن شونگن نہٕ پتہٕ یگاہ بتیہ تی کرُن، ساکھ کتھ بتیہ تی کرُن۔ اُمہِ ستہِ چھے یہِ
سارے حرکتہٕ بے مانے حرکتھ گژھان۔ آخر زندگیہٕ منز یہٕ کینژھا Routine علاوٕ
کران چھِ۔ کیاز چھِ کران۔ اُسی کیاز چھِ منز deviation کران نہٕ رُٹین پھُٹراوان۔
نکیاز زندگیہٕ منز چھِ اُسی کینہہ ملنے ژھانڈنچ کوشش کران۔ یہوے مانے چھُ عظیم آرٹِسٹ
زیادٕ بہتر پاٹھی ظاہر کران۔ عام اِنسان چھِنہٕ ہیکان کرِتھ۔ تیٚس زن یہٕ زندگیہٕ منز بے مانیت
چھُ یانے یہٕ کرِتھ اُسی صُبہٕ پیٹھہٕ شام تام زِندٕ روزِتھ نہٕ پتہٕ ڈیمہ ددہ خاطر شریر بتیہ
تازٕ کرِتھ بتیہ تیار کران چھِ۔ کُس مانے چھُ اُمہِ منز نیران۔ یہِ چھِ ساری کران یہِ چھُ
پراڈی پاٹھی تہٕ شایرٕ ڈونمُت۔

آہار ندرا بھیہ میتھُنم چہ
ساماہیم ایتد پشوبھی نراتام

یانے کھیٚون چیٚون نیندرٕ کرنی گُھوژن تہٕ صوحبتھ کرنی یم سارے خصوصیتہٕ
چھے حیوانن تہٕ اِنسانن مُشترکہٕ۔ یژھ زِندگی یہٕ منز کیاہ چھُ تیٚس زن اُسی بڈٕ Seri
ous ہٕ بروٚنہہ یکہٕ ناوان چھِ۔ اتھ منز چھُنہٕ Serious آسنک کانٛہہ وجہ

تِمۍ کُن چھُ طنز نگار نظر اوان - تمِس چھُ تفاد دِوان بوزنہٕ - یِتھۍ زَن Abourd
ڈرامہ انگریزی ہِس منز آو، یورپس منز آو - پتہٕ آو باقۍ دُنیہچن زبانن منز -
کاشرِس منز تہٕ آو کینژھا Absord - ڈراما والین پیٚو ژھکھ یہ کیاسا چھُ نفر جوراہ پیٚاران
اَکِس نفرس یُس ناو گوڈو چھُ - یہ کُس سا چھُ - یِم چھِ پیٚاران آخر نہ چھُ سُہ واتان
تہٕ نہ چھِ تِمن سوتشنگی ژلان زِ سُہ کیازِ ووت نہٕ تہٕ نہ چھکھ افسوس سُہ کیازِ ووت
نہٕ - نہ اوسکھ تیوٗتاہ اِشتیاق - سُہ گوژھ یُن - پتہ اسہِ مپدِ ہے کانہہ مسلہٕ حل - یوٗتاہ
casually چھُ یہ سوری سپدان - دُنیہ چھُس یِی تیژھان زِ زندگیہ منز چھُ سوری
casully کینہہ چھُنہٕ تیوٗت serious یہ زَن اَسۍ وَنان serious چھُ - شاید
چھُ طنز اُتی وۄتلان تہٕ مزاح چھُ اُتی وۄتلان -

تَحو صاب یِتھ ماحولس منز پرتھیبہٕ تِتھ منز اَسۍ تفاد واریاہ - لیکھن وٲلۍ
سُند دیان کیازِ چھُ گژھان اَتھ کُن - تلم کیازِ چھُ ژلان تمہِ خاطرِ چھِ باقۍ وجوہاتھ
تہٕ آسان - کانٛسہِ لیکھن وٲلِس سۍتۍ صوحبتھ گیہٕ کرنہٕ محفلہٕ سۍتۍ گو رابطہٕ کوٗشش کر
لیکھنیچ یِتھ کانٛسہِ شاباش کوٗر - اسہِ سارنے چھِ یِتھی واقات سپدیمتۍ - یِتھی واقات نے
سپدہٕ ہن شاید لیکھ ہو نہ یِتھ کنۍ اَسۍ لیکھان چھِ - یِتھۍ نے واقاتن ہُند نتیجہٕ چھُ
اسہِ بروٗنہہ کنہٕ - دُنی کینس چھُ تَحو صاب سُہ چھُ تِمو سارِوے تحریکن ہُند نتیجہٕ
یِمہ یہنزِ زندگی منز آیہ - دُں گو پتہٕ کلامہٕ یُس شیرازس منز یا باقۍ جریدن منز
چھپیو سُہ سوٗمبرادن یِم نہ چھاپن ——— یِمن آسہِ پانہٕ تہٕ اِحساس
سُہ گوژھ چھپُن - یوٗتام تہٕ کتاب نیرِ توٗتام چھُ ؤہراوتھ آسان سوری - توٗتام

چھُنہٕ اکھ سالم نقطۂ نظر کاشہٕ شاعرس مُتعلق تام سپدِتھ ہیکان۔ محو صاب تہٕ آسن ضرور یتھہ ہان زِ شہ گوڈہ چھپُن تہٕ اُسی ساری چھِ تی یتھہ ہان۔ باقے گو یمن آدونہٕ یہندہ سہ ادب چھُ یُس زیادٕ پاپولر چھُ، یتھ زَن کینہہ ادب کثیف وَنان چھِ کو تہٕ چھاپن ہم۔ شاید چھُس نہٕ سوُرے ادب کثیف ٹُس گو رٹھا ہنا چھےٚ فرق آسان یہٕ زَن منٹو ہَن لیوکھ بے شک تمہٕ منز تہٕ چھےٚ لیکہٕ مگر لیکھ چھپہٕ سو وہ راتھ سرڈیس منز کینہہ۔ لیکہٕ پیش کرنک انداز چھُ یتھ کنہٕ زِ سہ چھِ واتیہٕ وسان۔ تَوہی نیو کاتھہ نہٕ افسانہٕ تمہ سُند "گولی" پَوتُس چھِ اُمس گولی لگان۔ توتام چھُنہٕ اِنسان سونچان زِ یہٕ کیا چھُ وَنان۔ مگر پَوتُس یہٕ زَن شہ کمہٕ وَنان چھُ سو چھِ گولی ہِش لگان یہٕ کینژھا تمہ لیوکھ سہ چھُ اسہٕ تتھُس دِوان۔ سہ نژُس چھُ مزاحس منز موجود آسان تہٕ اگر لیکہٕ نہٕ شہ رُوپ آسہٕ سونہٕ ہیکہٕ اکھ اَدبی وزناو پیراوِتھ۔

دراصل لیکھ چھےٚ کیاہ۔ لیکھ چھےٚ اکھ Impotent protest آسان۔ وُچھتو لیکہٕ منز کیازِ چھےٚ زنانے ہمیشہ نہٕ کیازِ مرد چھُ پننہٕ potency ہُند استعمال کرِتھ زنانہٕ خلاف ظاہر کرِتھ ہیکان۔ تمی سے Exploit کرِتھ ہیکان۔ اگر سہ physically کرِتھ چھُنہٕ ہیکان زبانی چھُ کران۔ اِس لِئے چھُ یہٕ پروٹیسٹ اکھ Impotent protest ——

یئیلہٕ ادبس منز مِلوان چھُ دراصل یہٕ بناونہٕ آمُت چھُ زِ ادب چھُ cathar-sis کران۔ اَدب اگر کتھارسِز چھُ یُس زَن یہٕ مزاحیہ ادب چھُ یہٕ چھا زیادٕ بہتر کتھارسِز catharsis کران۔ اگر لیکھ انہ منز استعمال کرنہٕ ییہٕ صحی طور

تیلہِ دِیہِ یہِ بہتر کتھا ہنر ـــــ

اگر ادبُک سُہ اکھ مُدعا چھُ تمہِ حِسابہٕ چھُ مزاحیہ تہٕ طنزیہ ادب سیٹھا تھدِ پایک ادب۔ یِم زَن رس شاستری چھِ یُس زَن سون مشرقی تنقید چھُ تم تہٕ چھِ حامل رس وَنان۔ حالانکہِ تم چھِ وَنان زِ کرُن رس چھُ زیادٕ اہم ییٚمہِ ہِنٛدی دیا باد پادٕ گژھِ، ییٚمہِ ستہِ رَحم دوتلہِ۔ سُہ ہیٚساے چھُ زیادٕ مگر ہاسیہٕ رس ہیٚساے چھُ بے شمار رس اکھ بے شمار آسنہٕ کِنہِ ہیٚساے چھُ یہِ زیادٕ سماجی sociable رس۔ اتھ منٛز ہیٚساے چھُ سماجِک لحاظٕ زیادٕ تھوٚنہٕ یوان یہِ ہیٚساے ہیٚکہِ بجہِ محفلہِ آوٕرادِتھ۔ کرُن رس یا شِنٛگار رس کھوتہٕ ہیٚکہِ یہِ آوٕرادِتھ زیادٕ لوٗکن۔ یہِ چھِ حقیقت اَسہِ وُچھان نہٕ۔ تی چھُ اکھ مزاحیہ شاعِر نہٕ کران۔ تہٕ تِکو صابَن نہٕ چھُ تی کوٚرمُت۔ اَمہِ چھِ دوٚمیدیم انٛن پننٛ کلام بردٕ تھہِ کُن تہٕ ساڈٕ یہِ تِشنگی گژھِ دوٗر۔ بہٕ اوسُس وُنی یہِ سوچان کہِ تو بہٕ دِژٕ مےٚ بہٕ یٚرتھ افزائی۔ یہِ چھِ میاٚنی سیٹھا خوش قسمتی زٕ بہٕ روزٕ اکھ موٚتوٚلی دٔر کرٔبنتھ سمپرتی ہنٛنی ہمیشہٕ۔ یہِ چھےٚ مےٚ commitment یہِ چھےٚ اَسہِ ساریٚن ہُنٛز commitment۔ ییٚنہٕ گرمہِ ژٔنجہِ منٛز کرٔ سمپرتی یہِ میٹنگ کیازِ کرن اگر بہٕ تہٕ آسہٕ ہا اکِ زِ کیوٗ ٹیٚوٗ ممبر۔ ممکِن چھُ مےٚ آسہٕ ہے پانس نِش جواب۔ مگر بہٕ چھُس وُنی کیٚنہہ الگ ہیٚنہہ۔ مےٚ سوٗنچ یہِ پانس ستہِ تہٕ بیٚیوم یاد کہِ سمپرتی ہُنٛد مقصد کیا اوس آخر۔ ییٚلہِ یہِ قایِم سپدے یہِ۔ مقصد اوس اکے زِ اَسہِ کیٚنہہ یِم زَن ییٚنہٕ مُٹھی بر لیکھن وٲلی چھِ کاشرس منٛز چھا، ہِنٛدیس منٛز چھا اردوٗہس منٛز چھا مگر کاشُر چھُ اَسہِ ماجہِ زبو۔ اَتھ ستہِ چھےٚ اَسہِ زیادٕ نزدیکی۔ اَمہِ کیٚن زَن

تیٚوٗ مشکل اوس۔ یوٚسہٕ زَن کاشُرِ زَبٲنۍ ہُنز سوٗگٲتھ ہَنہٕ زٕھیتہٕ گژھنی تہٕ کیازِ اَسی چھِ بولن والین دوٗر۔ اَسی چھِ کلچرس دوٗر، اَسی چھِ ماحولس دوٗر۔ یہِ گژھِ کُنہِ طریقہٕ زِنٛدٕ روزٕنۍ۔ یہِ زِنٛدٕ تھاوُنہٕ خاطرٕ چھُ سیٹھا مُشکلات۔ اکھ بوڈ مُشکل چھُ گوٚیس اَتھٕ رٹتن بێیتہٕ تاپہٕ کرٲے آسان چھِ۔ اگر اَسی تاپہٕ کرٲیہِ کھوژِ تیٚلہِ ہیٚکہٕ نہٕ یہِ مُمکن سپدِتھ۔ تیٚلہِ ہیٚکہٕ تہٕ یتھ محفل سپدِتھ۔ یُمہِ وقتہٕ یمو یہِ سوٗچمُت آسہٕ تُمہٕ وقتہٕ آسہٕ ہیمن خیال آمُت کہ داریاہ کالا گو اَسہِ سمنس۔ سمُن چھُ ضروٗری کیازِ سمنہٕ سیٚتۍ چھِ اکھ اَکی سِتۍ کتھ بوزان۔ اکھ اَکی سِتۍ کتھ پرژھان۔ یتھ کٕنۍ یہِ کینسرٹھا گانگراوان آسان چھُ سُہ چھُ شاد چِھ شکلہِ منز ناسیر نیبران۔ یہِ کینسرٹھا اوٚنام سوٗچان آسان چھِ تہٕ چھُ نیٚبر نیبران اَکہِ محفلہِ منز چھِ بیاکھ محفل زلوان۔ اَتی چھِ بێییہٕ سِتۍ کتھ دوتھان۔ یہِ زبٲنۍ زِنٛدٕ تھاوُنہٕ خاطرٕ یوٚسہٕ کوٗشش سپرٕتی کٔر تِمہِ شاباشش لایکھ۔ یہِ چھُس وژھِ وٲلِنۍ اَمہِ خاطرٕ شکریہ کران۔ شاباش کران تہٕ بێییہٕ دۄ میدِ تھَوان تاپہٕ کرٲیہٕ آسی تَن اَمہٕ کھوتہٕ مکال گژھِ اَسہِ چلوٗنۍ روزٕنۍ۔ زِھتو نہٕ صرف کرمیو ہیٚمتھ یمو بلٲدی اَسی ساری اَسہِ سارِنٕے نہٕ کرہیمتھ۔ اَسی ساری آیہٕ یوٗتھ یمو کیازِ کرہیٚمتھ زیم گژھی زِنٛدٕ روزٕنۍ۔ اَسہِ سارِنٕے کیازِ کرہیٚمتھ تکیازِ اَسہِ چھُ اکھ اَکی سِتۍ بوزٕنا۔ اکھ اَکس نزدیکھ روزٕن۔ اَسہِ چھُ یہِ ہانکل برقرار تھاوُنۍ یتھ منز اَسی گنڈاتہٕ چھِ آہتی۔ بێیتہٕ سون روزُن چھُ ساتہٕ وابستگی ہُنٛد اکھ بوڈ بارٕ ثبوٗت۔ یہِ چھُس ہیمہٕ ساری خاطرٕ توبہٕ مُبارک کرانا۔ یوٚس زَن بێیتہٕ کتھ وژھ زِ ... محفلہِ منز گژھ Physical ییٚنہ اَزآیی سپدٕنۍ یہِ چھُس اَتھ سِتۍ بِلکل مُتفق۔ تیٚتے چھُ باسان سپرٕتی چھِ اَتھ قٲبل زِ اَسی ہیٚکو یتھ رَژھ کٔرِتھ۔

ڈاکٹر ایس۔ این۔ کول

# کاشُر زبان تہٕ لفظن ہُنز توٗیتھ

زبان ورتاوس منز اینہٕ وٲلۍ ضوورتھ چھے نٮ۪تھے پٲٹھۍ محسوس یوان کرنہٕ ییتھ پٲٹھۍ نہ زنگ وٹہٕ پٮ۪چھ دہرادنہٕ زامن کرنہٕ، یوٚند تراوہٕ ضوورتھ چھے پیوان۔ اِنسان سٕنز ہمہٕ کوٗششہٕ چھے ییٚتھ قدرتی زِ اسہِ چھہٕ ہمن کوٗششن پٮ۪ٹھ عام پٲٹھۍ سوچنہٕ دہشزار کرنہٕ کاتھہٕ تہٕ ضوورتھ باسان۔ یِہے حال چھ زبٲنۍ ہنٛد تہٕ۔ یہِ دٲنن چھ تیٚلہٕ زیادے یہن صحی نہٕ یا مانے باسان ییٚلہٕ اَسی ماجہِ زیوِ ہنز کتھ چھ کران۔ ماجہِ زیوِ ہنز چھاپھ چھے زبان یا زبٲنۍ کہِ مقابلہٕ سارٕے برونٹھ پیوان۔ اَمیک اِرتقا چھُ قدرتی حالاتن بےٚ ضبط ماحولس تہٕ لاشعوری اوسطھایہٕ منز سپدان۔ غالباً یِہے وجہ چھُ زِ ماجہِ زیوِ متعلق غور و فِکر کرنہٕ ضوورتھ چھہٕ اَسی عام پٲٹھۍ محسوس کران۔ سنسکرت زبٲنۍ ہنٛد یہِ متوتر : मातृभाषा आभाषः چھ یوہے کتھ پوشٹ کران زِ اَسی چھ ماجہِ زیو ورتاوان مگر اَمہِ زبٲنۍ ہنٛدی راز چھِ نہٕ زانان۔ رِگ ویدچہ ۱۱ رِچایہٕ مطابق ونو زِ زبان دُچھتھ تہٕ چھ اَسی اَتھ نظر انداز کران، زبان بوٗزِتھ تہٕ یہِ دپٕ زِ تہٕ نٕوٗر لاگان مگر زبان وانس نِشہِ چھے زبان تِتھے پٲٹھۍ برونٹھ کنہِ یوان ییتھ پٲٹھۍ زنانہٕ

چھے عُریاں رِپس منز پیٹہ نِس ساٗمیس نشہِ پیش سپدان ؎۱

دٔنِہِمِن زبانن ہِندی پاٹھٕ چھے یہ کتھ کاشُر زبانٕنی پیٹھ تہٕ لوگو سپدان۔ یہے وجہ چھ زِ یہ زبان چھے اَمہِ کِن بولن والین نشہِ تِتھے پاٹھی بے دوٗن تہٕ ماجہِ زیوِ ہنزٕ اہمیتٕ نشہِ بے خبر یتھ پاٹھی اکھ شُر چھ ماجہ ہنزِ ہمتائیہ ییتھ پٔتہن قودرتی حق مانان مگر ماجہِ ہنزٕ اہمیتھ چھنہٕ سمجان۔

دُنیہس منز چھے یہے ۳۰۰۰ زبانٕنی بولنہٕ یوان۔ توارِکھی تہٕ تقابلی لِسانیاتکِہ اُصولو مُطابق چھے یمن زبانن ہنز ورگہ باگنے پروارن، لوکٹین پروارن شاکھاین۔۔۔۔۔ منز کرنہٕ آمژٕ زبانن ہِندی پروار مُشخص کرنچ ہُنیاد چھے زِ کینژن زبانن ہنز مولادار چھے اکھ خاص زبان تہٕ وَق گُذرنس سیتی پھٔٹیہ اَمہِ زبانٕنی منز واریاہ زبانہٕ، لوکچہِ زبانہٕ بولہ وغارٕ یموے پروارٕ منز چھ اکھ بوڈ تہٕ اہم پروار تہٕ اَتھ پروارس چھ ناو ہِند۔یورپی پروار۔ اَمہِ پروارچہِ زبانٕنی چھے لگ بھگ ساری سے یورپس، افغانستانس، ایرانس پاکستانس تہٕ شُمالی ہِندوستانکس بڈس حصس منز بولنہٕ یوان۔ سانہِ مُلکچہِ یمہ ریاستہٕ چھے اَتھ منز شامل یوان کرنہٕ، اَسم، بنگال اُڈیسہ، بِہار، اُتر پردیش

؎۱ उतत्व: पश्यन् न ददर्श वाचम्।
उतत्व: श्रृण्वन् न शृणोत्येनाम्॥
उतो त्वस्मै तन्वं विसस्रे।
जायेव पत्ये उशती सुवासा॥

مدھیہ پردیش ، مہاراشٹر ، گجرات ، راجستھان ، ہریانہ ، پنجاب ، ہماچل پردیش جموں وکشمیر۔ کاشر زبانہِ ہند تولُق چھُ تتھ پرِوارس سۭتۍ یتھ منز انگریزی فرانسیسی ، رۄسی ، یونانی ، لاطینی ، سنسکرت ، اَویستا ہشہِ زبانہِ چھےٚ شمار یوان کرنہٕ۔ کشیرِ علاوٕ چھےٚ کاشر زبان بھدرواہ ، ڈوڈہ کشتواڑ ہِہوین علاقن منز بولنہٕ یوان(۱)۔ ۱۹۹۰ ہس منز یوٚت کاشرین پنڈتین خانہٕ وُچارۍ گیہِ تہٕ تِمن پیوٚ کشیرِ پیٹھہٕ ژلُن۔ تمہِ کِنۍ چھےٚ یہِ زبان ہندوستانکین لوکٹین بڈین شہرن منز تہٕ بولنہٕ یوان۔ جیٚمہِ تہٕ دِلہِ منز چھُ کاشر زبان بولن والین ہند اکھ بۄڈ تیداد نظرِ گژھان تہٕ کیاز از کل چھُ ناگرژن ہند بۄڈ تیداد یمن شہرن منز قیام کرِتھ۔

۱۹۹۰ ہس منز کشیرِ پیٹھہٕ کاشرین پنڈتین ہند مہاجرستھان چھُ ۲۰ ہمہِ صدی ہند بوٚڈ المیوٗ منز اکھ۔ سکندر بُت شِکن سۭندِ دورٕ پتہٕ اوس یہِ پنڈتن ہند اکھ بۄڈ پرستھان۔ تم گیہِ پننہِ پینچہِ پُرنہٕ نِشہٕ موٚحروٗم مگر سو کھس دۄہ کھس منز اکار بکار ییٚنہٕ واجینۍ نۄہنِر ماجہِ زیو روٗز تِمن سۭتۍ سۭتۍ تکیازِ زبانہِ ہند سرمایہ چھُنہٕ ژاٹنہٕ تہٕ کانٛسہِ ژۄرِ ہیکان نِتھ۔ اسی ہیکو ونِتھ زِ مایگریشن دون ترین دہین رُود کاشر زبانہِ ہند Status quo لگ بھگ برقرار مگر وار وارٕ پیییہٕ اَتھ منز ڈوگری زبانہِ ہندۍ لفظ۔ کینہہ مِثالہِ چھےٚ یتھ پاٹھۍ (ناد) اِقبال دھرم ، ساحل کول (سبزی) کاشی پھل ، لوکی ، گیا۔ پھلی ۔۔۔۔

(۱) کاشر زبان چھےٚ ہماچل کس چیمہ علاقس منز کنیشن جاین بولنہٕ یوان۔

وٕنۍ وِلیٖسے اَسہِ کاشِر زَبٲنۍ منٛز تبدیٖلی ہیٚنٛدۍ آثار ییٚتہٕ میوٗ تہٕ ہیوٚ پانٛژٕ ترٛہیوٚ وَرییو پیٚٹھے
نظر گژھان ۔ اَتھ قِسمہٕ منٛز اَکھ توٲریخی پسِ منظر روزِ فایدٕ مٔنٛد ۔

یِتھی پٲٹھۍ کیٚنٛژَن دَہلیٚن منٛز پیٚیہ جموٗں و کشمیرکین سیٲسی، سمٲجی، اِقتصٲدی تہٕ تعلیٖمی
حالاتن منٛز کیٚنٛہہ خاص تبدیٖلی روٗنُما ۔ رِیاستس منٛز روٗدٕ سیٲسی تہٕ اِنتِظٲمی حالاتھ غٲر مُستحکم ۔
نتیٖجہٕ دِراو داریاہ کٲشرۍ نوجوان بٔہہ لٲکہٕ دَرایہٕ کٔشیرِ منٛزٕ روزگار کرِ بہانہٕ تہٕ وارٕ وارٕ بسیٖیہ مُلکہٕ کین
دٔیمین رِیاستن منٛز ۔ یِم سٔری نگرکین اَندرِمین علاقن منٛز روزان آسہِ ۔ تِمو منٛزٕ تہٕ دَرایہٕ
وارٕ وارٕ لُوکھ تہٕ بسیہٕ نوین کالونیین منٛز ۔ یِدِن مُنٛدگرٕ ترٛاوِتھ تہٕ نوین کالونیین منٛز بسِتھ
چُھہ نفسیات بَدلان تہٕ اَمیُک اثر پیوٚ کٲشرِ زَبٲنۍ پیٚٹھ تہٕ ۔ جوان مالیو ماجیو دِیت بچن سٟتۍ کٲشرِ
زبٲنۍ بدلہٕ ہِندی اُردوٗس منٛز کتھ کرنس پیٚٹھ زور ۔ ہِندی اُردوٗہس منٛز تہٕ پیٚیہ انگریزی زبٲنۍ
مُنٛد غٲر واجِب اِستعمال ۔ تِمن پیٚٹھ آیہ اَکھ جاے ہیٚمہٕ زبانہٕ تِمن پیٚٹھ لادنہٕ ۔ ① ہرگاہ یِم بچہٕ کٲشرۍ
پٲٹھۍ کتھ کرہَن تِمن آسہِ بےعزتی ییوان کرنہٕ یا اگر کٲشرۍ پٲٹھۍ کتھ کرہَن نہٕ تہٕ تِم آسہِ تِمہٕ سانہٕ
انگریزی اردوٗ ہِندی لفظ اِستعمال کرنہٕ خٲطرٕ motivate ییوان کرنہٕ ۔ یِتھ پٲٹھۍ بنییہٕ
یہٕ زبان ترٛٹھ کھِچرٕ ہِش بوٗسیہٕ تہٕ

---

① کیٚنٛہہ مِثالہٕ چھےٚ یِتھ پٲٹھۍ (ا) موٚل ماج لفظن ہُنٛدِ بدلہٕ مُمی پاپا یا مُمی ڈیڈی
(ب) ماسہ ماسٹر منٛد بدلہٕ کزن (پ) اکھ زٕ ترٛے بدلہٕ وَن ٹوٗ تھری ۔ ت صُبحُک چایہٕ
بدلہٕ بریک فاسٹ تہٕ یِتھے پٲٹھۍ لنٛچ تہٕ ڈِنَر ۔ ژٕندرٕ وار بوٚموار بدلہٕ مَنٛڈے
ٹیوٗزٕ ڈے ۔

عام پاٹھی ہفہم سپدن واجبی آس۔ غاًر مناسب حالاتو کِنی ژرا یہ ژرہیمِ طرفہ دیہاتن منز روزن وٲلی نوکری پیشہ یا تجارتھ پیشہ لُوکھ نہ لبسیہ سرینگرس یا اَمِہ چین نوین لبستین منز۔ تموتہ اپناد بچن ہتی زبانٕ ہنز یہاے فارمولا وُچھان وُچھان بنییہ بچن ہتی ہندی اور ڈوہس منز کتھ کرنی اکھ سماجی رُتبہ اکھ کرینز۔ بدپورتس اَتھ لسانی ماحولس منز گییہ بُزرگ پیپر خاصکر اَنہ پڑھ پیپر (misfit)۔ یہ وُنن گژھ نہ اسنگت زِ زبانٕ ہُند یہ Approach چھُ انسانہ سُند دیماغی ژھرہ رتہ اکہ حسابہ زبانٕ ہُند نہ کلچرک ایمان۔

عام پاٹھی چھ زبانٕ منز دوٚیہ قسمکی سسٹم (System) آسان۔ اکھ سسٹم گو لفظن ہُندتہ بیاکھ گو گرامرک۔ یم دوشوے سسٹم زانتھ چھُ اَسہ زبانٕ پیٹھ عبور سپدان۔ ہرگاہ اُسہ لفظ یہ پ گرامرس ضبطس تحت انوکھ نہ بولنہ چالنہ وقت ہکو اُسہ پریشانیَن منز مُبتلا گژھتھ۔ یتھے پاٹھی گرامرس پیٹھ عبور آسِتھ تہ چھُ لفظو بغار ساتہ زبانٕ ہُندگیان نامکمل۔ اَتھ پسِ منظرس تہ اگر اُسی کاشرِ زبانٕ ہنز کتھ کرو تیلہ چھے کینہہ اہم کتھ دوتھان۔ کاشُر بولن وٲلی چھِ بچن کاشرس منز انگریزی ہینڈیک غاًر ضورُوری لفظ استمال کرناوان۔ کیا اَمہ سِتی چھا کاشرِ زبانٕ ہُند شوٚود تہ خالص رُوپ مُتاثر گژھان؟ یِیے تیتھ یہ وُنن چھُ مناسب زِ کانہہ تہ زبان چھینہ لفظو کِنی شوٚوز یا خالص آسان۔ زبان خاصکرتھ دوٚن زبان چھے دوٚیمین زبانَن ہُندی عام فہم لفظ بے شونکی پاٹھی پانہ ناوان تہ پننس لفظی سرمایس

ڈُسہ جاد دِوان - یِم لفظ کُنہ زبانِ منز ڈوہمیو زبانہ نو پیٹھ یِوان تمن چھ آگنت یا مُستعار لفظ وَنان - یِم مُستعار لفظ ییلہِ اہلِ زبان پَچاوان چھِ تِم چھ تمہ زبانِ ہنٛدی پننی لفظ بنان۔ انگریزی زبانِ ہنٛدی ۷۵ فیصدی لفظ چھِ مُستعار۔ اَتھ چھ صرف ۲۵ ہے فیصد لفظ پننی۔ دراصل چھ اَسی ڈوہمین زبانن ہنٛدی لفظ ییمہِ کنی پانہ ناوان تہٕ کیازِ اَسہ چھُ پننہِ زبانِ منز لفظ ژھرہ بر باسان - دِیان ییلہ سنسکرت زبان عُرُوج پیٹھ اَس امہِ زبانِ تہٕ آسہ تَن ڈوہمین زبانن ہنٛدی لفظ پانہ ناوی مِتی - ہِنٛہ پاٹھی اگر کاشر زبانِ انگریزی، ہنٛدی اُردو، فارسی، عربی وغارِہ زبانن ہنٛدی لفظ پانہ ناوی یہ کنہ مانو اکہ جایہ کھمی - پرانہِ کالہ پیٹھے چھ امہِ زبانِ ڈوہمین زبانن ہنٛدی لفظ کاشر اوی مِتی۔ اِستقابیاتکہِ جایہ ہیکو کہ اَسی کاشرِ زبانِ ہنٛدی لفظ ترِن حصن منز باگرٲوِتھ۔ تنت سم، تدبھو تہٕ دیشج -

تنت سم گییہِ تِم لفظ یِم مولہِ تلہ سنسکرتکی لفظ چھ تہٕ یِم چھِ کاشرس منز لگ بھگ تِتھے پاٹھی بولنہ یِوان ییتھ پاٹھی یِم سنسکرتس منز بولنہ یِوان چھِ۔ سنسکرتکی پاٹھی چھے یہ لفظ سمپدا کاشرس منز انگریزی، عربی، فارسی وغارِہ زبانن ہنٛدی تہٕ دستیاب .

مثالہ :۔ سنسکرت تنت سم ——— تن، من، میمے، کال یش، ماتا، پاتال، آکاش، اوم، انت، سنسکار، یگیہ، پہیڑا، چِنتا وغارِہ۔ تدبھو گییہِ تِم لفظ یِم بنیادی سنسکرت، عربی، فارسی، انگریزی زبانن

ہنٛدی لفظ چھِ مگر وقتس ہتھٕ پکان پکان پھٕٹۍ ہیمن لفظن مَنٛز کٲشرِس مَنٛز مار فیپیاٚتی تبدیلی نظرِ گژھان۔ مثالہٕ شاپھ (شاپ) اہرہتھ (اہرت) پوشٹ (پُشٹ) دوکھ (دُکھ) سوکھ (سُکھ) پیتا (پِتا) اَن (अन्न) پنٛن (آتمن) زل (جل) وۄم (اوم) رٮ۪وش (رِشی) ترے (تریہ) ژور (چتوارِ) ساج (سانٛز) گرٕ (گرٛہ) ہیے (مِیا) پرتھوی (پرتھوی) بگوتی (بھگوتی) نَب (نبھ) بگوان (بھگوان) موٚدُر (مدھُر) باشا (بھاشا) اۄبُر (ابھر) بوے (برابر) پۄتُر (پُتر) انگوٹھ (انگوشٹ) اَنڈ (انت)۔ ---- وغاہر۔

(فارسی، عربی، ترکی) تت سم تہٕ تدبھو —— نار، زمستان، زمین سزا، عجیب، اجل، صبر، ساٚفی، کاٚفی، انبار، قینچی، تلی، خوتن، خان، چاکھمکھ تکاہر، سوگات ---- وغاہر۔

انگریزی تت سم :- اپیل، انجنیر، آفسر، نرس، ٹائی، سٹیمپ، سٹیج، سکوٗل، سپیشل، سٹی ہر، سپرنگ، ایجنٹ، ایجنسی، ایکٹ، پینٹ، کمشنر، کمشن، کمپنی، آرڈرلی، ریکروٹ، گلاس، گیس۔ ---- وغاہر۔

انگریزی تدبھو :- اردلی، رنگ روٹھ، افسر، انجنیر، پتلوٗن، کوٹھ، کلنڈر، کمیٹی، اجنٹ، اجنسی، گزٹھ، گلاس ----

کٲشرِس مَنٛز مانوکھ دیشج تِم لفظ یِم نہٕ تت سم چھِ۔ نہٕ تدبھو چھِ نہٕ چھِ بدیشی۔

یِم چھِ عام پٲٹھۍ کٲشُر زبٲنۍ ہِنٛدی پٔنٕنۍ لفظ مانٕنہٕ یِوان۔ اکھ دِلچسپ تہٕ اہم
سوال چھُ وو تھان زِ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز چھا پُرزی پٲٹھۍ تیٚتھ کاںٛہہ لفظ یُس زَن
اٚمیُک پٔنُن لفظ مانون۔ دیشج لفظن ہنٛز etymology طے کرٕنۍ چھ ضرورَتھ
چھپٕنہٕ پیوان۔ وٕلیسے یِمن لفظن ہنٛز etymology وَنُن چھے بڈٕ مُشکل کام۔
غالباً etymology طے نہٕ کرٕنہٕ کِنۍ پیٚھ اٚسی یِم لفظ شاید دیشج کِس کھاتس
منٛز ہِش مُش کرِتھ دٲرِتھ دِوان۔ کینٛہہ مایِتھ پٲٹھۍ زِ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛدی تِم
لفظ یِمن دیشج وَنو تِم ما چھِ تھےٚ پٲٹھۍ تدبھو۔ ییتھ پٲٹھۍ "تدبھو" تدبھو کِس
کھاتس منٛز چھُ شُمار یِوان کرنہٕ؟ اٚمہِ کتھہ ہنٛز تصدیق چھے ڈاکٹر پورن
سِنگھ ڈباس سٕنٛز کِتابہِ "ہندی میں دیشج شبد" ستۍ گژھان۔ ڈاکٹر
ڈباس چھے ہندی زبٲنۍ ہِنٛدِس لگ بھگ تِمن ۱۲۰۰ لفظن ہنٛز etymo
logy بڈ محنتہٕ سان مُقرر کرِتھ یِم دُنیِک تام دیشج اٚسی مانٕنہٕ یِوان۔
یِمن لفظن ہنٛز etmology چھکھ نہٕ دِنتھ ہیٚچمژ۔ تِہن لفظن چھُ سوالیہ
دِنہٕ آمُت تہٕ دۆیمُت زِ یِم لفظ چھ etymology Unknown۔
یہٕ کتھ نظرِ تل تھَوِتھ ہیکو وَنِتھ زِ کٲشرِ زبٲنۍ آسہٕ نہٕ پٔنُن کٲشُر لفظ کاںٛہہ
تہٕ۔ اٚمہِ آسن بۆرونٛتھ کالہٕ دۆیمین زبانن ہِنٛدی لفظ کٲشرٲوی ہیٚنۍ تہٕ غلطی
سبٕبہٕ چھِ اٚسی تِمن لفظن دیشج زَنان۔ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ چھُ ورٲتھس منٛز
سنسکرت تہٕ دۆیمین زبانن ہِنٛدی لفظ مِلی میٚتی۔ لِسانیاتکہِ حسابہٕ چھپٕنہٕ یہٕ کتھ
ناممکن زِ کٲشرِ زبٲنۍ آسہٕ نہٕ پٔنُن لفظ کاںٛہہ تہٕ۔ مگر ثبوت کرِتھ تہٕ وَنو

زِ یہِ کنھہ سہر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ برونٛہہ کُن بٔیہِ تحقیق کرنٕچ ضۆرۆرتھ۔

کاشِر زبانہِ منٛز چھِ سنسکرتکۍ لفظ تت سم تہٕ تدبھو دۄشوٕنی رٔنگن منٛز میلان۔ وراثتس منٛز میلی متۍ لفظ نظر انداز کٔرِتھ دۆیمین زبانن ہٕنٛدۍ لفظ پانہٕ ناوٕنۍ چھِنہٕ جان کتھ۔ یہِ گوٚ کاشِر زبانہِ ہٕنٛز انیاے کرُن۔ یہِ کتھ زانٛنۍ چھےٚ ضۆرۆرۍ زِ اۆردۄ، فارسی، عربی زبانن ہٕنٛدِ اثر بروٚنٛہہ آسۍ کاشِر زبانہِ منٛز چھِ سنسکرتکۍ لفظ میلان۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اتھ منٛز انگریزی لفظ بے وایہِ پاٹھۍ شامِل کرنہٕ۔

یِتھہِ پاٹھۍ چھےٚ کتھ صاف گژھان زِ لفظو رنٛگۍ چھِنہٕ کاشِر زبان خالص یا شوٗد۔ دَراصل دۆیمین زبانن ہٕنٛدۍ عام فہم لفظ پانہٕ ناوٕنۍ چھِنہٕ خراب کتھ۔ مگر یِمن لفظن ہُنٛد استعمال گژھِ نہٕ غٲر ضۆرۆرۍ تہٕ بناوٕنۍ آسُن یِیلہِ زبانہِ منٛز پیرم پرایہِ ہٕنٛدۍ لفظ مۆجوٗد آسن تتھ حالتس منٛز دۆیمین زبانن ہٕنٛدۍ لفظ ووٗزم انہٕ نگ مطلب کیا چھُ؟ یہِ چھےٚ زبانہِ سیٚتۍ زیادتی تہٕ باقے چھےٚ بولن والۍ سٕنٛز حالتھ کٹھس لایکھ گژھان۔ یِمہِ ہٕنٛز تصدیق گژھِ یِمو مِثالو سیٚتۍ ——

| پیرم پرایہِ ہُنٛد کاشُر | انگریزی کاشُر |
| --- | --- |
| (۱) کاشُر:۔ یہِ چھُ میٚون گرٕ۔ | کاشُر:۔ یہِ چھُ میٚون ہوم۔ |
| ہِندی:۔ یہ میرا گھر ہے۔ | ہِندی:۔ یہ میرا ہوم ہے۔ |

۲. کأشُر:- سُریندر چھُ میأنِس ماماجی سُنٛد نیچو۔ کأشُر:- سُریندر چھُ میأنِس maternal uncle سُنٛد son۔

ہِندی:- سُریندر میرے ماما کا بیٹا ہے۔ ہِندی:- سریندر میرے natural uncle کا son ہے۔

۳. کأشُر:- سُہ چھُ کِتاب پران۔ کأشُر:- سُہ چھُ بُک پران۔

ہِندی:- وہ کِتاب پڑھتا ہے۔ ہِندی:- وہ بُک پڑھ رہا ہے۔

یِتھے پأٹھۍ کأشُر نِما ہِندی اَوَر دُوٕ چہ کیٚنٛہہ مِثالہٕ یِمہ چھےٚ یِتھ پأٹھۍ:-

۱:- میں نے بتہ ہیوٚنڈ کھایا۔

۲:- مُنا گاسہٕ گاسہٕ پکو بوٗٹھ خراب ہو جایگا۔

۳:- وہ میرا ماسٹر بوے ہے۔

۴:- بنٹیا تیرے کو کونسی تھپھ ہو گئی۔

یِمو مِثالو سٟتۍ چھُ صاف گژھان زِ پرمپرایہٕ ہِندِس کأشرِس مَنٛز چھُ پنُن آسنگ باو۔ انگریزی کأشُر چھُ صاف پأٹھۍ بناوٕنۍ باسان۔ کأشرِ زَبأنۍ مَنٛز انگریزی یا ہِندی لفظ وَرتاوِتھ تہٕ چھِہ أسۍ کأشُر بولان نہٕ کیازِ زَبأنۍ ہُنٛز ساخت یا بناوٹ چھےٚ کأشرِ زَبأنۍ ہُنٛز۔ گرامرُک ضبط چھُ کأشُر۔ مگر یتہٕ پٕھ چھُ تھی زِ لفظ زٕھرِ کم کرنہٕ خاطرٕ دوٚہمین زبانن ہِندی لفظ پانہٕ ناونۍ چِھنہٕ خراب کنہ۔ ہمیٚن عام فہم لفظن ہُنٛز کٔمی باسہٕ تم لفظ گژھن ضروٗر پانہٕ ناونہٕ ینۍ۔ امہٕ عملہٕ سٟتۍ چھُ زَبأنۍ ہُنٛد لفظی سرمایہٕ مضبوط

بنان۔ نہ بٲنی ہنز گنگایہ چھُ سنبرنہٕ دُپہ جار لگان۔ مایگرلیشنہٕ پتہٕ اپناوی کٲشر بولن والیو انگریزی تہٕ ہندی لفظ بُدلس تیداوس منز تہٕ یہ عمل چھے جٲری۔ کٔشیرِ منز اَس یہ عمل ہوٚت ہۄد۔ اکہِ طرفہٕ اگر یہ عمل صحی چھے مگر دوٚیمہِ طرفہٕ اگر زبٲنی رپی ہکانس سۄنانہ ہینہٕ رقبتہٕ دارِ دروازہٕ ڈکھی رٚودی یہ طوٗفان ہیٚکہِ اَتھ ہکانس نوقصان واتہٕ ناوتھ۔ اَمہِ کِنہٕ چھے وقتچ ضۄرۄرتھ زِ اتھ ہکانس گرٚزھن وقتہٕ ضۄرۄرتھ دارِ بَر بند کرنہٕ ینی۔

ہِیُمہِ رفتارہٕ کٲشر زبٲنی ہُند لفظی سرمایہ نظر انداز چھُ سیدان۔ باسان چھُ برۄنہہ کُن ماگرِ ہ اَمہِ سرمایک بوٚڈ حِصہ اَتھہ منزٕ نیرِتھ۔ ممکن چھُ اَسہِ ماپین کٲشرِ پاٹھی نکھنٹو لیکھنی۔

---

1: —— پرانہٕ زمانہٕ گیہ وق بدلنس ستی دیُدک زبٲنی ہندی واریاہ لفظ پتھ کُن تکیارِ نم لفظ آیہ تہٕ ورتاوس منز اَنہٕ۔ ظاہر چھُ زِ نوِ پیپرِ ہیٚکہٕ ہان تہٕ ہمن لفظن ہُند مطلب سمجھتھ تہٕ وید ہرِتھ۔ تمہِ وقتکیو عالمو کۄر ہوٚصلوس زِ پتھ گامتین لفظن پیٹھ گرٚزھن ڈکشنری بناونہٕ ینہٕ۔ دٔپان چھِ پتھ پاٹھی آیہ اردہ ڈکشنری تیار کرنہٕ نرِوکت ، ( निरुक्त ) چھے اَمی پرم پرایہ ہنز اکھ مشہور ، ڈکشنری۔

یہِ کٲم یوٗت بہ تیوٗت جلد ییہِ کرنہٕ تیوٗت گژھہ جان۔ کٲشرِ زبٲنۍ
ہِنٛدۍ واریاہ لفظ محاورٕ، کہاوتہٕ، دوہَن ہِنٛدۍ ناو، گرٛنڈِ ہِنٛدۍ لفظ کلچرکی
لفظ ــــــ ییمن پیٹھ نِگھنٹوٗ تیار کرنٕچ چھےٚ وقتیٚچ بڈٕ ضروٗرتھ۔ ہُرتھ جاتی
چھےٚ کھان پانٛژ دوتسوٗن، پلو پوشاکہٕ، درٛیٚچ، زبٲنۍ ہُنٛز پرمپرا آسان۔ ہُرتھ
کاہُر جاتی چھےٚ ییمن پیٹھ تحریر کران۔ اگر یِم چیز روزن نہٕ تیٚلہِ ہیکہِ اکھ جاتی ہُنٛز
ہُرزنتھ ختم گژھِتھ۔ ماجہِ زیوٕ چھےٚ کلچر رَچھنہٕ خٲطرٕ تہٕ پیر در پیر اتھ برونٛٹھ
پکنہٕ ناونہٕ خٲطر اکھ زورٕ دار ذریعہ۔ اگر نہٕ ماجہِ زیوٕ روزِ آسہ کنہٕ روزٕ دہ۔
مول ماج چھنہٕ سارۍ سیٚے وانٛسہِ ساتھ دِوان مگر ماجہِ زیوٕ" چھےٚ آخری دَمس
تام پوشان۔ زبٲنۍ ہُنٛز ہیکن کمزوری یا کوتاہی آسِتھ مگر تمہِ کنہٕ چھنہٕ ماجہِ
ماجہِ زیوٕ نظر انداز یوان کرنہٕ۔ تمہِ کوتاہی ہیکو کھ دوٗر کٔرِتھ۔ ماجہِ زیوٕ
بغٲر چھہ اِنسان زنتہٕ جلاوطن گژھان۔ چاہے سُہ کٔتیاہ آسہٕ نہٕ پننہِ نَس
گرِ سیٚے منٛز روزان۔ ماجہِ زیوٕ منٛز سنہ باتھ کرنہٕ سیٚتۍ یا اتھ زبٲنۍ منٛز دہ کھ
دود باونہٕ سیٚتۍ چھُ پانُنیار یاسان۔ یُنتھ یاتہٕ نیار باوُن چھُنہٕ دوِ پر زبٲنۍ منٛز
عام پٲٹھۍ مُمکِن۔ انگریزی پرنہٕ لیکھنہٕ خٲطرٕ چھہ سارِسے دُنیاہس منٛز
سکوٗل، کالِج تہٕ یوٗنیورسٹی مگر ییمہ سہوٗلیژ چھنہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛدِ خٲطر
دستیاب۔ ماجہِ زیوٕ کٲشرِ اگر اکِہ پھِرِ ژھینہٕ گیہِ پتہٕ یہ لبنۍ چھےٚ سیٹھاہ
مُشکل۔

ڈسکورس (Discourse) سطحس پیٹھ وُچھو اسہِ کٲشرِ

زبانٕ ہِنٛدِ نہٕ رٕپ ۔ اکھ گوشہٕ رٕپ یُس کاشُر زبانٕ ہُنٛد پیرم پرایہٕ ہُنٛد رٕپ چھُ تہٕ اتھ منٛز چھُ سنسکرت فارسی، عربی، زبانن ہِنٛدِ تت سم تہٕ تدبھو رٕپ میلان ۔ دوٚیم گوشہٕ رٕپ یتھ انگریزی ہِنٛدی اردوکین لفظن ہٕنٛز بَرتٕری چھےٚ ۔ خاکہٕ ستۍ ہیکو کھ زبانٕ ہٕنٛز یمہٕ زٕ جیتھٕر یتھ پاٹھۍ زانِتھ ۔

خاکہٕ نمبر 1

کاشُر زبانٕ ہِنٛد رٕپ یتھ منٛز پیرم پرایہٕ ہِنٛدِ لفظ اِستعمال چھِ یوان کرنہٕ ۔

خاکہ نمبر ۲

کاشُر زبانٕ ہُنٛد رٕپ یتھ منٛز انگریزی ہِندی اردو لفظن ہُنٛد کافی اِستعمال چھُ سپدان ۔

دٕقیٖق ضروٗرتھ چھےٚ زِ یمن دون جیتھٕرن گژھ assimilation سپدُن ۔ اُمیک مطلب گو یہِ تہِ انگریزی لفظ گژھن اِستعمال سپدنۍ یمن ہٕنٛز پٕزۍ پاٹھۍ چھےٚ اسہِ کٲنٛہہ باسان ۔ لفظن ہٕنٛز یہِ جیتھ ہیکون یتھ پاٹھۍ سمجِتھ :-

خاکہٕ نمبر 1

کاشُر زبانٕ ہِنٛدِ رٕپ یتھ منٛز صِرف پیرم پرایہٕ ہِنٛدِ لفظ چھِ اِستعمال کرنہٕ یوان ۔

خاکہٕ نمبر ۲

کاشُر زبانٕ ہُنٛد رٕپ یتھ منٛز انگریزی، ہِندی اردو لفظن ہُنٛد چھُ کافی اِستعمال سپدان ۔

ہمو خاکو ستی چھ کنھ صاف گژھان زِ ڈوہیمین زبانن ہنٛدی لفظ گژھن ضوٗرۍ پانہٕ نادنہٕ یِنۍ۔ مگر زور زبردستی گژھ تیٚن زبانن ہندی غار ضوٗرۍ لفظ پانہٕ نادنہٕ ستی چھے زبانن ہٕنز پننی پرکرتھ متاثر گژھان تہٕ اتھ منٛز چھ بناوٹی پن یوان۔ اَمہِ زور زبردستی ہُنٛد نتیجہٕ چھُ زِ ساںنۍ نوجوان پیٖڑِ چھ ژٔنٛدرٕ وار بوٚم وار بدلہٕ Monday , Tuesday اکھ زٕ ترٛیے بدلہٕ one two three ونہٕ خاطرٕ مجبور۔ رِشتہٕ داری ہنٛدی لفظ چھ سٕستہٕ گامتۍ۔ دید ہنٛیبہ ووٚنی نانی یا دادی۔ بہٕ چھُس ساںنہٕ پرم پرایہ حسابہٕ ٹھکہ ٹاٹھیاجی، لالاجی، کاکنی، بابی، بوبوجی، ٹاٹھی جگری ——— کیا یِم لفظ چھا نظر انداز کرنس لایکھ؟

سوال چھ پیدٕ گژھان زِ زبانی ہُنٛد یہٕ Scenario بدلیو صرف مایگریشنہٕ کنی؟ دراصل اَتھ ہوس ہُنی یادٔ آس کٲشرِ منٛز بروٚنٹھے پیہمژ مگر اَسیک وآبر اوس موجود۔ عام پاٹھۍ اوس یہٕ زبانی ہُنٛد ماحول سرینگرٕ تہٕ قصبن منٛز خاصکرِتھ متوسط درجہٕ کین گرن منٛز نظرِ گژھان۔ مگر اَمہِ پتہٕ چھُ ووٚنی یہٕ رُجحان عام گرن منٛز تہٕ لبنہٕ یوان تہٕ یہٕ عمل چھے لگاتار جٲری۔ اگر اتھ رُجحانس بیٚٹھ لاگم آیہٕ نہٕ چارٕ نہٕ اَسی گژھو مستقبلس منٛز اکہِ بجہِ لفظِ سمپدایہ نِشہٕ محروٗم۔

مایگریشنہٕ پتہٕ آیہِ الگ الگ علاقن ہنٛدی کٲشر بولن والی اکھ اَکھ پنٛدس رآبطس منٛز۔ اَمہِ ستی پیو اکھ پنٛدِ علاقہٕ کِ تلفظک سرِ ہرک

intronation تہٕ بولن والین لفظن ہُنْد اثر۔ سری نگرُک تلفُظ چھُ کامراز تہٕ مرازکین بولن والین مُتاثر کران۔ یتھے پأٹھۍ ہیکہٕ سری نگرُک کأشُر بولن وول تہٕ مراز تہٕ کامرازکہِ تلفُظہٕ ستۍ اثر انداز گژھتھ۔ یِم اثراتھ ہیکن ثروتھ کُن نظرِ گژھتھ۔ یِہٕ ہیتھ ہیکون یِمہٕ خاکہٕ ستۍ سمجھتھ۔




یِمہٕ تجزیہ پیتہٕ چھِ کأشرِ زبأنۍ مُتلق کینہہ کتھ صاف گژھان۔ بڈ کتھ چھےٚ زِ کأشر زبأنۍ ہندِ الگ الگ گوشن پیٹھ خاصکرِتھ مائیگریشن ، (migration) کأشرِس پیٹھ چھےٚ قومی سطحس پیٹھ سیمنار کرناوُنۍ ضرورتھ یِم سیمنار گژھن Result oriented آسنۍ تہٕ یِم نتیجہ یِن اخذ کرنہٕ تتھ پیٹھ گژھ فوری عمل ینٔدنۍ۔ کأشرِ زبأنۍ چھےٚ کرناونۍ ضرورتھ language planning۔ اَمہٕ ستۍ ہیکہٕ

کأشرِ خاطرٕ دیوناگری لپی معیأری بناونہٕ یِتھ تہٕ کمی اِمتیأزی نِشانہٕ مُقرر کرنہٕ یِتھ۔

—٥—

یِتھ مقالس منز یِم ٹکنیکی لفظ ورتاوس منز چھ آمتی تِہندُ فہرست چھُ یِتھ پأٹھی:۔

| کأشُر بدل | انگریزی |
|---|---|
| تقابلی لِسانیات | Comperative Lingvistics |
| اِمتیأزی نِشانہٕ | Diacritical Marks |
| اِستقاقیات | Etymology |
| گرامرُک ضبط | Grammatical discipline- |
| تواریخی لسانیات | Historical Lingvistics |
| ہِند آریأئی پریوار | Indo-Europeon family |
| سُر لہر | Intonation |
| زبان 1 زبان ۲ | Lang. 1, 2 |
| زبأنۍ ہُند پریوار | Language family |
| لفظ سمپدا (لفظی سرمایہٕ) | Lexicon |
| سُنتھار لفظ | Loaned word |

Mother Tongue (MT) — ماجہِ زبو
Nature of the languge — زبانٕہ ہٕنٛز پٔژرکرٕتھ
Source language — مۆلادار زبان
uncontrolled atmosphere — بےٚ ضبط ماحول

کِتابن ہٕنٛد حوالہٕ :-

1. Bloomfield L — The lanuage India 1965.
2. Fishman J. A. (Editor) — Readings in the sociology of lanuage — Mounton & co N.V publishers, The Hague, 1972.
3. Hockett, charles (F) — A course in modern Linguistics the mecamillan Company New-yark, 1958.
4. Kapoor M.L (Dr.) — Kingdom of Kashmir. Kashmir history Pub-

Publications Jammu.

## हिन्दी - संस्कृत

5. उनाल, हरी सिंह (डॉ०) - हिन्दी में देशज शब्द
नेशनल पब्लिशिंग हाउस दिल्ली!

6. यास्क —— निरुक्त
चौखंबा संस्कृत प्रतिष्ठान वाराणसी!

7. वर्मा धीरेंद्र (डॉ०) - हिन्दी भाषा का इतिहास हिन्दुस्तानी एकेडमी
इलाहाबाद - 1973.

8. शर्मा पंडित श्रीराम -
संप० ऋग्वेद
संस्कृति संस्थान बरेली
उत्तर प्रदेश.

# سمپرتی

سنہٕ ژ ساس تہٕ شوٗرٕ گرٛھنس ہتہٕ ہتی آو سمپرتی ہنٛد الیکشن کرناونہٕ یتھ منٛز اَمہِ کیو تمام بٔتی بادی ممبرو سرگرمی سان حِصہٕ نیوٚ۔ امہِ اِنتخابہٕ باپتھ اوس باضابطہٕ الیکشن آفسر مُقرر کرنہٕ آمُت یمہِ سمپرتی ہٕنٛدِس تحت سارٕے کاروایی مُکمل کٔرنہٕ ژ ورکنگ کمیٹی آیہٕ بارسس یوسہٕ یتھ کٔنہ چھےٚ۔

| | |
|---|---|
| ۱۔ شری موتی لال کیمو | صدر |
| ۲۔ ڈاکٹر آر۔ ایل۔ بٹ | نایب صدر |
| ۳۔ ڈاکٹر پدمی رٕوماتی | جنرل سیکریٹری |
| ۴۔ ماسٹر جےکِشن مکتوم | خزانچی |
| ۵۔ ڈاکٹر روشن صراف | پبلسٹی سیکریٹری |

۶۔ ڈاکٹر ایس۔ این کول ۔ میمبر
۷۔ ڈاکٹر ایم۔ کے۔ رینہٕ میمبر
۸۔ شری اومکار ناتھ بٹ کھٔماری ۔ میمبر

پتہٕ تِس صَدارتی تقریرِ منٛز کوٚر صاحبِ صدر موتی لال کیمو صابَن تمام ممبرَن ہُنٛد سُہ صدر مُنتخِب کرنَس پٮ۪ٹھ شُکریہ ادا۔ تِموٚ کوٚر سابقہٕ ورکنگ کمیٹی تہٕ سابقہٕ صدر ڈاکٹر رتن لال شانٛتن تہٕ سابقہٕ سیکریٹری رتن لال جوہر صابن خصوصی طور ذِکر تہٕ وَونکھ زِ یِہندِ زبردَست کوٗشِشو سٟتۍ بنوو سمپرتی پنُن اکھ خاص مُقام۔ سٟتی سر کتابی سِلسِلکۍ ژور اہم نمبر چھاپ کرناونس منٛز لوٚسہٕ یِمو محنت کٔر سو چھےٚ تھیکنَے لایکھ۔ بہٕ چھُس پنُن پننہِ طرفہٕ تہٕ سارِنٕے ممبرَن ہنٛدِ طرفہٕ امہِ باپتھ مبارک باد تہٕ دِلٕ تہٕ شُکریہ تہٕ ادا کران۔

اِدارٕ

# सम्प्रति

'सम्प्रति' का शब्दार्थ है अब, अभी! इस संस्था की स्थापना छः वर्ष पूर्व इसी उद्देश्य से हुई थी की कशमीर से विस्थापित लेखकों (विशेषकर कश्मीरी) के अभी के मसलों के बारे में सोचा जाये। अभी की समस्याएं क्या थीं?यह कि कश्मीर में न केवल उनके घर बार छूट गए थे बल्कि उनके अपने छोटे बड़े पुस्तकालय भी रह गए थे। लेखक की सबसे बड़ी संपत्ति उसकी पुस्तकें होती हैं। ज्यों-त्यों करके इन्होंने अपने लिए पुस्तकें जमा की थीं, जिन से अपना रोज़ का मानसिक संतोष प्राप्त करते थे। 1996 में इसी लिए इन लेखकों ने अपने आप को एक मंच पर संगठित किया। पहले केवल संस्कृति प्रतिष्ठान था यह। बाद में कश्मीरी भाषा एवं संस्कृति प्रतिष्ठान बन गया।

अपने अब तक के छः वर्ष के जीवनकाल में इस संगठन ने तीन बड़े दो-दिवसीय अखिल भारतीय लेखक सगोष्ठियाँ तथा सम्मेलन बुलाए। इन में से एक में जम्मू कश्मीर संस्कृति एकेडेमी ने पुस्तक प्रदर्शनी आयोजित करा के सहयोग दिया। एक और अर्थात 'नादिम सेमिनार' में इस एकेडेमी के अतिरिक्त पटियाला के NZCC का सहयोग मिला। तीसरे सम्मेलन में सीधा साहित्य अकादेमी के साथ सहयोग रहा। अकादेमी ने तमाम पत्र पाठकों को पारिश्रमिक तथा मानदेय दिया। इस सेमिनार में पहली बार कश्मीर के शीर्षस्थ कश्मीरी लेखक तथा बुद्धि जीवी प्रतिभागी थे। अकादेमी के अतिरिक्त एकेडेमी तथा पटियाला के उत्तर क्षेत्रीय संस्कृति केंद्र का भी सहयोग मिला। कुल मिलाकर यह जम्मू में कश्मीरी लेखकों का अपनी क़िस्म का सबसे बड़ा समागम था। यह कानफ्रेंस 'सम्प्रति' के सिर पर एक बहुमूल्य सेहरा है।

इनके अतिरिक्त 'सम्प्रति' में छोटे पैमाने पर कई स्थानीय सेमिनार हुए। इनमें से एक 'आधुनिक साहित्य' पर हुआ। सेमिनारों में पढ़े गए पत्र किताबी शक्ल में छप कर सामने आ गए हैं। 'सतीसर' श्रृंखला ऐसे ही प्रकाशनों पर आधारित है। आज तक कुल 4 'सतीसर' पुस्तकें प्रकाशित कराई गई हैं- दो विस्थापित पद्य और पद्य पर, एक उपर्युक्त 'आधुनिक साहित्य' पर और एक 'नादिम विशेषांक'। सतीसर की अगली कड़ी उन मुलाकातों पर आधारित होगी, जो 'सम्प्रति' के तत्वावधान में कुछ लब्धप्रतिष्ठ लेखकों के साथ कराई गई। इन में हरिकृष्ण कौल, अर्जुन देव मजबूर, पुष्कर भान तथा काशीनाथ बागवान हैं। इसके अतिरिक्त छोटी-मोटी साहित्यिक गोष्ठियाँ भी होती रहती हैं जिनके रचनाओं पर अलोचना होती हैं।

'सम्प्रति' के आगामी कार्यक्रमों में कालेज और स्कूल के बच्चों में कश्मीरी में डिबेट तथा लेखन प्रतियोगिताएँ कराना शामिल है, ताकि हमारी आगामी पीढ़ियाँ अपनी मातृभाषा से प्यार करना सीखें। कश्मीरी न बुलवा कर बच्चों को मातृभाषा से वंचित करने की प्रवृत्ति बढ़ रही है जो एक दुखद बात है। लेखकों की पुस्तकें भी तभी पढ़ी जाएंगी जब नए लोगों में इस भाषा को (भले ही देवनागरी लिपि में) पढ़ने की प्रवृत्ति बढ़े।